| | | |
|---|---|---|
| کتابِ ہُنٛد ناو | : | پگاہ شولہِ دُنیاہ |
| مُصنف | : | نثار نسیمؔ |
| اشاعت | : | 2012ء |
| کمپیوٹر کمپوزنگ | : | سید ضمیر اندرابی |
| پرنٹنگ پریس | : | جے کے آفسٹ پریس......نٔوی دِل |
| قیمت | : | -/Rs.350 (تین سو پچاس روپے) |
| لائبرری ایڈیشن | : | **-/Rs.400** (چار سو روپیہ) |

# انتساب

تھیٹرس ءستی وابستہٕ تمام فردن ہِندِ ناوٕ یم اَتھ فنس لول

بران چھِ ۔ تہٕ بٔیِہ پنہٕ نِس مأژِس ماجہِ ہِنٛدِ ناوٕ ۔

# ترتیب

# گوڈٕہ کتھ

- 1996 یا 1997 عیسوی ہس منز اوٗسُس بہٕ دِلہِ مرحوٗم موتی لال ساقیؔ
صابس نِش یہتھ تمو ووٗن زِ میٲنۍ پزٕ پٔنٕز ڈرامہ سوٗمبرن چھاپ کرٕنۍ۔ میٲنۍ ووٗنس
زِ میٲنۍ کینٛہہ ڈراما چھِ Controversial لہٰذا چھُ نہٕ وُنہٕ وَکھ زِ بہٕ کرٕ کتاب
چھاپ۔ تمو ووٗن ہرگاہ میون بوزکھ گوڈٕ ہ لیکھ تہٕ اَکھ کتاب یتھ اندر ڈراما
تحریک تہٕ امہِ چین حیثن ہنٛز کتھ آسہِ ۔ میٲنۍ ووٗنس یہِ چھِ زبر تجویز۔ مگر از تام
تہِ ہیٚکس نہٕ سو کتاب لیکھِتھ۔

میٲنۍ کوٗر رامہِ واقعہٕک امہِ موجوٗب ذِکر زِ وقتچ اہم ضروٗرتھ چھِ زِ کشیر منز
ڈراما تحریک تہٕ نوٚین فارمن پیٹھ یہِ کتاب لیکھنہٕ۔

"پگاہ شولہِ دُنیاہ" لیوٗکھ میٲنۍ 1978-79 عیسوی ہَس منز تہٕ امیک
گوڈنیک شو کوٚر اسہِ District Drama Festival
Baramulla حاجنس منز۔ یہِ اَس تمن گامن گُٹھن ہنٛز دلیل یِمن اندر وقتکۍ
ظالم لوٗکھ مذہبک غلط استعمال کرِتھ خوابن ہُنٛد بہانہٕ کرِتھ لوٗکن اصلہٕ نِشہِ دوٗر
تھاوان چھِ۔ اَتھ اند رچھُ میٲنۍ مایم ورتومُت یُس سبٹھاہ کامیاب روٗد۔ دینا
ناتھ نادِم چھُ سبٹھاہ تھدِ پایک نظم گوٚ کاشُر شاعر۔ "پگاہ شولہِ دنیاہ" نظم چھیٚے
میٲنۍ سبٹھاہ پسند تہٕ چوٗنکہِ یہِ ڈرامہ تہٕ چھُ سُہ پاٚے غام لوٗکن تام واتناوان یوٚس

تھنز نظم پأغام چھیٔ دِوان یا وومید چھیٔ کران۔ لہذا تھووِ میٔ اَتھ ڈرامہس یہوے ناؤ۔

ڈراما "سٔری پیٹھی" چھُ میٔ شیتھ اکہٕ شیتھس منز لیوٗکھمُت۔ ییٚلہِ یہِ ڈراماورملہِ اَسہِ ڈسٹرکٹ ڈراما فیسٹیولس منز گُنڈ......اَتھ آو گوڈنیک ینامہِ دِنہٕ۔ سٔری پیٹھی چھُ کأشرِ ڈراماتحریکہِ منز اَکھ سنگِ میل۔

یہِ اوس گوڈنیک تجربأتی ناٹک ییمہِ میانہِ ہم کال ڈراما لکھن والیٚن تجربہٕ کرنچ پزٕرنا یاوُتش دِژ۔ امہِ پتہٕ ییمہِ تھیٹرن تہِ یہِ ڈراما فیسٹولس منز گُنڈ تمن توٗر Best play ایوارڈ۔ کینژھو نقادو وون پتہٕ زِ یہِ ڈراما چھُ سیٹھاہ پونسہِ بچاونہٕ خأطرہ آمُت لکھنہٕ تہٕ میٔ کوٗر نہٕ تمن ستی کانہہ تہِ بحث۔ وجہ اوس زِ ییٚلہِ نہٕ نقادس یہِ پےٚ آسہِ زِ تجربأتی ڈراما چھِ نہٕ پونسہِ بچاونہٕ خأطرٕ ہ لکھنہٕ یوان ٹلی کہِ چھِ یہِ اَکھ ارتقأیی عمل آسان، تمِس ستی بحث کرُن چھُ فضوٗل آسان۔

میٔ چھُ 1975 عیسوی ہس منز گوڈنیک ڈراما "لوٗ گمُت نار" لیوٗکھمُت ییٚلہِ اَسہِ مانسبل ڈراما ٹکس صفا پوٗرٕہ قأیم کوٗر۔ مرحوم شانتی کول بنوو سرپرست۔ رشید غمگین۔ غلام محمد بٹ۔ شمس الدین۔ نوٗر محمد وانی۔ بشیر احمد پرے۔ نذیر احمد تہٕ بیٚیہِ تہٕ واریاہو ممبرو ووٚن مانسبل ڈراماٹکس بنیو وگرووٚنی گژھِ اَکھ ڈراما آسُن یُس اأسی لوٗکن برونٹھ کنہِ پیش کرو۔ کھوٗژی کھوٗژی ووٚن میٔ شانتی جیٚنس زِ میٔ چھُ اَکھ ڈراما لیوٗکھمُت یہٕ بوزناوِ توہہِ سارنے۔

یێلہِ میٚ ڈراما بوزنو وساٗرۍ گیہ خوش تہٕ تتھہٕ پاٹھۍ گومیون ڈراما لیکھنُک سِلسلہٕ شروع۔

ییٚ اَس رائے زِبہٕ دِمہٕ ڈراماسۆ مبرن ہنٛز ترتیب ؤ ریوٚ حِسابہٕ یعنی 75 منٛز ''لوٚ گمُت نار''، 76منٛز ''بہٕ تہٕ میأنۍ داٗدی''، 77منٛز ''بہٕ چھُس تتھے بدنام'' بیترٕ۔ مگر میأنۍ اَکہِ دوستن ووٚن زِ گوڈٕ ہ چھاپک ژٕ کینٛہہ خاص ڈراما......تہٕ تمی ژاٗرۍ یم ژور ڈراماہ ہنٛز سۆ مبرن توٚ ہہِ اتھن منٛز چھیٚے۔

1986 عیسوی ہس منٛز لیوٗکھ میٚ ڈراما ''سرفہٕ ییگہٕ''۔ یہِ چھِ پوٚ رانو منٛز ژاٗرہنٛز اَکھ کہانی۔ میٚ تتھےٚ کول صابن یہِ کہانی بوزناوٚ میٚ باسیو اَتھ اند ریم کردار چھِ تمِ چھِ ازکل تہِ سأنس سماجس منٛز لسان بسان تہٕ میٚ دیُت اَتھ ازُیک انہار تہٕ رنگ۔

یہِ ڈرامہ اوس مُلکہِ کِس اَکِس اہم ادارس یعنی سنگیت ناٹک اَکادمی ہِنٛدِس نارتھ زوٗن فیسٹولس اند رپیش کرُن۔ لہٰذا دیُت میٚ تھیٹرٕ کیٚو ذی شعوٗر ممبرو مشورٕہ زِ موتی لال کیموٗ جی انون صفا پور، تہٕ سہٕ بوزِ ناوون ڈراما۔ موتی لال کیمو صاٗبن تتھے ڈراما بوٗز تمو ووٚن صرف یُتے زِ پوٚرانِک کہاٗنی بانڈٕ پاٗتھر فارمہِ منٛز پیش کرُن باسیو میٚ گوڈٕ ہ یہ گیہِ خودکشی کرنس برابر۔ مگر یہِ چھِ واقعی قابلِ تعریف کوٗشش۔ پاٹرٛن ریٚتن Reharsal کرنہٕ پتہٕ کوٚر سرپھ ییگہِ اَسہِ اَتھ فیسٹولس منٛز کُرک شیترٕ یونیورسٹی منٛز پیش تہٕ اَتھ میوٗل واریاہ دادو

تحسین۔ مانسبل ڈرامہ ٹکس کیو کلا کاروعلاوہ کرِی اتھ اندر میأنی دوستن محمد امین بٹ صأبن تہِ کأم۔ تہٕ اِندر سُند رول ادا کرِتھ کوٚرُن داد حأصل۔ امہِ پتہٕ کرِی اَسہِ امِکی وارِیاہ شو...... ٹیگور ہالہِ۔ صفاپورہ۔ حاجنہٕ بیترِ جاین۔

1988 عیسوی ہَس منٛز لیوٗکھ میٚ ڈراما ''رازِ رێشِ وَنک''۔ اَتھ منٛز چھِ کردار جنگلی جانور مثلاً سہہ، ہاپت، ہوٚس، بیترِ۔ رێشِ وَن چھُ صفاپورہ اکہِ جنگلک ناو یتھ اندر رحیم صأبٕ صفاپوٗرِی عبادت چھێٚ کرمٕژ۔ تہٕ اَتھ جنگلس چھێٚ وارِیاہ تواریخی اہمیت تہٕ۔ امہِ وٕری أس اَسہِ تھیٹرس اندر رہنا موژ کری پأدٕ ہ گأمٕژ یہے اوس وجہ میٚ لیوٗکھ یہِ ڈراما۔ تتھے ڈراما ٹیگور ہالس منٛز پیش سپدِ کینژہ دوہ گژھتھے وأژ میٚ شێچھ زِ اکادمی ہندی افسرِ اعلیٰ چھی ژیٚ ژھانڈان۔ یہِ ووٚتس اکادمی تہٕ معراج الدین صأبن ہأو میٚ چیف منسٹر صأبنہِ آفسہٕ پێٹھ وأژمٕژ اَکھ چِٹھی۔ یتھ اندر اکادمی ہندن افسرن وننہٕ اوس آمُت زِ یہِ ڈراما چھُ موجوٗدٕ ہ حکوٗمتس خلاف۔ اَتھ گژھِ تحقیقات سپدٕن تہٕ امیک مُصنف گژھِ جیل یُن سوزنہٕ۔ معراج صأبن وون میٚ زِ یہِ دِمہٕ لِکھِتھ یہِ ڈراما چھُنہٕ میٚ C.M صأبس خلاف لیوٗکھمُت۔ مگر میٚ کوٚر اِنکار یہِ وٕنِتھ زِ ہرگاہ پزرس کُن گژھو میٚ اوس نہٕ یہِ ڈراما تمہِ وقتہٕ کُس چیف منسٹر ڈاکٹر فاروق عبداللہ صأبس خلاف لیوٗکھمُت۔ مگر یێلہِ بہٕ ازیہِ پران چھُس تمن تہِ چھُنہٕ کانٛہہ راہ اوسمُت۔ میٚ بوٗزا کہِ دوہ یہِ وُہری پتہٕ پننِس اَکِس دوستس نِش یُس اتھ ڈراما

فیسٹولس بج اوس زِ یٚیلہِ امہِ ڈراماٚستۍ حکوٗمتس کیاہ تام اوس باسیومُت، تمو بدلاٗو ڈرامہن ہنٛز ججمنٹ تہٕ اَتھ آوٕ دوٚیم بہترین ڈراما ینامہٕ دِنہٕ۔ گوڈٕ ہ نیٚک ینامہٕ آس کھیٚنہٕ۔ وجہ اوس یہِ زِ اگر تم اَتھ گوڈنیٚک ینامہٕ تھاوٕہن تیٚلہِ اوس اکادمی ہِنٛدِس خرچس پیٹھ امیک شو جمہِ تہِ کرُن تہٕ سہٕ کُس مائی کالال آسہِ ہے یُس پننہِ نوکری رِگند ہے۔

میأنٛز کینٛہہ ڈراماچھِ بانڈٕ پاٗتھر یعنی کاٗشرِ لُکہٕ تھیٹر فارمہِ اندر۔ تمیک خاص وجہ چھُ یہِ زِ ساٗنٛز لُکہٕ تھیٹرٕ چ فارم چھِ سبٹھاہ مظبوط تہٕ مستحکم۔ اَتھ اندر رچھیٚے تم ساٗری وصف یِم اَرِکس جدید تھیٹرس منٛز موجوٗد چھِ۔ یِم ڈراماچھِ حالس اندر تہِ گندنہٕ یوان تہٕ ماٗدانن منٛز تہٕ۔ ساٗنٛز بانڈ روٗدی اکثر پرأنۍ تہٕ روایتی ڈراما گندان یٚیمہِ رِکنۍ اَتھ صنفس منٛز زیادہ بُرزرٕ ہیٚوک نہٕ گژھتھ۔ اگرچہِ محمد سبحان بھگتن تہٕ غلام علی مجبوٗرن اَسی کینٛہہ نٔوی ڈراما لیکھمتۍ مگر اکثر بانڈ وتھاٗو یہِ بجلی تہٕ آبس تامے محدوٗد۔ یَتھ کتھِ چھُنہٕ کانٛہہ اِنکار زِ موتی لال کیموصاٗبن کیاہ بخش نہٕ لُکہٕ پاٗتھرس اَکھ نوٚ وزوٗ زبتہٕ تہٕ نوانہار۔ مگر باقیو قلم کارن تہِ پزِن اَتھ اندر نوٚی نوٚی تجربہٕ کرِنۍ۔ اَتھ فارمہِ تحت ہیٚکن جان جان تجربہٕ تہِ کرنہٕ یتھ۔ یتھٕ پاٗٹھۍ میٚے سرفہٕ یٚیکہِ۔ رانی دِدا۔ اَسی چھِ تمے۔ بازرٕ وُچھمَے تماشا بیترٕ ہ ڈراما لیکھِتھ پننہِ لُکہٕ فارمہِ لول بوٚر۔

یِم کینٛہہ واعقات لیکھتھ اوس نہٕ میون غرض تُہۍ بور کرنس۔ مگراَتھ چھُ اَکھ

خاص وجہ۔ سہٕ گوییلہِ 1988 عیسوی ہَس منز محمد امین بٹ۔ عزیز حاجنی۔ بھوانی بشیر یاسر۔ گلزار احمد گنایی۔ رشید غمگین۔ شفیق قریشی۔ رشید برقی۔ بشیر قادری تہٕ بہٕ بیٚیہِ سانیٚو کینژھو دوستو یہِ فأصلہٕ کوٚر زِ أسی دِموڈرامہس اَکھ طرر تہٕ رفتار تیز راونہٕ خاطرٕ ہ اکھ تنظیم تہٕ اکادمی ہِندی پأٹھی کروٚپننِن محدوٗد وسیلن ہِنٛدِ ذریعہ اَکھ سہٕ فیسٹول یَتھ اند رکشیرِ ہِنٛزی سأری تھیٹر حصہٕ نینی۔ اِتھ پأٹھی آیہِ وجوٗدس منز EKTA یعنی Ensumlat of Kashmiri theatre association بارسس تہٕ اَسہِ کوٚر گوڈنیک ڈراما فیسٹول یَتھ ناوتھوو بڈ شاہ تھیٹر فیسٹول یَتھ اند ر 6 ڈراما پیش سپدی۔ ڈرامہس ستی لوے کھوے تھاون وألی گیہِ سٮ۪ٹھاہ شادمان تہٕ وومید ہُنٛد ژونگ رٗو دزوتان۔ مگر تتھے 1989 عیسوی ہس منز ولہٕ ہٕرِش ؤژھ سأری سے پیٚو ڈوتھ تہٕ دزٕونی تہٕ پربز لوٗنی ژأنگو گیہِ ژھیٚتہٕ۔

1996 عیسوی ہس منز کوٚر سیکریٹری اکادمی بلونت ٹھوکرن تہٕ میےٚ گوڈٕ ہ الگ مشورٕ ہ زِ اَکھ ڈراما فیسٹول کرو شروع یُس پتہٕ ریڈیو کشمیرٕ کس آڈیٹوریمس منز منعقد سپُد۔ تہٕ یتھ پأٹھی گیہِ بیٚیہِ شیٚیہِ ستہِ وُہری ڈراما تحریک کشیرِ اند ر شروع۔

اَتھ دوران گیہِ ڈراما تحریک ستی کینہہ گایلہٕ تہِ۔ تہِ زن گوٚو تِمو لوکو ہٮ۪تی تھیٹرس متعلق داوا کرٕنی یم نہٕ اوٚ تام کُنہِ وجوٗدسے أسی یا یم نمتہٕ پتہٕ حالاتو

بارسس اُئی ۔ اوڑ یور یم چھکنہٕ اُسۍ آمتۍ تمن آیہِ Funds دِنہٕ تہٕ تھیٹرٕ کس ناوس پیٹھ بناوٕ تموگرٕ۔

یہِ سورُے تہِ چھُ سپدان تہٕ آیندہ تہِ روزِہ سپدان۔ مگر خوش قسمتی تہِ چھِہ زِ کینژہن نوی کلب گیہِ قایم تہٕ کینژہن تھیٹر کرن والی تہِ آیہِ ماٗدانس اندر ییم وُنکیس تھٕکنی لایق کاٗم چھِہ کران تہٕ یمن پیٹھ میۍ فخر تہِ چھُ زِ یم پکہٕ ناون یہِ تھیٹرٕچ ناوٕ واوٕ کی پاٹھی۔

بہٕ اوسُس قریبن پرٕ بتھ وہری اکھ اکھ نوٚ و ڈراما لیکھان 1989 عیسوی ہَس تام۔ مگر 1991 عیسوی ہس منز ییلہِ میۍ ریڈیو کشمیر join کوٚر تنہٕ زن اُلج میۍ کھے تہٕ یمن 20 ؤرین اندر لیکھی میۍ صرف ژور سٹیج ڈراما۔

بہٕ اگر پننین باقی ڈراماہن پیٹھ گتھ کرٕ تیلہِ روزن ڈراما اُتی تہٕ ساقی صاٗنہٕ اِچھا گژھِ پوٗرٕ۔ بہٕ چھُس ستیش وِملن تہِ مشکوٗر یُس پرٕ بتھ دوہہ میۍ پامہٕ اوس دِوان زِ ژٕ نہ حض چھا پکھ زانہہ پننۍ ڈراماتہٕ بہٕ گوس مجبوٗر ییم ژور ڈراما چھاپ کرنس۔

بہٕ چھُس سید ہمایوں قیصر سُند شکر یہ ادا کران تیمی ییمہِ کتابہِ ہُند سرورق تیار کوٚر۔

☆☆☆

# پگاہ شولہِ دُنیاہ

کردار:

| | | | |
|---|---|---|---|
| ۱۔ | عزیز جان | : | اَکھ گامہٕ زیُٹھ |
| ۲۔ | جان صأب | : | عزیز خانُن نچؤ |
| ۳۔ | ارشد | : | عزیز خانُن بٕنتھر |
| ۴۔ | سُبحان | : | عزیز خانُن ہٕہر |
| ۵۔ | شمس الدین | : | اَکھ انقلأبۍ نوجوان |
| ۶۔ | علی محمد | : | بیّاکھ انقلأبۍ نوجوان |
| ۷۔ | غلام رسۆل | : | اَکھ گامہٕ وول |
| ۸۔ | مختار صأب | : | اَکھ آفیسر |
| ۹۔ | رمضان | : | دوٚب |
| ۱۰۔ | کینہہ گامہٕ وألی | | |

# پگاہ شولہِ دُنیاہ

## سین ...... ا

(ترٛتھوٗے پرٕدٕ ہ ووتھان چھُ سٹیجس پیٹھ چھُ پَتھ کُن اکھ جان مکانٕک برونہٕم حِصہٕ بوزٕنہٕ یوان ...... دٔچھنہِ طرفہٕ چھِ کینٛہہ کُلۍ زن تہٕ اورٕ یورٕ لاگتھ پٔتمہِ طرفہٕ تریٚےٚ حِصہٕ ...... سٹیج چھُ خالی ...... اَتھ حِصس چھُ مادان ہیوٚ بناوِتھ ...... مکانہٕ پیٹھ ماٗدانس تام چھِ دوٗ رِپیٹھ نزدیکھ تام زن تہٕ وَتھ ہش ............ پتٕ کنیٚ چھِ صبح بانگ گژھان ...... تہٕ عزیز خان چھُ کاڈکڈان ...... مکانہٕ پیٹھ برونٛٹھ کُن پکان ...... تہٕ زامن کران کران آلو کران جانس ...... لایٹ چھِ کم آسان یعنی Blue Light۔

عزیز جان: (زامن کران) ہیو جانا ...... جانو ...... ہیو جانہٕ صاٗبا ...... جانو ...... ہتا بہرام گوراہ تلا ووتھ ہندرِ ...... بانگ ہاپٕرکھ ووتھ تا ؤنی ...... نمازِ سجدہ دیتا ...... ہیو کتھوٚ چھُنے اَتھ نندرِ کُن ہوومُت ...... کالہٕ چھُکھ شونگان شامے ...... تہٕ صبحس چھُکھ ووتھان پیٚشنس ...... ہتاہ اَچھن ہا گژھی دُشمنن کامبل ...... ہیو بوزان چھُکھا کِنہٕ کنن منز بریٚتھ اونگجہِ ...... ہتا میےٚ سونچاٗیو پٕرتھ گژھی اصلیچ پھرا عچھ زان ...... مگر ژیےٚ ڈٔجی پاٗرزان ...... تلا ژل امہِ شیطانہٕ ہنٛدِ ہ جندکہِ دُورنہِ منز ...... جانا ...... جانو (پکان ہنا برونٛٹھ کُن) تلا ووتھ تہٕ ...... بنہِ کیاہ اُمس ...... ہوومُت چھُنس اَتھ ہندرِ کُن (گاش پیوان زیادے) ہاں، اوہو ...... گاش ہیوٚ ژُن یِن ...... اُمۍ شیطانن کوٚرُس پننہِ کھوتہٕ بدتر ...... توبہ ...... توبہ ...... (نیران)۔

(بێکہِ طرفہٕ سٹیجہٕ کہِ چھِ یوان زٕ ترێیہ نفر ناگس کُن پکان ...... أڈی برٕش کران ...... أڈی مِسواکھ کران ...... بێکہِ طرفہٕ تہٕ چھِ أڈی سٹیجس پیٹھ اژان )

...... (غلام رسوٗل تہٕ سبحانہٕ پکہٕ وٹہٕ پکان )

غلام رسوٗل: سُبحانا ژیێ رکھیو کریوتھ تس گاوٗ ......

سُبحانہٕ: ہے کیاہ سائلی ...... یم کاشرِ گاوِ چھا گاوِ ...... کھیناہ دِتکھ أتھ روس ...... دود دِنے روپہٕ سُنڈ ناوٗ ۔

غلام رسوٗل: ونیوٗمے ناتمہِ دوہہ علی جوٗس ہا چھِ جرسی گاوٗ ............ ۔

سُبحانہٕ: ہے تمن ہسا چھیێ خسی یڈ آسان ...... مُلکُک گاسہٕ ہاسہٕ اوس میێ پتہٕ تمن تراوُن ...... تہٕ دوداوسُم پیالس منز آسان ہیوٚن

غلام رسوٗل: وُچھ کیاہ بتولہٕ چھُکھ ونان ...... ہیوٗسہ چھِ دہہ بہہ کِلوٗ دود دِیوان ...... خبرٕ ہے چھے نہٕ ...... بالٹین چھوٕ ہے کم دود ہینہٕ خاطرٕ ۔ (تام چھُ بیا کھ نفر یوان ) ۔

سُبحانہٕ: مگر أمی عزیز جانن ہسا ووٚن یمن چھُ کھیٚنے یوت پیٚوان دِیُن ۔

غلام رسوٗل: توٕے چھبس پانس ترێیہ گاوٗ ...... خرا ...... تام چھی وَتھ ہاونہٕ کھوتہٕ وَتھ ڈالان ...... (نفرس کُن ) ہیو وارے اوسہٕ کھاہ ۔

نفر: اَہن ساوارے ...... ژٕ اوسکھٕ ٹھیکھے ۔

غلام رسوٗل: (سُبحانس کُن ) دوٚپ مے ہا ...... تیٚلہِ ہاوُ چھے بہٕ بدلہٕ جایہٕ کانْہہ جان پہن گاواہ ...... چھا ٹھیک ...... (بێیہٕ نفر جوراہ یوان )

نفر دوٗیم : نساہ ژٕ کیا زِہ تراوَ کھنہٕ میٔے پنٕن زمین ...... ہرگاہ کٔمی پیشی چھِ آسان ...... سوٚ چھیٚے ہتہٕ وہری تہٕ کڈنہٕ یوان ......۔

تریٚم نفر : ژیٚے چھےٚ زیادے طمعن کلہٕ کوڈ مُت ...... پرُس ہےٚ اکہِ پھرِ میون زمین ...... یہُس گتھ لوٚ گہم بیٚیہِ پتہٕ ۔

نفر ۲ : ہتاہ ژٕ چھُکھ سوٚ تٔلِم بیرٕہ کالہٕ کاجہٕ غأب نِیوان گرِتھ ...... ژیٚے چھُیا ایمان ۔

تریٚم نفر : وُچھ کیاہ چھُ ونان ...... پنٕنی پام کیاہ چھُس بیٚیس تگان دِنی ...... ژٕے سأنی بیر راتھ کِتھ چھُکھ نِوان ژٕ ٹتھ ...... چأنی ٚکنی گوٚ ژھُس بہٕ ژیٚے سورُے زمین تراوُن ...... اِدٕ ہ گرشھکھ ژٕ خوش ۔

دوٗیم نفر : ہیو میٔے کتھو چون زمین بکار ...... بہٕ ہادہن گرٕن بتہٕ دِمہٕ ۔

تریٚم نفر : توٚے چھُکھ ناؤ ری پتہٕ وٗ ری زمین مینان ۔

دوٗیم نفر : ژیٚے تہِ چھُنے نابیرٕ ہ غأب کرنس گُن ہو مُت ۔

تریٚم نفر : گرشھ مین پانے ...... أنزہن پٹہٕ وأ رٕی بہٕ دِمےنہٕ اَکھ پوٗنسہٕ تہِ ۔

دوٗیم نفر : سہٕ وُچھو تمہِ دوٕ ہہ پانے ...... گُس دیہِ تہٕ گُس دیہِ نہٕ ...... (وُٹھن تہٕ اتھن حرکت کران ...... تام چھِ بیٚیہِ زٕ شمس تہٕ علی محمد برٕش کران کران پکان )۔

شمس : ( آلو کران ) علی محمدا ٹھہرٕ ؤ یکوٹہٕ ہا پکو۔

علی محمد: ہیو وارے...... پکھ جل جل ......۔

شمس: دوٚہَے ہایوٗس گتھ میٲنۍ وینیو مَے ...... تَتھ پتھ سونچو تھاہ۔

علی محمد: کوسۆ ...... گُلِچ ہا......۔

شمس: آہنۆ اِد کوس۔

علی محمد: خبر میٲنۍ چھنہٕ پتاہ...... ژینۍ چھوٗے میٲنۍ مارناونس غرض۔

شمس: میٲنۍ کوٚسۆ چھُ ماران تہٕ ۆنی مارنے ژینۍ۔

علی محمد: ۆنی کیاہ چھُ چون مطلب...... ویٚتھِ وَتھ ڈالنۍ۔

شمس الدین: ویٚتھِ ہُنٛد چھُ سہُ اَکھ شاخ...... تَتھ دپان پرٲنی سوٚ وٲس اٲمِس ژٕرہ جانہٕ سنٛدِ ہ زمینہٕ مٔنٛزی پکان۔

علی محمد: لوٚ تہٕ کرۆ کتھ ...... پِناہ کاژہہ بوزی......تہٕ زیوٚ کڈی مُلہٕ۔

شمس الدین: ژٕ چھکھ کھوژٕہ بُڈ...... بۆزی تن پتہٕ کیاہ گو...... یا گواپزٕ چھُ۔

علی محمد: اِدسا کھَس وولہٕ مونین ...... وَن کیاہ چھوٗے وَنُن۔

شمس الدین: دپان ہاٲمی ہیٚتی پربتھ کاٗنسہِ زٕہ زٕہ کامہِ ربتھ...... تہٕ تَتھ ویٚتھِ پھِرُن گامِکس زمینس کُن رُخ۔

علی محمد: ووراں چھکھ ...... ویٚتھِ کُس پھِرِہ رُخ۔

شمس الدین: لۆکھ ہا تہٕ کم ...... بیوقوفہٕ۔

علی محمد: ژٕ کیاہ سا کھیاوَکھ میٲنۍ تہِ نوکری تہٕ پانس تہٕ۔

شمس الدین: تلا خو دایہِ ہنٛدِ ہ پاسہٕ گژھتہٕ ہُشیار...... نوکری کُس کھیٚیہِ...... اِدہ چھُس اُمِس اپروچ...... اسہِ چھِنا پٔننہِ زنگہٕ...... ژٕ گژھ تہٕ کم سے کم بیٚدار۔

علی محمد: اِد با...... بہٕ گوس ہُشیار...... گامس کیاہ کرَکھ...... تِم کتہٕ مانن۔

شمس الدین: ژہ ہرگاہ پزٕ بیٚدار گژھکھ...... بہٕ ہاوے پتہٕ پانے......۔

علی محمد: وونٔی کیاہ چھُ کرُن......۔

شمس الدین: گوڈٕ ہا گژھن بونیٚن ہِوی بٔڈی...... تِم تریٚے گُلی ژھٕنٛنی...... یِم اُمی ہنٛدِ ہ طرفہٕ ویٚتھِ چھِ وَتھ ڈالان۔

علی محمد: (اسان) آہن سا انسانس پوشکھ نہٕ...... گُلی چھی ژٹٕنی۔

شمس الدین: ہیو تِم ہا گژھن ژھیٚنٕنی...... ژٕ وُچھتہٕ سأری گژھن ہُشیار۔

علی محمد: کربکواس (تام چھُ دوٚب اژان)۔

دھوٚب: اسلام علیکم......

غلام رسوٗل: وعلیکم سلام...... ہیو تِم پلو اُنٔی زِ ہے......

دھوٚب: پگاہ حض انہٕ ضروٗر...... تِمن چھُم گُنڈی کرٕنی۔

غلام رسوٗل: میٚے ہا اوس پیٚترس ہہرٕ سُند گژھُن۔

دھوٚب: پگاہ حض انہٕ ضروٗر...... (ناگس کُن گژھان...... تہٕ پلو ہیٚوان چھلٕنی)

سُبحانہٕ: خوجہٕ صأبس کرحض وورُس۔

نفر ۱: اسہِ حض اُس تورِ ہبنہِ آمژ ...... ونان اُس ترِیٚ دوہہ چھِ مالس۔

دویُم نفر: اِدہ کیاہ تیٚلہِ گو جانٕہ ...... یمن پانژن شیٚن دوہن چھِ موقلٕو ...... سأری ووِرس گرٛھی آءسنہٕ یمنی دوہن ...... یہٕ گرٛژھہ ہا پرٛبتھ جایہِ۔

غلام رسوٗل: اَہنس ساگدا اگر چھِنا پرٛبتھ جایہِ واتان ...... (سأری اسان)

ترِیُم نفر: اسہِ تہٕ موقلاٗ وِدوءگنہٕ ننٛد گرِتھ۔

سبحانہٕ: تیٚلہِ ہا ترِوتمہِ دوہہ یِکوٹے ناوِہ منٛز۔ (سأری ونان اِدہ کیاہ اِدہ کیاہ)

(گاش سوتان)



سیٖن ...... ۲

(لوٗکھ چھِ اَکھاَ رِکس تھپ گرِتھ زن ...... زن تہٕ ناوِہ منٛز پیاران ...... علی چھُ یوان تہٕ ناو چھِ ہیٚوان نیرٕنہٕ ...... آرٹسٹ چھِ تتھٕ پاٗٹھی بہتھ ...... زن چھِ یہِ ناوٕ باسان)

علی محمد: ٹھہرٕ شمس الدین ہا چھُ پکان ...... رژھہِ کھنجہِ ٹھہرٕ۔

اکھ نفر: ہیو ہا چھُس کھوژان ...... ہنا ناوِہ بار گرٛژھِ زیادٕ ہ تہٕ یہِ پھٹہِ۔

دویُم نفر: ژیٚنہٕ ہا چھُو ے زیادے زٕ ٹوٹھ ...... پتہٕ زن موٗ دُکھ ...... پتہٕ کوسہٕ فرق پیٚیہِ چانہِ ستی ......

ترٕیُم نفر: اکھتُے ہِن چانٕہن گھرِ کیٚن دانہِ خأرشیٚے سَتھ بچت ...... کھیٚوان تہِ ماپچُھکھ کم (اسان)۔

غلم رسوٗل: گوڈٕ ہا چھبس پنٕگتھاہ اَکھ ......۔

علی محمد: تیٚلہِ ہا گژھِہ توٗشن ییٚلہِ نوٗش گرٕہ واتہِ۔

اکم نفر: مطلب ......۔

علی محمد: ییٚلہِ تَتھ یُپ تراوِ تیٚلہِ گوپوٚز۔

دوٕیُم نفر: تلامہَ آس پھیٚشِل کتھٕ کران ...... خو دلیس پیٚٹھ ہا گژھِ پژھ تھاوِنی۔

ترٕیُم نفر: أتھی کیا ساچھُ فصل یہُس بڑٕہ جان ...... (شمس الدین یوان)

غلام رسوٗل: پگھ سا جل جل ...... ژٕ ریٚکوٚ رُتھ ...... (زَن تہٕ چھِ ناوٕ نیران)

شمس الدین: تلا بأ تھاہ وٕنیٚ ...... ہو تلا تُل جَل جَل بأ تھاہ ...... خوجہٕ صاٗبنٕ دری چھے۔

(سأری بأتھ ونان ...... زٕ ترٕیٚے نفر کھوریوٗ سٕتی ناوچلاوان ......)

برہم دِتھ وأج نس ہاناوے ...... غم چھُم یار ماراوے

ہاٗنز وناوچھے بہانے ...... تارُون تاردیہِ پانے

ہم کھورنم رٹوٗ ...... غم چھُم یار ماراوے

(بأتھ مو کلِتھ گاش کم گژھان)



## سین ......۳

(بێیہٕ گاش یوان ...... تہٕ أتھی منٛز واوو وتھان ...... رۄ دلاگان ...... تہٕ لۄکن چھلہٕ چھانگر گژھان ...... لۄکھ آسان پریشان ...... تام چھُ غلام رسۄل کریکھ دِوان ...... کریکھ بۄزِتھ چھِ سأری لۄکھ مأ دانس منٛز جمع گژھان ...... پریشانہٕ حال)

غلام رسۄل: ہیو وتھ ہاچھِ ژٔ ستھ آمٕژ ......وٕنی ناگوٚ ژھ ہ نہٕ بنٛڈ ژھیٚین۔

اکھ نفر: میانہِ دستگیرہ وۄزُل کوٚگُر کرنے نیاز ...... سون زمین رٕچھی زن۔

دوٚیم نفر: خودایہ بہ پاسہِ نبیؐ گرِی زِنارٕ منٛز گلزار۔

علی محمد: مگر ویتھِ نسا چھُنہٕ تیٚوت آب ...... یُتھ سہٕ بنٛڈ پراٹہِ۔

تریم نفر: ژیٚنے چھےٚ خبر کُنٛچ ...... پرأرِس اے امہِ کھوتہٕ کم آب اوس ...... ییٚلہِ سہٕ سألاب گوٚو۔

شمس الدین: مگر تمہِ آبہٕ ستی کتہٕ ژھینہٕ بنٛڈ ...... میٚنے چھُ باسان یہِ چھِ کہتام چال۔

سُبحانہٕ: ژیٚنے چھےٚ صرِف چال باسان ...... ژویہٕ باز ......۔

علی محمد: ہیو کرۄ ژھوپہٕ ...... زیادٕہ چھُکھ کالدأسی کران ...... بہٕ ہا کرِتھ سیٚود۔

سُبحانہٕ: چھُکھ ناژِبڈِس بب سُند نیچُو ...... بہٕ کرنا وے پکھی لار۔

شمس الدین: پئنیو کیلم زنگوءستی آ کِنہٕ جان صأبس اتھِ۔

سُبحانہٕ: کرٕ......کرٕ وٕنی کالدٲ سی بنٛد......

نفرا کھ: تلسا ژٕ ٹیوٗ کتھ...... میٚ وٕنی تو......صُبح پیٹھ دِژٕ تور کأنسہِ نظراہ۔

دوٕیم نفر: ہتاہ میٚ ناچھُنہٕ دِلی ٹھہران۔

ترِیم نفر: ژوریا پانژھ نفرہا گیہِ ووٕنی تور۔

شمس الدین: علی محمد تہٕ بہٕ درأے توٗری......مگر گوڑٕ ہ پییہِ تو ہہِ کُن نظر۔

سُبحانہٕ: میٚ نسا آیہِ رأتی راتس اکھ زولہٕ تہِ...... دپان اوسُس کرپھولہِ گاش تہٕ بہٕ دِمہٕ نظر۔

علی محمد: بہٕ ییٚتہِ جنگ کرنہِ ہچیا کھ......تہِ دِزِ ہے گوڑٕ ہ نظری۔

سبحانہٕ: ژیٚ چھی ناونان...... میٚ ستی مہٕ کر فضوٗل کلامہٕ۔

تام چھُ یوان نفرا کھ دوران دوران لوٗکن کُن...... تہٕ کریکہٕ دِوان

نفر اکھ: افسوٗس......تاون...... بنٛڈ ہا ژھیٚون......سہلاب گو۔

شمس الدین: گُلہٕ ترییٚ مانی سہلا بن......

نفرا کھ: نا (سأری گژھان رہتھ:...... تہِ کریکہٕ دیوان...... سہلاب ......سہلاب......سہلاب...... تہٕ گاش چھُ سوتان)

❁

## سین ...... ۴

( گامہٕ وأ لۍ ٹولین منز ہیتھ آسان ...... کینہہ چھِ کھڑ اسۆ ت سۆ ت گاش چھُ سارنی پیٹھ ...... سأری چھِ پریشان آسان )

غلام رسوٗل: ہیوبنہٕ رٕکھیو اسہٕ چھاتیلہٕ ؤنی مرنے۔

اکھ نفر: ہے یہٕ ہساہ گۆ وقہرِ ہ خوداہہٕ ...... اتھ کیاہ زان کروٕ۔

غلام رسوٗل: کر بکواس بنٛد ...... أسی چھِ پتہٕ سورُے خوداِیس کھالان ...... تٔمی ہےٚ دماغ چھُ دیتمُت۔

اکھ نفر: ہے چون مطلب چھا نعوٗذ باللہ چھُنہٕ خوادیس تام رٕکھٕنۍ ...... گوٗ ے رٕکھیو ژیتے۔

غلام رسوٗل: روٗٹن ...... کرؤنی ژھوپہٕ ...... وُچھ کیاہ وویفرات چھُ زیوِ کڈان ...... میون مطلب ہا چھُ تٔمی چھُ دماغ سونچنہٕ خأطرِ ہ دیتمُت ...... مُجہِ ووٗنتھ۔

دوٕیم نفر: أخر لگہِ رٕکتھ اَتھ وتھِ چأنٹۍ گنڈ۔

ترٕیم نفر: نا سارے کمایہٕ ہےٚ پیۆ ننہِ ننہٕ ڈوٹھ۔

دوٕیم نفر: یم ہا چھِ کینژھن ہنٛدی اعمالہِ بد آسان ...... یم سارنے ولان چھِ ...... اَکھ أکِسنٛدِس زمینس چھِ پتے آسان۔

ترٛیُم نفر: ہیوٗژیےٚ چھِیاہ پانٛس کم امالہِ بڈ...... ژٕ پکھ ہیٚیہٕ ہنٛدی ستۍ ولنہٕ۔

دوٛیُم نفر: ژیےٚ چھُے پنہٕ نُے شکہٕ پڑہ......نتہٕ کتہٕ ونیومَے ژیےٚ میٚے۔

ترٛیُم نفر: ناتہٕ وولہٕ دولہٕ وننہٕ ستۍ ماترہ میٚے فِکرِہ...... یا گوٗ و میٚے کاٰڑی چھِ۔

دوٛیُم نفر: ہے ژٕ ہالوٗ گُھ پٔتم اثرراونہِ...... کم یا زیادہ اوسے ......مگر سوٗرے نیوٗنے ڈٕہتھ۔

ترٛیُم نفر: میانہِ دستگیرِ گرٕ ھکھ ناکٔشتھ۔

علی محمد: میٚے چھُ باسان زن تہٕ کُستام چھُ............

رشید: کیاہ چھُے باسان۔

علی محمد: کُستام زن چھُ اَتھ بنٛڈس ژٹان۔

رشید: کیاہ چھُکھ ونان...... سہٕ کُس آسہِ یُس سارنیٕ ہُنٛد بدخواہ آسہِ......یُس لگہٕ ہنٛدِس زمینٛس ستۍ پنٕن زمین تہٕ تباہ کرِہ۔

علی محمد: نسا پٔنٕنس زمینٛس بچاونہٕ خاطرِہ......بیٚن ہُنٛد زمین آبس تل کران۔

رشید: ونان کیاہ سا خودغرضی چھُکھ ژٕ...... کولہِ بٔٹھِ اپارِہ چھُ عزیز کاکُن زمین ...... چون مطلب چھاسے چھُ یہِ کران......ژیےٚ چھِ کاٰڈی کام کران......سوٚرے توہہِ پٔنٕنیو اچھر والو ستۍ کھورن کنٛڈی چھُوٕ کڈان......یہِ چھبہٕ نتھ موزوٗری۔

علی محمد: نسا کُس تام آبہٕ گگر چھُ......بنٛڈس ٹلٕ ٹلٕی ہوٗ دگرِتھ آب ژانان۔

رشید: شکدر زٕ ژور گرٕچھو تھاوٕنٕ ......یم زن ژوٗ رس رٹہٕ ہن ...... نہ ونان کیاہ چھُ ...... وارٕہ کارٕہ اے روٗدٕہ قہر لوگُن ...... آبن ژوٹ بنڈ تہٕ قصوٗر تُمِس چھُ۔

علی محمد: تِمِس آبہ گگرس ہساتہٕ تُمس۔

سبحانہٕ: ہے ...... ہے ...... یِکیاہ گوٚو ...... وٗنی کیاہ کرٕ تہٕ کوٚت گژھٕ ...... دپان اوسُس یہُس چھُ فصل رُت ...... اُمِس رشید لالس تہٕ سروس کرٕہ خاندر ...... مگر وٗنی کیاہ کرٕہ ...... کوٚت گژھٕ۔ (ودان)۔

شمس الدین: وَد ...... وَد ...... وَدتِمِس ییٚمی ژٕ ییتھ حالس واتہٕ نوٗ کھ ...... وٗنس وُچھ، کتھٕ پاٗٹھی ژھٕنتھ سبزارن تہٕ فصلہٕ ستیٚ بٔرِتھ کھٔہن ڈوٹھ ...... پٔنہِ کو چھِ بھٔرِتھ، کتھٕ کٔنی تھاوِتھ سانہِ کو چھِ ژھرے۔

سُبحانہٕ: ہتاژٕ کما کتھٕ چھُکھ کرشا کران ...... زَن ہا چھُ سہٕ خوداہ صاٗب انسان ...... اڑٕہ لڑٕ آے کروسہٕ ...... پامہٕ دِموسہٕ۔

شمس الدین: نایہِ ناچھُ خوداہ کران ...... یِہا چھُ سوٚبے کران ...... سُوٚبے یا دپان اٗسی گژھی روزٕنی پھاکے ...... یُتھ تِمسزن چھٔہن باوٗ ہُر یہِ ہے ...... سہٕ دپان یم گژھنی نہٕ کلہٕ کڈٕنی ...... کیا زِہ بو چھِ ماچھِ بتہٕ بغاٗ ریٚنہٕ کینہہ سونچان ...... ہیوتلاوٗ تھیوٗ ...... ہوشیار گژھیوٗ۔

سُبحانہٕ: اٗہنوٗ سہٕ گُس چھُ یُس یہِ کران چھُ ...... ژٕ ہاونوٗ اسہِ ...... اٗسی ہا چپر وس ہوٚٹ ...... (ساٗری ونان) ...... سہٕ گُس چھُ۔

شمس الدین: سہٕ گُس چھُ...... ہنزٕ سہٕ گُس چھُ...... (اوِرٕ یوان عزیز جان...... اکہِ خاص پلِنکہِ آیہِ)۔

گامہٕ وأنی: ہتہٕ حض جان صأب...... أسی کیاہ حض کرو...... اَتھ وتھِ کتھِ حض لگہِ تھوٚپ...... کینژ ھا کر تہٕ حض...... کینژ ھا کر تہٕ حض...... بلایہِ حض لگوے...... (کینٛہہ چھِ وِدان...... تہٕ کینٛہہ کتھِ کران...... گامہ زیٹھ چھُ ونان سارنے ژھوپہ کرِیوٗ)۔

عزیز جان: میٚے چھُ بوٚڈ دوکھ امہِ کتھِ ہُنٛد...... زِیہُس آوٚبیٚہِ یُپ...... سأرے محنت گیہِ ضایہِ...... سانِہن طُمہن آؤ تُمن متھنہٕ...... یا بار خودایہِ سون کیاہ خطا چھُ یُس زِ ژھکھنہٕ اسہِ امہِ یپہِ نِشہِ تھپ ٹلان...... اسہِ کر معاف...... (ساری ودان)...... کیاہ ژٕ ژھکھ تِ یِژھان...... یہِ میٚے خوابس اندر روٗ چھ...... کیاہ تیٚلہِ ووتھیاہ اسہِ سہلابہٕ نِش تھپ۔

سأری ونان: توٚہہِ کیاہ خواب وُچھوٕ...... اے سانہِ بتہٕ ببہٕ ژٕ وَن فوراً توٚہہِ کیاہ خواب وُچھوٕ۔

عزیز جان: خواب...... یہِ ونہٕ ہا توٚہہِ...... مگر خبر تہِ ہیکہٕ واأسی کرِتھ...... خبر تہِ سپد یاہ سانہِ دٕسی ممکن۔

سأری: تُہۍ کڈیوٗ صرف زیٚوِ...... تہٕ وُچھیوٗ...... اسہِ ہرگاہ خوٗن تہٕ پیٚیہِ دِیُن...... أسی کرونہٕ وائے تہٕ کینٛہہ......

**عزیز جان:** میۍ وُچھ خواب ..... اَکھ بُزرگ چھُ فرماوان ...... اَتھ پیٹھ قوربأنی دِژ ...... سو قوربأنی گژھِ نہٕ کأنسہِ جانور سٕنز آسٕنۍ ...... بَلکہِ انسانہٕ سٕنز ...... (سأری ونان حأرانی سان) انسانہٕ سٕنز۔

**شمس الدین:** یہِ چھُ اپُز ...... یہِ چھِ چال۔

**عزیز جان:** ہیومنڈٕ کتھاہ ...... ہرگاہ یہِ چال چھِ تیلہِ ترأی تو أتی گتھ ...... توہہِ کُس چھُوٕ مجبوٗر کران امہِ خأطرٕ ہ۔

**سأری:** (شمشس کُن) ژٕ کرژھوپہ ژٕ چھُکھ بداعتقاد ...... خاموش۔

**عزیز جان:** سہٕ نفر گژھِ بڈٕ خوٗ بصورت آسُن ...... وأنسہِ ہنٛد چھُنہٕ غم ...... وٕنۍ گو لوکٹوٕے گژھِ آسُن ...... دَنٛد گژھنس برابر 32 آسٕنۍ ...... (سأری پأنس دنٛد گنزران) قد گژھس درمیانہٕ آسُن ...... سہٕ چھُ اسہِ بنٛڈس پیٹھ ژودہأمہِ زوٗنہِ گاشچہِ رأژھ تیز شمشیرِ ہ سٟتۍ قوربان کرُن ...... (سأرنۍ ژھوپہ گژھان) ژھوپہ کیازِ ہ گیوٕ سارنۍ ...... میون زمین چھُنہٕ سألابہٕ بُزِ گژھان ...... مگر توتہِ چھُ تُہنٛد غم میۍ پٔزن دود باسان ...... تیلہِ نہٕ کانٛہہ چھُ تیار بہٕ دِمہٕ پنٛنۍ قوربأنی ...... (شور گژھان)۔

**سأری:** نہ حضرتہِ رٔتہِ اندٕ ہ ...... ژٕ چھُکھ سون غمخوار ...... سون وتہِ ہاوُک ...... تہِ کتہِ یژھوأسی۔

شمس الدین: تُہنٛدِ ہ وننہٕ مطأیق گژھ سُہ جوان آسُن ...... تیلہِ دٕپتو پننس نچوی سٕنٛز قو ربأنی ......۔

عزیز جان: خاموش ...... بدتمیز ...... بدراہ انسانہٕ ...... ژٕ چھُکھ یمن سیٚد بن تہٕ سادن وٕتھ ڈالان ...... ژٕ چھُکھ ژوٚیہِ باز ...... وٕنی کرٕ ہا بہٕ تہِ ...... مگر تمِس چھِ اکثرٕ ہے دٔنٛد۔

علی محمد: پوٚز زچھُ ...... تُہی چھُو بٔڑ جان وٕتھ ہاوان۔

عزیز جان: گوٚ وٕژ تہِ چھُکھ اُمی پننہِ ناوِہ وولمُت۔

علی محمد: نہٕ گاش چھُنم ہوومُت۔

لوٚکھ: ہتہٕ حض کمن ہُنٛد چھُکھ بوزان ...... یمن چھِ کاڈی ڈٕلمتی ...... تُہی دٕپتو اسہِ سوٗنچنہٕ ...... اُسی کرون کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ زبردستی تیار۔

عزیز جان: نہ ...... نہ ...... نا ...... زبردستی نہٕ کینٛہہ ...... سہٕ گژھِ پانے تیار گژھُن۔

لوٚکھ: اِدٕ ہ حض تہٕ تِی ...... مگر اسہِ ہیٚوٚ سوٗنچنہٕ۔

عزیز جان: صرف چھُ 24 گھنٹہٕ سوٗنچنس ...... میٚے گژھِ پگاہ جواب واتُن ...... (نیران)

❁

سین ...... ۵

(اَکھ نفر سیٚو دِپکان ...... بیٚا کھ کوٚب کٔڈِتھ تہٕ ژھاوٕلی بوٗلی کران ...... بیٚا کھ نفر سیٚو دتہٕ تس پتہٕ پتہٕ بیٚا کھ اَتھو تہٕ زنگو پکان ...... کٹہٕ بوٗلی کران ...... بیٚا کھ جوٗرٕ ہ چھُ

داڈِ ہ ٹانگہٕ دِوان ...... تہٕ تتھے پاٹھۍ چھِ ساری گامہٕ وألۍ سٹیچس پتھ یوان ......
شمس الدین ...... علی محمد ...... تہٕ رشید چھُ سیٚو داڑان ...... " توٗ ژٕ چھُ باسان یِمے
ترێ نفر چھِ انسان")

غلام رسوٗل: تیٚلہِ دِہٕ ژٕ قورباًنی۔

اَکھ نفر: بہٕ کیازِ دِمہٕ ...... بہٕ کیاہ آسمانہٕ چھُسہٕ پیوٗمُت ...... تہٕ زمینہٕ پیٹھ
چھُم دب لوٚ گمُت۔

غلام رسوٗل: ناژێ ماچھے کانٛہہ ذِمہٕ دأری وٕنی۔

اَکھ نفر: ناتہٕ کیازِہ یاگوٚ وبہٕ عیالہٕ روٚس یا گھرٕ ہ روٚس انسانہٕ چھُس ......
میون ہے مانِکھ ...... نہ چھُے پتہٕ کانٛہہ نہ بروٗنٛہہ ...... دِتہٕ قورباًنی۔

غلام رسوٗل: ہیوژھو پہ کرٕ ترڑا ...... بہٕ ہاچیرے ہوٚٹ ...... بہٕ کھیو زِ دِمہٕ
رتہٕ چھیٚپہِ پان ...... میٚے کھیو ...... نہٕ مرٕہ کانٛسہِ نہٕ مریم
کانٛہہ ...... توٗہہِ ہاکھیٚہٕ وِ پگاہ عیال تِکہِ تِکہِ۔

اَکھ نفر: ادا ...... ادا ...... بوزو ہا ...... بہٕ نادِمہٕ پان کینٛہہ ...... بہٕ ناچھُس چور۔

غلام رسوٗل: ناتہِ نتے زارٕہ پارٕہ کرنے ...... گرٕ ھوٕ گرٕ ھوٕ مرٕ گنہِ آبہٕ دوٗ بس منٛز۔

دوٗیم نفر: ہتا ژێ یٕوت طماہ چھوٕے تلادِہٕ پنٛنہٕ قورباًنی۔

ترٕیم نفر: ناتہٕ وٕنن چھاچأنس طمہس ...... کلہٕ ژٕٹنس ...... زن ہا چھُکھ
اَسمانہٕ ...... فرشتہٕ ووتھمُت ......۔

دوٕیُم نفر: اِدِ بابوٗے چھُس ژھٔر...... مگر ژیےٚ کوسہٕ فرق پیٚیِ پان چھیپہِ دِنہٕ ستۍ ...... ہیو...... یِہا چھُے گامچہِ جانٛی خاطرٕ ہ۔

تریُم نفر: نا تہٕ بوٚے چھُس گامس جانٛی خاطرہ جانہٕ نِشہٕ قنزُن یژھان...... پتاہ ہے یٮ۪تہِ چھِ...... میےٚ کُن کیا زِہ ہونے ...... یا ژیےٚ روز ِہی لگہِ ہنز زمین کھیٚنس وتھ یٚلہٕ۔

دوٕیُم نفر: ہیویُس گامہٕ خاطرٕ ہ نیرِ ......سہٕ گژھِ سیٚو دُے جنٛتس۔

تریُم نفر: تلا ییٚلہِ ژیےٚ پیٚژاہ پتاہ چھُے ...... کرتہٕ تیٚلہِ یہِ نیک کار پانے ...... دیٚو پتمِس برونٛہِمس گژھی افوٗ۔

دوٕیُم نفر: نا میےٚ چھیےٚ پیہِ کانٛہہ کأم۔

سُبحانہٕ: ہا ...... میانہِ خوداياہ ...... یِمن کیہو گو ...... یِمن رٕکیہوِ زِہ چھُ تمأہی دُنیاہ اچھن زال وٕلتھ ...... ہیو ...... تلا نیر توٚ کانٛہہ بہودُراہ۔

رشید: ہیو بِبا ...... تلا مانٛکھ نا میون ...... نیرٕ ژٕ گوڈٕ ہ قوربأنی دِنہِ۔

سُبحانہٕ: یا ژیےٚ ژلہِ ہی تھوٚتھ ...... میےٚ نم ژٕ گألتھ کماوتھ تھوٗمت چھُم ...... تتھ کرٕ ہکھ ژٕ چھونیا ٹونیا۔

رشید: وُچھتہٕ کوٗن چھُے فِکر ...... وُمرِ ہ منٛز کرتہٕ اَکھ نیک کأم ...... دیٚوہ افوٗ گژھی گرٕ ہتِمن گونٛہن۔

سُبحانہٕ: جان ہا گوٚ یہِ چھُکھا مأژِس دپان ...... پزٕر ِکس دنیاہس منٛز ہا کریو مأژی نچوٗ قوربان ...... تہٕ یپتھ اپزٕ ِکس تاونس منٛز چھُکھ ژٕ مأژِس مارُن یژھان ...... تلامان تہٕ ژٕ۔

رشید: ناتہٕ بہٕ کتہِ چھُس خر۔

سُبحانہٕ: ہیو شاہٕ ژٕ چھُکھ پزٕری پأٹھی گامُک ژُکھی در ...... تلہِ با گژھ تہٕ شہید ...... (علی تہٕ شمہٕ میاں میاں کران)۔

علی محمد: کیا زِہ نچوٗ چھُی نامانان۔

سُبحانہٕ: ہیو وُنکِس ناچھُ یمن کتھن ہُند وق ...... اکی ساتہٕ ہا گژھو آزاد۔

علی محمد: تِم گُلی تریےٚ ہا ژٹو کھ ...... تِم تراوو بنڈِس یٚیمہِ طرفہٕ ...... دٕبتھ پکہِ سیوٚ دتہٕ یپأری تھدِ بنڈ تہِ۔

رشید: ژیےٚ چھُنے تُمسٕنے گُلن گُن ہوومُت۔

سأری: ہیوٕنی کسٕ نیرِ ہ۔

شمس الدین: بہٕ ہانیرِ ہ۔

سأری: کیاہ۔

شمس الدین: بہٕ ہانیرِ ہ ...... امیے ستی گژھِ نا سہلاب روٹہٕ ...... کِناہ۔

سأری: اوے......۔

شمس الدین: تیٚلہِ دِماہ بوے قو ربأنی۔

سأری: اوے......(تام چھُ یوان جانہٕ تہٕ)

شمس الدین: مگر تیٚلہِ چھُہٕ میےٚ ستی گوڑہ یُن...... تم کلی تریےٚ ژھنوکھ ژٕٹتھ...... چھُوا تیار...... (ژھوپہٕ) دم کیازِہ گوٕ...... ہیو توہہِ کرو مُژ راوِیم أچھی......بنڈس نا چھبہٕ دِنی قو ربأنی...... سہٕ چھُ یژھان توہہِ بیےٚ خبر تھاوُن...... یِہا چھُہٕ سُے ژٹان بنڈ......تہٕ ہرگاہ تُہی عقلہِ ہیوٗ کأم......یٮ۪تھ نا ژھیٚنہِ نہٕ بنڈ...... یِہا چھُوا اَم دَم سُے ژٹان...... أسی گژھو پتھ روزِنی......غریب روزِنی......تتھے آب چھُ زیادہ یوان......تُمس چھُ اپارِہ بٹھِ زمینس زیادٕ ہ خطرہ......توے چھُ سہٕ پنُن زمین بچاونہٕ خأطرٕ ہ سون زمین سہلأب بُزی کران۔

جانہٕ: ہیو ژوٗرا ......یہٕ چھُکھاہ اسہِ تہمت لاگان......بہٕ ہا مارتھ۔

رشید: بہٕ تراوتھ نہٕ...... ژٕ چھُکھ اسہِ وَتھ ڈالان...........(ہیٚوان دوشوَے جُھی اَکھ أکِس ژھٕنِژ...... مگر علی تہٕ شمس منژٕ ہ یوان......تہٕ یم پتھ ہیٚوان)۔

جانہٕ: (نیران بہٕ ہاوے ژیےٚ تماشہٕ۔

علی محمد: ہیو یہِ بنڈ ہا چھُ منگان قو ربأنی پزٕ ے...... مگر أمسےٕ گامہٕ زِٹھی سٕنزٕ...... تلا گریوٗ ناکأم...... یہوے کرون قو ربان۔

سأری: تُہی چھُوٕ اسہِ وَتھ ڈالان...... تُہی چھُوٕ خو دراہ۔

شمس الدین: او...... خطرٕ ہ چھُوٕ...... گرٕ ھیوٗ گریوٗ پان قو ربان...... بتہٕ دادِ گرٕ ھیوٕ عیال پانے قو ربان...... (علی تہٕ شمس نیران...... باقی کران مختلف بولہِ)۔



## سین ...... ۶

(عزیز جان تہٕ جان صأب آنگنس منزٕ آسان......
آسہٕ ستیٕ ترٕ وک دیوان دیوان نچوِس ونان)

عزیز جان: ہیو ژٕ ے اوسکھ اوترٕ ہ ونان ...... یمو خرو موئے نہٕ ...... یمن بتہٕ کٹن دوٗن ہُنٛد۔

جانہٕ: اِد کیاہ...... تتھے بہٕ دراس پتہٕ آونا سُبحان مام...... تہٕ تمو کتہٕ اوس موئمت۔

عزیز جان: وُچھ کیاہ چھُ ونان...... پرُن چھے کولہِ ژھُنمُت...... تیلہِ کیاہ چھس بہٕ ازیہِ نٔو دندرٕ بوزان۔

جانہٕ: کیاہ؟

عزیز جان: ہیو کاژہہ ناچھُ قوربأنی دِنس تیار...... امیُک مطلب گوٚ یم ہیٚتھٕ بُتھی پھِر گژھنہٕ...... مطلب گوٚ و سیوٚ دُے خرأبی۔

جانہٕ: یِہا آسہِ یمِوے دوِیو یمن گل کڈٕژ...... نتہٕ کتیوٚ فورہن تِمن کتھ۔

عزیز جان: تِہا چھُس ہِتہٕ زانان...... مگر میٚ چھُ باسان...... یمن دوٚن پیٚیہِ سبق دیُن۔

جانہٕ: ہرگاہ ژٕ وَنکھ بہٕ کرکھ ژور ژور ٹکرٕ ہوٚنی ہِنٛدِ خأطرٕ۔

عزیز جان: ژیٚ تہٕ چھَے نہٕ عقل وقتس پٮ۪ٹھ کأم کران...... وُنکِس گژھِ سارنی اَسی پٮ۪ٹھ شکھ......

جانہٕ: تیٚلہِ کیاہ کروکھ۔

عزیز جان: یم ہا گژھن پانے مرِنہٕ...... لۆکھ گژھن یمن موچھِ مورُن کرِنہٕ...... اِدٕ کیاہ شہلہِ میٚ وأنج...... ہنہہ...... راتُک چۆچہِ بہان میٚ ستی ٹکرِ نہٕ...... یمن چھا خبر ولاہو...... ہتاہ کسرِ تلِی ہا تارِو تِتھٕ کُنی آب...... یُتھ نہٕ ستن پپر بن پیٚہ للکبھ...... لنگو ہا کڈنوٚ ویمنے خرن اَتھِ۔ دوٚیے ہاچون پرُن لگہِ نہٕ کُنہِ۔

جانہٕ: ژٕ کہیو چھُکھ میأنس پرنس ٹھٹھ کران...... یم ژہنمبہٕ کتہٕ چھِ تتہِ پرناوان۔

عزیز جان:  تہِ چھُ پوٚز ...... اَتھ چھُ تجربہٕ ضروٗرتھ۔

جانہٕ:  ژٕ وَن میٚے کرُن کیاہ چھُ ...... اِدٕ پتہٕ وُچھتہٕ میٚے اَتھِ کیاہ ییہِ۔

عزیز جان:  آ ...... بہٕ وُچھ ژیٚے اَتھِ کیاہ ییہِ ...... چون دِماغ گوٚ تاہ ہیٚکہِ وُڈوکرِتھ ...... ہاں مشورٕہ دِمہٕ بہٕ۔

جانہٕ:  اچھاتی سہی۔

عزیز جان:  (اسان) پھاس ...... بس ...... بہٕ وُچھ ژٕ کیاہ کرکھ ...... پتھ روٗد میون سوال ...... ییٚلہِ میٚے زیادے باسہِ ...... غاۓب کرکھ ...... نیست نابوٗد کرکھ۔



## سین ...... ۷

(ساٚری پانس پانس بہتھ آسان ...... کانٛہہ نہٕ کاٚنسہِ ستّی ...... جانہٕ تہٕ چھُ اَتھے بہتھ آسان ...... کیاہ تام ژاپان ...... تام چھُ شمس تہٕ علی محمد خوش آسان ...... تہٕ کتھ کران کران اژان)

علی محمد:  میٚے چھُ کیاہ تام مُشک یوان۔

شمس الدین:  (لوتے) تِمس بُڈٕ کلچلہِ سٕندہٕ خوٗنک ...... آ۔

علی محمد:  ظہراہا چھِہکھ مزارٕ میٚژ چھٕژ ہٕژ ......

شمس الدین: تیٚلہِ ووُتس وقت گژھنُک ۔

علی محمد: کربکواس ...... ونۆ یمن ۔

شمس الدین: (باقیٚن کُن) تُہۍ چھُوٚ ساڈُٹھ اوترِ کس فأصلس پیٹھ ۔

جانہٕ: کُس فأصلہٕ ۔

علی محمد: یہِ بَد نیت کوٚت آو یور (پانس ستی) ۔

شمس الدین: (وُچھان أمِس) توہہِ ہسا چھُسوٚ ونان ......تُہۍ چھُو اوترِ کس فأصلس پیٹھ ڈُٹھ ۔

رشید: کیاہ فأصلہٕ ۔

علی محمد: ہیا اوترِ ہ یُس ژیےٚ تھۍ آو کرنہٕ (شرارتہٕ سان) ۔

رشید: اسہِ چھنہٕ کانٛہہ خبراہ ۔

شمس الدین: توہہِ حض چھُسوٚ و ونان ......اسہِ کوٚرنا اوترِ ہ فأصلہٕ زِ بنڈس یم گلۍ ترییٚ چھِ تمہ دِ پیٚو جان صأبس ژٹنۍ ...... موٗنن تہِ گوٚو جان ......نتہٕ ژٹوأسۍ تمہ پانے ...... چھا ٹھیک ۔

علی محمد: پیٚیہِ دِ پوٗس یُس غلط موڑ ژییےٚ وبتھِ دیتُمت چھُے ......تتھ کأسیوٚ سہُ کھُر تہٕ سیوٚ د وبتھ بنأوُن ...... چھا ٹھیک (سأری ژھوپہٕ کران) ۔

شمس الدین: دم کیا زِ ہ چھُوٕ گوٚمُت ......یا زِ ٹھۍ سُند نچوٗ چھُ ییتھ ۔

علی محمد: (حأران) بس یِتے تَف اوسِ ......یُس کالہٕ کالے وولِ ......ہاں ۔

جانہٕ: یم حض دپان وُنکبس چھُنہٕ سہٕ مسلہٕ...... وُنکبس چھُ قو ربأنی ہٕنز ضرۆرت۔

شمس الدین: یہٕ چھاپۆز...... (سأری کلہٕ ستی اِقرار کران) توہہِ ہے میٖ اوترٕہ دیٖتۆہأوِتھ...... زِیہٕ چھِ چال اسہِ پتھ تھاوٕنۍ...... یہٕ چھُ اسہِ موٗدُرمس دِنہٕ یوان۔

جانہٕ: دپان حض حأج چھُ سون غمخوار ......سہٕ چھُنہٕ زانٛہہ تہٕ اپٕز ونان......تمُو چھ خواب......سہٕ چھُ اسہِ پۆرٕہ کرُن۔

علی محمد: یہٕ چھاپۆز (سأری اقرار کران)۔

شمس الدین: ؤنی کیاہ چھُ تہند غرض۔

سأری: توہہِ دۆیومٕز دِتٕنۍ اکھ قو ربأنی۔

علی محمد: تمہِ ستی۔

سأری: سہلاب پیٖنہٕ زانٛہہ۔

شمس الدین: أسی کیازِ دیمو ہرگاہ سون زیٹھ پۆز غمخوارسون چھُ......سہٕ کیازِہ دِپنہٕ پٔنز ......یا پٔنِنس ٹأٹھِس نچوِی سٕنز قو ربأنی ......گۆوکیاہ زیوٗٹھاہ آسُن ......۔

جانہٕ: یم حض دپاں ہرگاہ یم سأنی نۆی وتہٕ ہاوکھ چھِ یم کیازِہ دِپنہٕ ......دیوٗہ أسی تہٕ بچوامہِ بلایہٕ نِشہِ......تہٕ یہنٛزن قبرن پٹھ بناووبڈٕ برنگ۔

علی محمد: بۂ چھُسو خوداینہِ سُنٛدٕ قسم ہاوان ......قو ربانی ئستی اندِ نہٕ کینٛہہ ......
بۂ چال چھِ اسہِ فاس تراونہٕ خاطرٕ ہ۔

جانہٕ: اَکھ قوربانی دِنہٕ ئستی کوسہٕ فرق پیٚیہِ ہرگاہ تُہؠ ژُکھ دْر چھُوٕ۔

علی محمد: بۂ چھُسےَ دپان ژھوپہٕ کر......ژؤ راہ۔

شمس الدین: بۂ چھُو وَتھ ڈالان۔

جانہٕ: بۂ ہرگاہ وَتھ چھُسکھ ڈالان...... ژٕ بنہٕ تہٕ جان ...... دِتہٕ
قوربانی۔

شمس الدین: مگر یہِ اپُز قوربانی دِتھ اندِ نہٕ کینٛہہ ......بۂ دیم نہٕ اپزٕ خاطرٕ ہ پنٕن
پاک زؤ۔

جانہٕ: وُچھیٚوٕ سالؤکو یمے چھا ژُکی در...... پکیوٕ پکیوٕ پانس...... یم چھُ
وَتھ ڈالان ......یمن چھُو حَوس زِیم کرہن زِٹھلی ...... پتہٕ لؤٹہن
اسہِ موصؤم لؤکن ...... مگر تہٕ دِیموکھ نہٕ أسی ہرگز تہِ کرنہٕ ......
یہِنٛدی یم خواب گرٛھن وٕٹسی ......پکیوٕ (نیران سأری)۔

(سٹیجس پیٹھ چھِ صرف علی محمد تہٕ شمس الدین روزان...... گٔلس چھِ دوشوَے
ژٔنڈاہ دِوان ......تہٕ بہان)

علی محمد: ہتا یہِ ظاٗلم کرؤ گلہِ ......ییٚتہِ کرؤ پھولہِ نوٚ وگاش۔

شمس الدین: بۂ ہا تہٕ تھُے وُچھان چھُ یمن ہیٚژن گُنی گیٚڈ گرٛھنی ......کینٛہہ نتہٕ
کینٛہہ فاس چھُ تراوان۔

علی محمد: بۂ ہازا لنۍ زِندے یہِ اَتھ مکانس منز۔

شمس الدین: تمہِ ستۍ کیاہ گژھِ...... یہِ مرہ نچوی بٔنس امہِ کھوتہٕ ...... ژٕ سونچ صرف گژھن لۆکھ ہُشیار گژھٕنۍ۔

علی محمد: ترٹھ یمن بیٚ غارتن...... یم چھِ پزی پأٹھی خر...... پکۆ زمین ہا ژھنو کِنتھ ......عیال ہتھ ہا ژلو بدل کُنہِ گامس منز...... ییٚتہِ کھُلہٕ ڈُلہٕ ...... تہٕ آزاد ماحول آسہِ۔

شمس الدین: سو چھا مردانگی۔

علی محمد: ژھانڈُس ژٕ ژٕنۍ سُدار......یہِندہ خأطرٕ ہ کران چھُکھ تِم چھِ خوفتہٕ۔

شمس الدین: میٚتہِ ہا چھِ وأنج رَتھ چیٚوان...... نتہٕ رٕکھیو چھُ ییٚتہِ پٔتھ...... بۂ نا نیرے نہٕ ییٚتہِ...... میٚ ناچھے نہٕ ییٚتہِ ووندہ یوان نیرنس......ژیٚے چھے پانس خبر......أمی ژۆرن کیاہ چھُ میأنس گھرس کۆر رمُت۔

علی محمد: سورُے ہا چھُم بۆزمُت۔

شمس الدین: میٚ ہا چھے دم...... مول اوسُم غریب...... مگر زمین اوسُس سبٔٹھاہ...... خوشک زمین ہیٚوتُن مأرس میأنس گژھن تام روپیٚن...... مُجہِ مولہٕ تہٕ بنوُون تتھی باغ...... أمی زمینس لیٚوکھُن پٹوأرِس ستۍ رٔلتھ کاشت تہٕ رلوُون سُتہِ پننس زمینس ستۍ...... تہٕ أسی ترأوِنۍ تاپس...... (ودان)......سہٕ مول ہا مۆدُم ہہ گژھِتھ...... ماجہِ گوم اندری دم......تہٕ گیہ پانس...... بہٕ رُوٚ دُس تنہا...... کُنۍ ووٛندہ مزرس کیٚتھ۔

علی محمد: وَدما وُچھو ہاخو دایہِ کیاہ کرِ ...... اُغرسون تہِ چھُ خو دایہِ ...... اچھا پتہٕ ۔

شمس الدین: میٔ ہا چھُ ماجہِ ہُنٛد سہٕ لیٚوڈُر بُتھ وِزہ وِزہ ژیٚتس پیٚوان ...... تِمن دوہن اوٚسس بیٚیہ کار ...... یلاج تہٕ ہیٚو کمس نہٕ کرِتھ ...... میون گھرِ ہاوول اُمی ...... (وارِہ وارِہ شرارت کھسان) سہٕ نار کتیٚو دیہِ میٔ بدل کُنہٕ جایہِ سوکھ ...... تمے نارِ ستیٚ چھُ میٔ یہِ زالُن ...... آمہٕ تاوِکی پاٗٹھی گژھِ دزُن ...... یہا گژھِ بقرار گژھُن ...... کربکہٕ دیُن ...... میٚژہ لارُن ...... نالہٕ زأری کرُن ...... اِدٕ ہا شہلے بہٕ ۔

علی محمد: اِدٕ ساتی کرناوون بس ...... اذٔ کہِ پیٹھ سونچوِے نہٕ پتھ ہیٚنگ ...... بس وٕنی گووأمس زوٗکڈ تھےٚ پھربکھ تراوُن ...... نوٗ وتھاہ ژھانڈِنی ...... پکُو نیرو ہاوُنکبس (نیران) ۔



## سین ...... ۸

(گامہٕ زتٕھ ہنزِ لرِ چھِ نظرِ ہ گژھان ...... سہٕ چھُ آنگنس منز کھڑا آسان ...... تہٕ سُبحانہٕ چھُس بروٗنٹھ کنہِ آسان)

عزیز جان: اچھا وٕنی کیاہ کوٚر ریمو فأصلہٕ ۔

سُجانہٕ: دپان ہسا أسی گرٕھو افسرٕس نِشہِ تہٕ ونوس ...... یپأری برونٹھ وبتھ أس پکان تتھ گرٕھ ہِ تپأری یُن گوٗل پھرنہٕ ۔

عزیز جان: خرٕہ جماعت ...... زن چھُ اَتھ میۓ گوٗل پھرمُت ...... اَتھ بلایہِ کُس سنا پھرِہ گوٗل ۔

سُجان: سہٕ شمہٕ ہسا ونان کاغذن پیٹھ چھُ وبتھِ ہُنٛد نقشہٕ ہأوِتھ ...... یہِ أس جان صأبنہِ زمینہٕ رکنٛز وسان ...... پتہٕ کوٗر أمی خوا ئیک بہانہٕ تہٕ لاگنٛز گامہٕ وألی گامکہِ زمین منٛزی ...... وبتھِ ہُنٛد روخ بدلاونہٕ خأطرِ ہ ...... پننہِ زمینہِ طرفہٕ دِتنٛز گلو ...... بیٚیہٕ چھُ سُے بنٛڈ تہِ ژٹہٕ ناوان ۔

عزیز جان: یہٕ دوت تِمس واریاہ کال بکان ...... پتہٕ کیاہ کوٗرُکھ ۔

سُجانہٕ: تِم ہسا چھِ بیٚیہٕ رکتھٕ تام پأٹھی لوٗکھ پانس کُن کرٕمتی ...... تِمو ہسا ووٗنُس ہرگاہ وبتھ چھُ کانٛہہ ژٹناوان ...... تیٚلہِ گرٕھ ہِ پولیس امیُک تحقیقات کرُن ...... تہٕ ژوٗرس گرٕھ ہِ پھأسی دِنٛی ۔

عزیز جان: پتہٕ کیاہ ووٗنکھ ۔

سُجان: سأری ہسا گیہٕ رضامنٛد تہٕ ووٗنکھ پگاہ گرٕھو یورے افسرس نِش ۔

عزیز جان: سہٕ تراووٗژ میۓ پیٹھ ...... مگر بوٗ زُم ژیۓ تہِ اوستھکھ وونُمت بہٕ تہِ یِمہو ستی ...... ژوٗر گرٕھ ہِ نوٗن نیرُن ۔

سُبحان: اِدٕ ہ کیاہ ساوٕنہلھ ...... یا کۆو خوداہ مہٕ گرٕ نی ژٕ تیُتھ چھُکھ ......
میٲنؠ دۆ پٔتھ تُہۍ چھِنو عزیز جانٕنۍ پرٕ ہن کھیٚمتی ۔ گژھیوٚ کرنایوٚ
تحقیقات ...... پانے ییوٚ رب متھنہٕ رکنہٕ نہ ...... ۔

عزیز جان: ژیٚنؠ چھی کاڈی خراب گأمتی ...... دۆپ مے ہا ژیٚنؠ گتھ پیٚٹھ
اَسہٕ وُتشی دِنی ۔

سُبحان: آہن ساتہٕ میٲنؠ یٔژھا ژیٚنؠ پیٚٹھ کانٛہہ بدنأمی ...... ہُپأری چھُ
میون زمین تہٕ آبہٕ بُزِ گژھان ...... اَخر ژٔ ر گژھِ نانیُرن ۔

عزیز خان: دوٚپ مے ہا ژھوپہ کر ...... ہیوو ٹاہ چاأنی رکنہٕ تہٕ چھا کانٛہہ بنٛڈ
ژٹان ...... ژٕ تہٕ چھُکھاہ تِمن ڈٔلمتین ہنٛزن کتھن بھروسہٕ
کران ۔

سُبحان: آہنساسأری ہے ونان چھِ تتھ ہیکہِ نہٕ بنٛڈ ژھنِتھ ۔

عزیز جان: ووران تِم راسہِ گٔنڈ جوراہ ...... گام کوٚ رُکھ دربدر ...... پگاہ
تارکھ فِکرِ ہ ...... پولیس اتھِ کرناوَ کھ تل پٹھ شلکھ ...... امنس
خلل کرناوٕ نِکس جُرمس منز ...... پتھ رٔو دچون زمین ...... ہرگاہ
ژیٚنؠ زمینس چھے سہلاب یوان ...... خوداہ چھُ قہرس پیٹھِ تہٕ
میانہِ گھرِ ہ چھُکھنا گاسہٕ کٹہٕ تام نِوان ۔

سُبحان: آہن ساتہٕ چھُ پوٚز ...... ۔

عزیز جان: تِ زأنتھ تہِ چھُسے مروَتھ کران ...... یہِ میأنِس گھرس منز نوان چھُ ...... تہٕ پچھے پتہٕ چأنِس گھرس منز نِتھ ڈولان آسان۔

سُبحان: مگر میےٚ کیا سا غلط کوٚر ...... ییتھ پیٹھ ژٕ ناراض چھُکھ۔

عزیز جان: یمن ہتی ینا افسرس نِش گژھکھ ...... یم چھِ ڈٔلمتی ...... پتھ روٗد چون زمین ...... یہُس لأگ زِ میانہِ منزٕ ہ ......زمینس پانژھ دہہ کنالہٕ۔

سُبحان: پوٚز چھُکھسا ونان۔

عزیز جان: اِدہ کیاہ ٹھٹھٕ کریہِ ...... مگر کوٗشش کٔری زِ ہ پگاہ گژھن نہٕ یم تور گژھنی ...... بہٕ کرٕ پانے یہِ سورُے ٹھیک ...... مگر ژےٚ کیاہ کأم چھے ...... یہِ رشید کتہِ چھُ ......

سُبحانہٕ: سہٕ ہساہ چھُے اندرٕ پوٚپھِ نِش بہتھ۔

عزیز جان: تلا یوٗری وُنس یہِ ...... یا تھاو ...... رشیدا ...... رشیدا ...... تلا یوٗری ولہٕ ......(رشید نیران مکانہٕ منزٕ)۔

رشید: کِہو خأری چھا۔

عزیز جان: میےٚ ہا اُس رائے یہِ جانہٕ کرِہ کینْہہ ...... مگر اُمس چھُ دماغہٕ بدلہٕ گاسہٕ ......۔

رشید: تُمی کیاہ کوٚر۔

عزیز جان: تراؤ یمہِ کتھ ...... ژٕ کرتہٕ کٲم ...... ژٕ لاگتہٕ لۄکنٮ۪ہ ہُنٛد ......
کانٛہہ سماجی بہبۆدی کمیٹی بناؤ تہٕ میٚے تھاتہٕ پیٹھ ...... چنٛدٕہ
خاطرٕ ہیٚیزٕ ہ لۄکہ ہتھ گوڈٕ ہ میٚے نِش ...... دپِک یہٕ ہاوو سہلابو
نِشہِ بچُن ...... چنٛدٕہ جمع کرِتھ تھٔوزراوو اَسی بنٛڈ ...... تہٕ سہلاب
رُکہِ پانے۔

رشید: اچھا.................۔

عزیز جان: یُتھ تماشاہ کرزِہ ...... یُتھ ہُمن دوٚن کانٛہہ تھوٚکہ تہٕ ژٕھنہِ
نہٕ ...... پتہٕ ہاوے یہٕ پانے سارٕی میٚژکھیاوناوِ نی۔

رشید: ٹھیک ہا چھُ ...... ژٕ وُچھ پانے یہٕ کم گُل پھۄلراوِ پگاہ تِمن ......
مول تھاوَن نہٕ نچوٚ سُنٛد ...... تہٕ باقٕین ہنٛز چھبہٕ کتھے۔

عزیز جان: شاباش ...... اوہ ...... اَکہ کتھ گیٚم مشتھے ...... تِمن دوٚن ہُنٛد
پھہلاو ...... تِم چھِ کومنِسٹ ...... خودایہ سِنٛدِس آسنس اِنکار
کران ...... نماز چھنہٕ پران ...... قرآنس چھِ منکر۔

رشید: مگر تِم اے منزٕی منزٕی پران چھِ۔

عزیز جان: بس تی تہٕ چھُے ژیٚے وَنُن ...... یہِ چھِ اَکھتے پران ...... اصلی
چھِ یِم کومنِسٹ ...... یِمن چھُ لڑایہِ تُلنہٕ خاطرٕ ہ پونسہٕ
واتان ...... پتہٕ وُچھ ژٕ یہٕ کیاہ کرٕہ۔

رشید: ٹھیک ہا چھُ۔

عزیز جان: سۂ کہتام اوسے بکار...... اُمِس پوٗپھہِ دپیوٗ مے ووٚنتھس ......

دیتنیہِ کِنۂ نہ۔

رشید: خاص نۂ کینہہ۔

عزیز جان: شیطانہٕ...... وُنی کُوٗتاہ چھُوے بکار۔

رشید: میےٚ ہا دپیوٗ سکوٗٹرانۂ ہا۔

عزیز جان: اِدسا پگھ بہٕ دِمے اند رٕ ہ کنہِ...... (اژان سأری)۔

۞

سین ...... ۹

(کینہہ نفر چھِ سٹیجس پیٹھ آسان...... جانۂ...... شمس تہٕ علی محمد چھُنہٕ آسان)

اکھ نفر: ہے خبر سأنی لیڈر کوٗت چھِ گأمتی از۔

دوٚیم نفر: ہتہٕ سا گیوکھ شوخاہ لیڈری کرنُک...... تمہِ نِشہِ چھلہٕ نأوی رشید

صأبن اتھ...... (سأری اسان)۔

غلام رسُول: کَتھ چھوکھ ٹأنۂ ژٹان...... صاف کیا زِہ چھُوٚ نۂ ونان...... تِمو

تہِ کرے أڈی گامہٕ وألی تیار تہٕ گیہِ افرس نِشہِ۔

اکھ نفر: توتہِ آکھ نۂ سۂ...... تِمن لونڈن ہُند کُس سامانہِ ہا۔

دوٗیم نفر: ہادَپ سا تتہِ گوٚ ژھُکھ چیرٲ سی اَنٛد رترٲوٕنۍ۔

غلام رسوٗل: ہے ہے تُہۍ کیازِ سا پتہٕ اَکھسےٚ کُن گژھان...... اِدِ سائنۍ تَن افسر...... پانے ننہِ وُکُس چھُ صحیح تہٕ کُس چھُ غلط۔

سأری: آ......آ......تہِ ہے پوٚز چھُ۔

غلام رسوٗل: تیٚلہِ کیازِ ہ گوکھ نہٕ ستی۔

اکھ نفر: ہتہٕ سا کیاہ چھُکھ ونان...... تَم چھِ خوٗدالیس نعوٗذُ باللہ منکر...... تِمن پتہٕ پتہٕ پکنہٕ ستی گیہِ وَتھ راوٕ راوٕنۍ۔

دوٗیم نفر: اسہِ ہابنائوٗ کمیٹی...... چنٛدٕ ہ تہٕ گوٚو رقماہ اکھ جمع...... تمہِ رقمہٕ ستی تھٲز راوو بنٛڈ...... غلط وتہِ کیازِ ہ پکوٚو۔

سبحان: یہٕ پروٗن گیوٗن کرِ ہ تہِ کرِنہٕ نوٚوگاسہٕ تہِ۔

غلام رسوٗل: ہے تہِ نسا چھُ آسان...... پتہٕ چھُو کٹن ہنٛدی پأٹھۍ اَکسےٚ کُن سیٚدان۔

(تام چھُ عزیز جان یوان شور ہیوٗ گژھان)

عزیز جان: اسلام علیکم دوستو...... (سأری وعلیکم کران) تھأیوٗ تشریف...... بہیوٗ (سأری بہان) بہٕ چھُس تُہنٛد بڑٕ مشکوٗر...... توہہِ بنوٚوس بہٕ یمہِ کمیٹی ہُنٛد صدر...... مگر یِزرس کُن ہرگاہ گژھو...... واللہ اَسی نہٕ میٚے امہِ عہدٕچ ضروٗرت...... بہٕ اوٚسُس تُہنٛز خدمت امہِ بغأر تہِ کران...... تہٕ روزٕ ہ تہِ کران...... میأنۍ کٔنز گژھِ کانٛہہ نوجوان عہدٕ ہ دار بناوُن...... یُس نوجوان خوٗب تُہنٛز رہنمأیی کرِ ہے۔

سأری: تِتھی نو جوان یِم پانہٕ وتہِ ڈٕلمتی چھِ (اسان)۔

عزیز خان: ہرگاہ توہہِ تِمن پتٕھ پڑھ چھہٕ...... بدل تہِ چھِ واریاہ یِم سانہِ گاہٕچ رہنمأیی ہیکن کٔرِتھ۔

سأری: نحض......اسہِ چھِ تُہنٛزِ رہنمأیی ضرٗورت۔

عزیز خان: یِیلِہٕ تُہنٛز مرضی چھےٚ میون آرام کرُن......تیٚلہِ چھُس بہٕ تیار ...... میےٚ پیےٚ تن تُہنٛدِ ہ آرمہٕ خأطرٕ ہ پننٕ زندگی داوس لاگٕنی......میون چھُ ہمیشہٕ یہِ مقصدرٗ دمُت......فی الحال چھُ اسہِ یہِ فأصلہٕ کوٚرمُت أسی گرٛھو بڈٕس افسرس نِش تہٕ کرایہِ پھٹہٕ انو درج ...... یُتھ زن وٕتھ سرٛنبر گرٛھِ تہٕ بنٛڈ تہِ تھدن......ٹھیک چھا......(سأری ضرٗور......ضرٗور) أتھ لگہِ واریاہ رقم فی الحال چھُ اسہِ کم کینٛژھا جمع کوٚرمُت رشید صأبن ......مگر پتوٕ ے چھُنہٕ کأفی......(تام چھُ علی تہٕ شمس اژان...... تِمن ستی چھِ بیٚیہِ أکھ زٕ نفر)۔

شمس الدین: فی الحال بوٗزِو توٚہیہِ أکھ کتھ...... پگاہ ییہِ افسر صأب یور...... تِمن کوٚر اسہِ اصلی نقشہٕ بجہِ کولہِ ہُند پیش......تِم ییٚن پگاہ تحقیقات کرنہِ......تہٕ سوٚن تہٕ سرتل نیرِ ہ الگ الگ۔

سأری: تُہ کم چھُو افسرس انن وألی ۔

علی محمد: تُہے یأتی چھُونہٕ پیٚتکی بسکین ...... توہہِ چھُوٚ أچھن ژھاپنھ بٕہتھ ...... پگاہ ترٛیوٕ پأنے فِکرِہ کُس چھُ صحیح ۔

سأری: آ ...... آ ...... پگاہ وُچھوٚ کُمی ہٕنٛز موج سوٚن تولہِ تہٕ کُمی ہٕنٛز موج روٗپھ ۔

(عزیز جان نیران دزان دازن ...... گامہٕ وألی تہٕ نیران)

شمس الدین: میٚےٚ چھُ باسان پگاہ پریٚزلایہِ نوٚو افتاب سأنِس گامس ...... اصلی زٕ ژوٕستی ...... ازتام اوس شایدلشہِ گاش دزان ...... ''پگاہ شولہِ دُنیاہ''

علی محمد: بہٕ ہاونے کتھ تمن تریٚن گُلبن ہاموٗل ییٚلہِ گأمتی ۔

شمس الدین: (خوش گرٕ ھان) پوٚز چھُکھا ونان ...... ہاں تیٚلہِ ہاچھُ ٹھیک پگاہ ہاکھسہِ نوٚو افتاب ......۔

علی محمد: ژیٚےٚ وُچھتا خواب ......۔

شمس الدین: (اسان) خواب گیہِ ہُمن ہٕنٛدی ...... میٚےٚ چھُ نوٚن بوزنہٕ یوان ۔



## سین ...... ۱۰

عزیز جان: ہیو جانا...... جانو...... تلا کوٚت گوکھ...... (جانہٕ نیران گرِ ہ)۔

جانہٕ: رِکھیو زِ چھکھ شامس تہِ آلوٗن پیٹھ۔

عزیز جان: ژٕ کرتہٕ کاٗم ...... ژٕ ونتہٕ محمدِس سہٕ کڈِ ہ المارِ ہ منز ٹی سیٹ ...... تہٕ سہٕ تھاو ناوتن صاف کرِتھ۔

جانہٕ: کیاِ پوٚ ژھ ییاہ کاتھہ شامہٕ پٮ۪تر۔

عزیز جان: ناپگاہ ہاییہِ یہِ افسر صاٮ۪ب...... ؤنی چھاٮ۪مس ستی زان رِکنہٕ نہ۔

جانہٕ: اِدٕ ہ ژیےٚ کیاہ چھےٚ گامن چھُ اوٕمت ناد دِتھ...... پانے دِنس کیاہ آسبس کھیوٚن۔

عزیز جان: دوٚپہٕ ناژیےٚ چھوےتعلیمہٕ ستی دبماغ روومُت ...... ژٕ گٮ۪تھ پیٹھ کھشری پاٮ۪جامس زنگ ژھنان...... گژھ یہِ ژیےٚ ووٕنے ژٕ کرتی...... ژیےٚ کتھ کھتن توٗل دِوان۔

جانہٕ: یہِ گیہِ چیٚنٹر ...... کاٗم سپدِ ہ کہنز تام ...... تہٕ کھیوٚن گوٚو کوٚہنٕد تام۔

عزیز جان: ہیو دوٚپ مےٚ ہا...... ژٕ چھُکھ نہٕ وُنہِ لاکہٕ انان...... ژٕ تھاوکھ میےٚ مِنت ...... گژھ یہِ ونان چھِ ...... تہِ کر...... ہے تیٚمس چھیےٚ عقل تہِ ووٕنی دغاہ دِتھ ژٕ چھو...... فکرے چھُس نہٕ کینٛہ تراٗن۔

جانہٕ: اِدساہیٚہِ کیاہ حُکم چھُ۔

عزیز جان: صُبحٲے چھِ میٚے أمِس سُبحانس دوہمٕت یوٗ ری ییُن ...... سہٕ انِ مازترکھ کھنڈ تتھ چھِ سیٚنۍ زِ ژور بناوِنۍ ...... یہِ رشیدِ ہاسوزیو میٚے وازس ...... تٔمۍ آسہِ تٔمِس ستی پانے گتھ کرمژ۔

جانہٕ: آہنٛو یہِ خوش گوے تہٕ کوٚ رُتھ ...... میٚے ونتہٕ میٚے کیاہ چھُ ہیٚیہِ کرُن۔

عزیز جان: ہاں ...... شاباش ...... ژیٚے پیٚٹھ چھِ زِ کامہِ ...... اَکھ کیا ساگیہِ جبار کاندرِنۍ کلچس زِ درجن اٲنۍ ...... تٔمِس وٗنزِہ کأشُر گیٚو رژھا تراوِنۍ ...... میون وٗنزبس دو ؔپ نَے ...... گُنہِ ساتہٕ أسی زِ حلحال تہٕ رژھا کھیٚوان۔

جانہٕ: اِدساہیٚہِ۔

عزیز جان: کتھےٕ نا چھُکھ دیوان کرنہٕ ...... زن ہا چھے بارِہ گران گرژھان۔

جانہٕ: ناتہٕ میٚے کیاہ ......۔

عزیز جان: ہیٚیہِ ہرگاہ صُبحٲے گرژھکھ نمبلہِ گُن ...... بندوٗق ہتھ دیٚو شکاراہ کانٛہہ بنہِ ہے ...... ئیمن بڈٕہن لوٗکن ہا چھے قسمت برونٹھ برونٹھ آسان ...... ژٕ وُچھی زِ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ بنِ ضروٗر۔

جانہٕ: (خوش گژھان) اداہ ...... یہٕ ہا گژھِ صحأے۔

عزیز جان: وُ چھتہٕ پٔننہٕ آتِچ کأم بنیأے...... خوش گو کھ...... مگر پنا پتہٕ توٚ ری بہکھ شام تام۔

جانہٕ: نوِہ تام بناوِ شِکارتہِ جان...... میٚے کیا چھُ تتہِ پتہٕ کرُن۔

عزیز جان: وُ چھتہٕ کیاہ گوٚ و جان...... مگر پتہِ تھأوِ زِ یاد...... یم کامہِ تھٔوِ زِ کالے گرِتھ...... نتہٕ کیاہ ساپٔنہِ صحجنس بامبر۔

جانہٕ: اداٹھیک ہا چھُ۔

عزیز جان: أمِس رشیدس نشہِ ہاسوٚ زتھن یہٕ محمد...... أتِ وٗ چھ نأوِ زِ...... کیاہ آسنس أمِ وازن وونُمت۔

جانہٕ: ژٕ کوٚ توٚ گژھکھ۔

عزیز جان: میٚے ہا چھِ تتھے کامہِ رژھا۔ (نیران)



سین ...... ١١

(گامہٕ وألی سأری سِمتھ مأ دانس منز بہتھ پیاران افسرس...... علی تہِ چھُ أتِ آسان...... مگر شمس چھُنہٕ گُنے)

اکھ نفر: خبر کریہِ...... یمن چھا گوڈٕ ہ کانٛہہ گُنڈِتھ وقت آسان۔

غلام رسۆل: ناتہٕ ژیٖنۍ تہِ کوسہٕ بامبر چھےٚ۔

اکھ نفر: میٖنۍ ہاد ہیو توتہِ انوٚ و یہِ نیوٚل گاسے لوٚنتھ...... فصلہٕ نِشہِ تہِ چھوٚل اتھ...... گوڑہ چھُ یہِ گاسہٕ تہِ ہوٚ تمُت ظاہراہ۔

غلام رسۆل: ہتا گوٚوُے کیاہ آہنوٚ اززن لوٚنتھ نہٕ...... یہِ ہے گامُک سوال چھُ...... پتہٕ ؤمرن ہنزہ بستی ہُند سوال...... ژیٖنۍ دِیِ نہٕ یہِ طماہ از تہِ سو کھِ روزنہٕ۔

اکھ نفر: نسا امہِ روس چارہ تہِ کیاہ چھُ۔

غلام روسۆل: ہیو...... زن ہاژ ے یوت زمیٖندار چھُکھ...... أسِ چھِ نانگار۔

اکھ نفر: ہے میٖنۍ کیاہ ساوونۍ...... ؤنی گوٚو بہ چھُس أتھِ پتھ...... تہِ ژٕ چھُکھ نوکری تہٕ کران۔

غلام رسۆل: نا یہ گوٚو بہانہ...... تیٚلہِ چھُکھ أنتہٕ لاگان۔

دویم نفر: زمیٖن ہسا چھُ کوشُک ہیٚو تمُت گرشھُن...... مگر چاک چھِس گأمتۍ...... کوسہٕ حالتھ چھِ اتھ فصلس گأمژ...... دِلہِ جگرس چھُم فُتہٕ فُتہٕ گژھان...... یِم پیٚرہ ہسا چھِ واریاہ ویٚرہ گأمژہ۔

تریم نفر: اِدہ تیٚلہِ ہا چھُکھ قسمت وول...... امیے بہانہٕ کھالکھ میانہِ زمیٖنہٕ منٛز پٔنٛژ پیٚرہ...... گرزٕ تریٖنۍ بنہٕ نۍ بیٚیہِ۔

دوٚیُم نفر: تلا کر ژھوپہٕ...... ژیٚیہٕ ہا چھُنے میٚے کُن ہوومُت...... ژیٚیہٕ ہا پی سہٕ بوٚ ے لاٗ گتھ......۔

ترٚیُم نفر: ہیوتمہِ ساتہٕ ہاژ نے بہٕ لیون۔

دوٚیُم نفر: وُچھ ژ دروت کیا دِمے...... گوڑہ خبر کریہِ بہٕ۔

ترٚیُم نفر: پکان ہا آسہِ...... کہیو زِہ یڈ واٗ ژیاہ کوٹھن پیٹھ۔

غلام رسوٗل: خبر ہا علی محمدا ...... یہِ شمس کتہِ چھُ۔

علی محمد: ییٚکہِ حض پکان آسہِ...... تٔمس اوسنا بجہِ کولہِ ہُنٛد نقشہٕ کٔمس تام نِشہِ۔

غلام رسوٗل: ہے ژ کیا زِہ ویتھِ کول ونان۔

علی محمد: ہتہٕ حض وہتھ گیہِ الگےٚ چیز اہ...... یہِ چھِ بڈٕ پہن کول۔

غلام رسوٗل: یہِ وِزِہ تہٕ چھا سا کولہِ ہن آسان۔

علی محمد: نحض تہٕ کتہِ چھُ میون مقصد...... ہیو کہیو آوا۔

(تام چھُ شمس الدین اژان)۔

شمس الدین: السلام علیکم۔

سأری: وعلیکم السلام۔

غلام رسوٗل: کیاہ سالالہ نقشہٕ کتہِ چھے۔

شمس الدین: یکیاہ حض چھُم ستہٕ...... اَکھ کاپی ترأوِم ناافسرس نِشہِ تہٕ۔







علی محمد: خبر ہاسہٕ آوِ ے نہٕ وُنہٕ۔



شمس الدین: ژھانڈُس ...... آوِ ے نہٕ ...... ڈیپیؤ سہٕ آو ...... سہٕ چھُنو تُمی گھرِ ہ روٹمُت ...... کھیاو نہٕ تہٕ چاونہٕ۔

اکھ نفر: ہے پوٗز چھُکھ ساوناں۔

شمس الدین: نتہٕ کرکرِ و تو ہہِ میأنِس پژھ۔

دوٕیم نفر: ہے نسا ...... اسہِ چھُناہ فِکرِ ہ تران ...... تیتی چأری مسازان ژِ اسہِ۔

تریُم نفر: نتہٕ چھنا اسہِ پَے ...... یہِ وٕتھ کیأری أس برونٹھ پکان ...... دپھ ساؤنتھ چھِنہٕ ہیکان۔

شمس الدین: ہیو گوٚو رکھیو ساہِ حقہٕ ...... گوٚو اسہِ چھنہٕ پزٕ گتھ تہِ کرٕنی ...... بلایہِ پیٚنی ساہِ بیےٚ غأرتی ہِندِس زندٕ ہ روزنس۔

علی محمد: حدیسس منز چھُ ...... یؤت گوناہ کأنسہِ ہُند حق کھیوٚن چھُ ...... تیوٚتے گوناہ چھُ پنُن حق تراوُن تہِ۔

شمس الدین: یِہا چھُ یژھان أسی گژھی غریب روزٕنی ...... یتھنہٕ بوٚچھِ أمِس خلاف اسہِ سوچنے دیہ ہے۔

غلم رسوٗل: ہے نسا از گژھِ فأصلہٕ گژھُن ...... یہِ گوٚو تاوَن ...... یِہا چھُ پزٕ ے بنٛڈ ژٹہٕ ناوان ...... نتہٕ کتہِ ژھینہٕ تتھ جایہِ بنٛڈ۔

دوٚیُم نفر: أمِ کوٚ رفأصلہٕ تہٕ گوٚ وجان ...... نَے تہٕ تیٚلہِ گرٛھن حالات خراب۔

ترٛیُم نفر: ہنہ ...... یِیٚلہِ برونٹھ کُن واتی ...... چأنٛژس لگی ٹیپ۔

دوٚیُم نفر: ژٕ چھُنے میٚےٚ کُن ہوومُت ...... اَتھ کیاہ بنہِ ...... ڈٕپی کانٛہہ رَز کرِ چھُکھ ژٹان۔

شمس الدین: میٚےٚ حض چھُ باسان ...... سہٕ دیہِ نہٕ تِمس فأصلہٕ کرنس کانٛہہ وَتھ۔

سأری: تیٚلہِ گرٛھن خوٗن۔

علی محمد: تلاژ گرٛ ھ دورے دِہ نظراہ ...... کیاہ چھِ کران (نفر اَکھ نیران)۔



سین ...... ۱۲

(اَفسر درواژٕ ہ نیران ...... تہٕ پتہٕ عزیز جان ...... جانہٕ ...... سُبحانہٕ ...... تہٕ رشید نیران ...... سُبحانہٕ چھُ لوٗکن کُن نیران ...... باقی چھِ لانس منٛز کھٔسِتھ کھڑا سپدان)

اَفسر: اِدٕ ہ حض جان صأب ...... شُکریہ۔

عزیز جان: ہتہٕ حض کیاہ چھُکھ شرمندہ کران ...... میٚےٚ کم حض ضیافژ آسہٕ تیار تھاوِمژٕ ہ ...... دیتموٗ وحض ہا کھاہ بتاہ ...... یہِ حض چھِ تُہنٛز مہربأنی ...... توہہِ کوٚرِوٕ قبوٗل۔

اَفسر: مہ آس پتہٕ شرمندہ کران ...... ویسے شکاراوس نفیس ۔

عزیز جان: اَہن حض یہِ اوسنا جانہٕ لالن پانے اوٗمُت ...... ییٚلہِ راتھ بۄ زُن تو ہہِ چھُوٚ تشریف یوراٸُن ...... وتہٕ آلیس نہٕ ...... دوپُن یہٕ کھیاوَ کھ تم پٔنٕہ اتھک شکار ......

اَفسر: گوٗ وجان صاٸب چھُ شکارتہِ کران ...... ازکیاہ ساچھُکھ گو براہ کران کراوان ۔

جانہٕ: بس حض ہتھ چھُس ...... بیٚکار ے مأنیوٗ ۔

عزیز جان: ہتہٕ حض پرٕتھ دِتکھ نوکری ...... اِدہ حض تہٕ خوادیہ سُنٛد خأراتھ ...... وُچھتہٕ کوٗتاہ چھُکھ ...... تَتھ ہے واتہِ ہا ...... سون بنہِ ہس ...... تَتھ چھُے نوکری پتہٕ آسان ۔

اَفسر: نحض ییٚلہِ تُہٕ وتہٕ ہاوَکھ بٔنٛ وُکھ ...... تیٚلہِ کتہٕ روزن یم مسلہٕ ...... دوپُم ہسا جان صاٸب ...... شکار چھا بیٚہِ کانٛہہ ۔

جانہٕ: اَہن حض ...... سہٕ تھووِمیٚ پانے کارِ منٛز ۔

اَفسر: (اسان) بڈٕہ گاٹُل چھُکھ ...... اِد سالَس دوپُم حض جانہٕ صاٸب تیٚلہِ دیمو یمن نِش نظر ۔

عزیز جان: ہتہٕ حض تہٕ اِدہ کیاہ ...... یمن تہٕ ژٕلہِ شک ...... گوڈٕہ حض چھُس یہٕ حأران ...... یم حض چھِ کینٛہہ نٔوی لڑکہٕ نا ...... روٗسی خیالکی ...... شُری چھِ بچأری ...... وٕنی حض ہیٚژ أے گامہٕ والیو اوترٕ مارٕنی ...... میٚ ٲلج پَے تہٕ بچأویم ...... اِدہ حض تہٕ پٔنٛنی بچہٕ چھِم ...... میٚ ماپزٕہ تھٔنٛزٕہ شُرلہِ گُن گرشُن ۔

اَفسر: آہن ھَن تہٕ چھُ صحیح۔

عزیز جان: پتہٕ ھَن سمجھاوِیم گامہٕ واألی ...... تہٕ اِدہ بچاۓ ...... وُنی ھَن اُسی گامہٕ واألی آٮ۪تی یِم کڈوکھ ییٚتہٕ ...... مگر میٚے مونمگھ نہٕ ...... اِدہ ھَن تہٕ شُری چھِ ...... گامہٕ واألی ھَن اُسیم آٮ۪تی ...... وُنی گرٕ ھِ راشن گاٹھ نایٚتہٕ ...... نتہٕ مرن بوچھِ بوچھِ کران۔

اَفسر: ہاژِمہٕ ھَن برفِکر ...... بہٕ کرٕ ناوِ سورُے کینٛہہ۔

عزیز جان: توہہِ خوداہ تھَوِ کُرسی دِتھ ...... دِیموھَن تیٚلہِ نظراہ ...... خبر گوڈٕ تتہٕ آسیاہ تہٕ کانٛہہ۔

اَفسر: نخش تمو ہے ووٚن ساری گامہٕ واألی آسن جمع۔

عزیز جان: ہتہٕ ھَن ونان شُری گیاہ۔ یِم گامہٕ واألی ھَن اُس میے صُبحاۓ آٮ۪تی ...... سون کر کینٛہہ چارٕ ہ ...... پتہٕ دو پُکھ توتہِ لونو یہٕ گاسے ...... دیٚو پہٕ بنبس۔

اَفسر: اچھا تیٚلہِ کُرزیٚو پانے کیاہ گرٕ ھِ مُناسب ...... میٚے چھِ بیٚیہ تہٕ کام۔

عزیز جان: نہ ھَن تہٕ تُہی تہِ دیُو نظراہ ......

اَفسر: نخش ...... نہٕ ...... بہٕ نیرو (دُسی پوٗس کران سارنے ستی تہٕ نیران)۔



## سین ...... ۱۳

## (سأری گامہٕ وألی پیاران آسان)

دوٕیُم نفر: خبر ہایِسُے یورٕ گژھان ...... سُے چھُ توٗری بہان ...... تتہٕ ماچھِ سارنیٕ دعوت۔

ترٕیُم نفر: ژیٚنۍ ہرگاہ دہہ میلہٕ دوٗرِرس مُشک پِی ...... ژٕ تراوَکھ داندٕہ ہوٚرزمینسیٕ منٛز تہٕ دَوکھ۔

دوٕیُم نفر: گوکھاے چالوٗ ...... گتھ تہِ چھُکھ نہٕ دیوان کرنہٕ۔

علی محمد: میٚنۍ ہاچھُ باسان سہٕ گوٚ ژھ یوریٚنۍ ...... (تام چھُ نفر دوران یمن نِش)۔

شمس الدین: رِکھیو زِ ژٕ کیا زِیادٕ پریشان ہیوٗ۔

اکھ نفر: افسر ہسا ژوٚل واپس۔

سأری: کیا زِہ۔

اَکھ نفر: سہٕ ہساہ کڈنو وعزیز جانن فنڈ کٔرِتھ واپس ...... بتہٕ یٚڈ دِژنس تہٕ اڈٕ وَتے کوٚ ڈُن واپس۔

سأری: یہِ انڈِ نہٕ۔

اکبر: تُمی دوپنس ژِ کر پانے فأصلہٕ...... عزیز ژٲرن وونُس واریاہ اپُز...... سہٕ دراو...... ازتوٚ رفکرِ ہ یہِ سورُے چھُ یپہے کرناوان۔

شمس الدین: ونان اوسہٕ سوٚ نالٕو کو...... تتھ أسہٕ میٚے الزام لاگان...... وُچھہٕ ہ وٕنی فنٔد کرِتھ کوٚ ڈُن افسر واپس...... أسی تھأوِنی تتھی......پتھ أس...... وٕنی کیاہ بنہٕ وِ...... بیٚیہٕ ییٚو سہلاب...... بیٚیہٕ لگنو فاقہٕ...... بیٚیہٕ مُریٔ...... (شرات) تُہی مُریٔ پننہٕ بتھِ فاقو ستی۔

سأری: أسی دیمونہٕ یہِ ہرگزتہٕ سپدنہٕ...... ہرگزتہٕ سپدنہٕ۔

(تامتھ چھُ بیکہٕ طرفہٕ عزیز جان نیران...... تِمس پتہٕ پتہٕ چھُ...... جان صأب...... رشید آسان...... شمس تہٕ علیٚس چھُ بُتھ عزیز جانس کُن...... دوٚن وٕنی درین شرات آسان...... لٔوکھ عزیز جانس وُچھتھےٕ عزیز جانس کُن تھر پھِران...... شور چھُ ووتھان)

علی تہٕ شمس: عزیز جان......... ہائے ہائے۔

سأری لٔوکھ: عزیز جان...... ہائے ہائے۔...... ہائے ہائے۔(نعرہٕ چھِ کینژس کالس گژھان أتھی ستی چھِ لایٹ وارہٕ وارہٕ سوتان۔

أتھی ستی واتان ڈرامہ اند

❁❁❁

# ٔسرٕ پیٹھ

کردار:

۱۔ بشیر
۲۔ غمگین
۳۔ عزیز
۴۔ نذیر
۵۔ نثار
۶۔ ریاض
۷۔ سجاد
۸۔ شمیمہ
۹۔ ٹپوٗ

# ئرٕ پیٛٹھی

## سین ...... ا

(سٹیج چھُ خاًلی آسان ...... کانہہ Set چھُنہٕ لگِتھ آسان ...... سٹیجَس منٛز باغ چھیٚ

اَکھ Spot لایٹ دزان آسان ...... یتھ اندرا اَکھ نوجوان کلہٕ بۄن کُن

ژھٕنتھ چھُ آسان ...... سہٕ چھُ وارٕ وارٕ کلہٕ تھۄ دتلان ...... چنٛدہ منٛز سگریٹ کڈان

تہٕ زالان ...... تیز تیز سِگریٹس دام دام کڈان ...... تہٕ پتہٕ ژھٔبتہٕ کران ...... تھۄ د

وۄتھان اَتھہٕ مۄران تہٕ ژھرٹہٕ ژھرٹ کران ...... بێیہٕ پتھر بیہان ...... کلس تھف

کران تہٕ لایٹہِ کُن وُچھان تہٕ Still گژھان ...... ئ چھُنہٕ وینگہٕ کُنہ چھِ

ڈرامہٕ ہکی سأری کردار لاینہِ منٛز نیران ...... سارنے کردارن چھُ گُنہٕ ڈربس

یعنی سفید قمیض پأجامہٕ تہٕ زنانہٕ چھُ فراق شلوار سفید لأگتھ آسان ...... مگر

مرکزی کردار یعنی بشیرس گژھن بدلہٕ رنگہٕ پلو آسنہٕ ...... سأری کردار چھِ اَکھ

دأیرٕ بنأوِتھ بشیرس أندی أندی گتھ کران ...... تیز تیز ...... ترێےٚ گتھ کرِتھ چھِ

سأری کردار واپس نیران ...... بشیر چھُ وارٕ وارٕ شونگان تہٕ پان چھُ تتھی پأٹھی

تھاوان یتھہٕ پأٹھی شُر ماجہِ ہٕنٛدِس ڈٕنبس منٛز آسان چھُ ...... سأرسے سٹیجَس چھیٚ

لایٹ پیٚوان ...... تہٕ غمگین تہٕ شمیمہٕ یعنی مول موج چھِ بشیرس نش واتان ......

موج چھیٚ نچوِس فش فش دِوان)۔

غمگین: ہتے بہٕ ہاے کرٕ اُمی ہِنٛدِ ہ سوندرِہ پیٹھ سہٕ سال ...... یُتھ گاٹی گانس ناکھ دولہٕ بہیہٕ۔

زنانہٕ: نا تہٕ تہِ چھُ کرنٕے ...... میٚے ہے گامہٕ واجنہِ آسہٕ پامہٕ دیوان ...... صرف چھس کورے یاٗژ زیٛوان ...... تِمن موٗنڈن ہا گرٛ ھِ دَم گرٛھُن۔

غمگین: نا ے تہٕ پنٕنہِ جایہِ چھیٚے کتھ ...... کورِہ ستہٕ مرٕہ گیہِ اسہِ زٕتھ۔

زنانہٕ: گرٛ ھ تہٕ خوش ...... نیٚچوٗ تہِ دِتمَے۔

غمگین: بہٕ ہےَ چھُس دپان میٚے گرٛ ھنہٕ پکھٕ تنٛز ...... تہٕ بہٕ گوٚ ژھُس نہٕ وُڈِتھ گرٛھُن۔

زنانہٕ: نہٕ ...... نہٕ ...... تہٕ گرٕی زِنہٕ ...... ژٕ ہرگاہ وُڈِتھ گوکھ میٚے تراوَکھ دَکن رٕکرٛ پیٚتی ...... ( نذیر تہٕ عزیز اژان اژان ...... یِم چھِ ہمسایہِ زٕ آسان مبارکس آمتی )۔

نذیر: کیاسنا وڈِتھ گس گوٚ و ...... یعنی حالات ماچھِ خراب۔

عزیز: مبارک ہا چھُوٕ ...... مبارک ...... شَراہ دراوِہ ...... کرتہٕ عاٗشاہ۔

نذیر: کڈٕ تہٕ وُنی واشاہ ...... لُسی تنے ...... نُوی تنے ...... چوبُے دِپ تنے۔

عزیز: کھکھٕر دِپ تنے ...... مگرلُسی تے۔

زنانہٕ: سلامت......توہہِ پننٕ رُت یژھُن۔

نذیر: ژُریوٚ بغأر...... میٚے چھِ گوڈرِ گوندرِ...... ہرگاہ پرٕتھ آسمانس اَکھا اکھ تھاوون توتہٕ ہُرن زٕ ژور۔

عزیز: تلالوٚ گُکھ ژٕ پننِ دأدی کانٛگر وٕننہٕ ژٕ ہا چھُکھ بڈٕ خود غرض...... پنُن دوکھ بأ گراوٕ ہکھ پرٕتھ کأنسہِ ستیٚ ......اما پوٚز لُگہٕ دأدی وِز چھُکھ...... کنہٕ ڈول دِوان۔

غمگین: دوٚیے ہا کہیو کہوٕہ پیالا پیالا چیٚیِہ وا۔

نذیر: ژٕ چھُکھ ساوُنہِ وُچھانےٚ...... میٚے اُسے رائے پیالن منٛز آسن ییٚتہِ گیوٚ گُلچِہ ترأوِتھ۔

عزیز: میٚے ہا اُس رائے مِٹھہِ چائے آسہِ پیالن منٛز گروتہٕ گروتہٕ کران۔

زنانہٕ: یہِ کوسہٕ گتھ چھیٚے...... ہتے تلے اورٕ تار کہوٕہ سماوار جل پہن۔

نذیر: دوٚیے ہا اَمِس لڑکس کیاہ کوٚر رٕ ناوٗ؟

عزیز: اَہن سا اَمِس گوٚژھ نا کانٛہہ ناوٗ دیُن...... ییٚے ناوٗ گتھ لگہِ۔

نذیر: میأنی کٔنی ہا کرِہ ہے فِکرِہ پتھ پانے ناوٗ۔

غمگین: ہتا توٚت تام کہیو ونوس وُنٛتا.....سکوٗل کہو آسنس ونان۔

عزیز: تلا بوزتہٕ ووٗنی افلاطوٗن ہٕنز گتھ......وٗنی کیاہ کرووس ناوٗ۔

زنانہٕ: ہتہٕ سا کیاہ وَنے میٚ وأتی سَتو پینو پیٹھہٕ لڑکہٕ ناوٗ سونچان......
سونچان أسس ییٚمہِ لٹہِ زیٚیم نچوٗ تہٕ یہِ ناوٗ کرس...... اِدِ
وُچھتہٕ ووٗنی کأژوپتہٕ سوٗ زُن......دِیہِ ہٕنز مرضی آسان۔

غمگین: میٚ ہا ووت راتہٕ پیٹھ سونچان......کرس نا اللہ دہن ناوٗ۔

نذیر: (اَسان اَسان) اِدِ ہ کیاہ......ٹٲٹھ لوٚب نَے ژونگ پتہٕ چھے
شأہی کرِنی۔

زنانہٕ: ہے کیا سا چھُکھ ونان......اللہ دہن گوٚ وا کانٛہہ ناوٗ......یہٕ ہسا
کرس اسد اللہ ناوٗ......یُتھ سارنے ہٕتی جنگ آسہِ کران۔

غمگین: اَسد گوٚ وا کانٛہہ شوٗبدار ناوٗ...... أمِس چھُ اللہ دہنہٕ ناوٗ
تھاوُن۔

زنانہٕ: اللہ دہن کُس ناوٗ گوٚو......أمِس چھُ اسد اللہ ناوٗ کرُن......۔

غمگین: یہٕ چھُس أمی سُند مول......یہٕ کرس اللہ دہن ناوٗ۔

زنانہٕ: یہٕ چھس أمی ہٕنز موج......یہٕ کرس اسد اللہ ناوٗ۔

غمگین: ژٕ کوسہٕ چھکھ یہٕ کرس اللہ دہن ناوٗ۔

زنانہٕ: ژٕ کُس چھُکھ یہٕ کرس اسد اللہ ناوٗ............(دروازٕ ہ نیران تہٕ
لڑأے زن کران)۔

غمگین: (شرارتہٕ سان) اللہ دِین۔

زنانہٕ: اسداللہ (شرارتہٕ سان...... دوٚیہِ تریٚیہِ لٹہِ پھِری پھِری ونان)۔

نذیر: لاحولُ ولاقوتُ اِلا باللہ ............۔

(یک دم پوز بدلان تہٕ امام آیہِ کتھ کران)۔

عزیز: خاموش...... (امام صأبنہِ آیہِ) کوٗری ژیٚے بڑی نہٕ خاندارس بُتھِ لگُن ......یتھٕ پأٹھی گژھکھ ژٕ نارِہ جہنمس منٛز۔

نذیر: (امام آیہِ) گوبراہ ژٕ کیازِہ چھکھ یٔ تاہ توٚت کھیٚوان...... ژیٚے بڑی زنانہِ ہنٛزن جذباتن ہنٛز قدر کرِنی...... اِدِ ما گژھکھ پگاہ ثواب گارو ہنٛز وزنگومنٛزی جنتس منٛز۔

زنانہٕ: نہ حض تہٕ پیر صأب تیٚلہِ وَن ژٕ ے کیاہ ناوٗ کرووس۔

غمگین: بلایہِ حض لگو...... ییٚمس وٗنیٔ حض ......کیاہ ناوٗ کرووس...... یہٕ دِموہ ہدیہ تہِ۔

نذیر: لوکٹہِ پیٖرہ......ناوٗ کیاہ چھُ اُمس ابجدِحسابہٕ نیران۔

عزیز: (حِساب کران) ییٚتہِ حض چھُس بشیر نیران۔

غمگین: ٹھیک حض چھُ میٚے چھُ منظوٗر۔

زنانہٕ: بُتہِ نیرنہٕ پیٖرس پیٚٹھی۔

نذیر: کٔڈی تو کاہ ڈبل...... تہٕ تولس زٕ ترکھ فورن...... (شُر چھُ وِدان تہٕ موج چھُس للہٕ وان)۔

## Light off

گھنٹی ہِنٛز آواز...... لایٹ چھےٚ سٹچس پیٚوان...... باقی کِردار چھِ کلاس رۄُمس منٛز آسان...... ماسٹرجیٚس گُن چھُکھ بُتھ آسان...... کلاسس منٛز چھُ زنتہٕ ماسٹرجی بورڈس پیٹھ لیٚکھان آسان......تام چھُ بیٚاکھ ماسٹر یعنی ہیڈ ماسٹر کلاسس اژان اژانے شروع گژھان۔

نثار: ماسٹرجی (ریاضس گُن)۔

ریاض: جناب۔

نثار: دوٚیمےٚ ہساہ پگاہ ییہِ اَفسر...... اوَل کلاسس منٛز گژھن کم از کم 20 لڑکہٕ درٕج آسنٛ۔

ریاض: اہن حض تہِ چھُ پوٚز......مگر سأرسے گامس ژھأنڈ دِتھ درأے شہٕ وُہرۍ لڑکہٕ کیٚو لڑکیہِ پنٛداہ...... پانژھ کتہِ تھُرکھ۔

نثار: تنٛد ورٕ منٛز بہٕ کیاہ کرے...... ژیےٚ چھےٚ راے میےٚ یأژ گلہِ نوکری......ژیےٚ آسی میےٚ برونٛٹھ چھُٹی ......یعنی چھُٹی۔

ریاض: نہ حض تہٕ پانس چھِم نہٕ تہٕ اِنھکھ۔

نثار: پأدِ کرُکھ سا ...... بہٕ کیاہ کرے...... میےٚ چھُ پگاہ افسرس نِش جواب دِیُن سپدُن ......انڈر سٹینڈ...... I am head master۔

ریاض: I am 2nd Headmaster

نثار: یٔیمہِ ساتہٕ أسی دوشوے چھُٹی پیٹھ چھِ آسان ......تیٚلہِ کُس چھُ ہیڈ ماسٹر آسان۔

ریاض: جناب پۆ نژمہِ ہُنٛد مانیٹر۔

نثار: مگر Enrollment Drive چھُ ...... پگاہ کھیٚن نوکری ژٕیٚتہِ تہٕ میٚتہِ......۔

ریاض: سہٕ افسر جناب چھُ وُلتہٕ ...... پگاہ چھُ کیہتام ڈیشُن۔

نثار: توے چھُس بہٕ دپان لڑکہٕ انٛز ...... پگاہ چھُ حنگ سپدن وول۔

ریاض: پگاہ گوٚ ژھ نہٕ سپدُن ......إٔخر بہٕ اَنکھ کتہٕ۔

نثار: بہٕ زانہٕ نہٕ تہِ ......ژُ وُہری لڑکہٕ انووکھ...... پانے لیٚکھووکھ شہٕ وُہری ...... ماجن نِکھ کھونومٕژ ......منٛز لیٚومٕژ ......اتھومٕژ ......مگر تعداد کر برابر...... ہرگاہ نوکری چھے بکار (لڑکن ہُنٛد شور)۔

ریاض: بہِ کُس چھُ شور کران......گدھے......(لڑکن لایان)

نثار: ماسٹر جی...... کم سے کم مہٕ لائے از تہٕ پگاہ...... Enrollment Drive چھُ ...... افسر آسہِ پگاہ پکان...... یم لڑکہٕ تہٕ مہٕ ژلہٕ ناوُکھ...... ہماری نوکری ہوا میں گھوم رہی ہے۔

ریاض: یعنیDisco کر رہی ہے...... اَچھا جناب تیٚلہِ ہمٚکھ بہٕ امیٚک قصاص افسر نیٚرِتھ......از ہا گیوٚ ماٛفی۔

نثار: Right...... یہِ گیہِ حکمت عملی...... (اورٕ ہ چھُ مول اژان بشیٖرس تھٔف گٔرِتھ...... بشیر زن تہٕ لوکٕٹ لڑکہٕ تمہِ آیہ پکان)۔

غمگین: اسلام علیکم......۔

نثار: واعلیکم سلام......اوہو وارے چھُوٕ حض۔

ریاض: (خوش گرٛ ژھان) شہُراہ 16۔

نثار: یہِ لڑکہٕ چھَ حض دٕرج کرُن...... میٚےٚ اَس رائے ژٕ یِکھ از...... ژٕ چھُکھ Progressive کومیل......ژیٚےٚ چھے پَےٚ تعلیم کیاہ گٔیہِ...... ماسٹر جی لڑکہٕ کٔری وُن درج۔

ریاض: (زنتہٕ فارم بران)...... ییٚتِھ کٔریوٚ نبٕٹھ......لڑکس چھُنہٕ فیس کینٛہہ...... مُفت تعلیم...... فارمچہٕ روپیہٕ زٕ......لڑکن مٹھاٛے تریٚےٚ روپیہٕ...... تہٕ ماسٹرن چائے پانژھ روپیہٕ......کُل رقم صرف 10 روپیہٕ۔ (غمگین ماسٹرس پونسہٕ پلہٕ ناوان)۔

نثار: تُہیٚ نیٚریوٚ ......لڑکہٕ گوٚو ووٚنی اَز کہِ پیٹھہ...... گوڈٕ ہ خوداَیس حوالہٕ تہٕ پتہٕ اسہِ۔

غمگین: دوہیمَوھض ماسٹر بی تیٚتس کالس حاٲل گژھس تیٚتس کالس اَسی زِیوس نہٕ لایان......(غمگین نیران)۔

ریاض: پراوے نہ ھض کینٛہہ......یہِ ھض گوٚ وپٔن لڑکہٕ۔

بشیر: ٹاٹھیاہ......پتہٕ۔

ریاض: نہ لگے Enrollment drive چھُ......ژٕ گوکھ ہوٚ کیاہ ہوتھ کلاس منٛز۔ (ماسٹر لڑکس پکہٕ ناوان...... تہٕ لڑکن ءستی بہناوان)......شاباش ......یہِ گوٚ وبیا کھ لڑکہٕ۔

لڑکہٕ: اہن ھض۔

ریاض: شاباش......پرٕ سا......أِلف......۔

لڑکہٕ: أِلف......۔

ریاض: ب......پ......ت......ث......(لڑکہٕ تہٕ ءستی ءستی پران)

سجاد: ماسٹر جی یُس یہِ لوٹھ ہیوٚ چھُ یہِ گوٚ وھض أِلف۔

ریاض: (لاگنہٕ اندازٕ ہ)......اہن بی لُٹھی کٔج۔

ٹیپوٗ: ناوٗہش گوٚ وھض 'ب'۔

ریاض: ژھوپہٕ کرکاوٕ (لاگان) ناوٗہش گوٚ وھض 'ب'۔

بشیر: (ودُن لاگان)......بہٕ گژھہٕ ٹاٹھس بہٕ گژھہٕ بوبس۔

ریاض: بوبہٕ تہٕ ٹوٹھ گوٚو پتہٕ...... فی الحال گوٚو بتہٕ ( لورِہ ٹاس کڈان )۔

ٹپوٗ: الأ ے...... یِہاوادان...... یہِ رٕکھیو زِوُدان......۔

سجاد: پہٕ آو ناأزی سکوٗل...... یہِ چھُ کھوژان۔

ٹپوٗ: کِمِس......اسیاہ رِکنہٕ ماسٹر جی ییٚس۔

سجاد: نا سون ہا گوٚو یار...... یہِ ہاچھُ ماسٹر جیٚس کھوژان۔

ریاض: شاباش...... ( گوٚبان زنتہٕ ہِندر کھسان ) لیٚکھیوٗ سا مشق......ب......پ......ت......۔

لڑکہٕ: ألف...... ب...... پ۔

## Change Over

( لڑکہٕ چھُ زن تہِ ہناہ بوٚ ڈ گوٚمُت آسان......سہٕ چھُ أ رِکس بُڈِس Spots منٛز بھتھ زن تہٕ کاپی پیٹھ لیکھان آسان......ژور Spot چھِ Semicircles منٛز پیٚوان......یِمن انڈر ژور رکر دار یعنی ژور ماسٹر جی کھڑا لڑکس پرناوان آسان ......لڑکہٕ چھُ لوٗکن کُن تھر گرِتھ آسان تہٕ ماسٹرن چھُ لوٗکن کُن بُتھ آسان )

سجاد: $(a+b)^2$ گتھ برابر چھُ؟

نثار: نیوٹنز تھأرڈ لا آف موشن کیا چھُ؟

ریاض: مغل حکوٗمتک بأنی اوسا اکبر کِنہٕ بابر؟

ٹیپوٗ: اقبالؔ چھا بوٚڈ شأعر کِنہٕ غاأب؟

سجاد: أکھ انسان اگر دوہے اوڈ کلو بتہٕ کھیٚیہ...... 68 کروڑ لوٗکھ ......کوٗتاہ بتہٕ کھیٚن دوہس۔

نثار: ارتقا کیاہ گوٚو؟ تہٕ اسہِ کُس ارتقا چھُ گومُت۔
Metomorphous......Retrogassive آ۔

ریاض: ہندوستانس منٛز کٔژ ریاستہٕ چھیٚ؟

ٹیپوٗ: چلو کہ چل کے سیاسی مقامروں سے کہے
کہ ہمیں جنگ وجدل کی چلن سے نفرت ہے
جسے لہو کے سِوا کوئی رنگ راس نہ آئے
ہمیں حیات کے اُس پیرہن سے نفرت ہے۔ تشریح کرو؟

سجاد: سارِوے کھوتہٕ چھیٚ عموٗدی وَتھ ژھوٹ۔ (اسان) ثأبت کریوٗ؟

بشیر: سُمگلنگ۔

نثار: سارِوے کھوتہٕ تیز دورن وول جانور کُس چھُ؟

بشیر: F/16۔

ریاض: ترقی یافتہٕ ملک کُس گوٚ و۔

بشیر: یٚیس انسانٕی زندگی ختم کرنہٕ خاطرٕ ہ......زیادٕ ہ جنگی سامانہٕ آسہِ۔

ٹیپوٗ: جدیدیت کرِ پیٚیہِ تھنہٕ۔

بشیر: ینہٕ قدیمیت موکلیہِ......(جل جل تنگ ہتھ جواب دِوان)۔

سجاد: پاہتھا گوراوس اَکھ بوٚ ڈبارٕ ہ حِساب دان۔

نثار: آینسٹاینن دِژ ھ تھیوری آف Relativity (بشیر اقرار کران)

ریاض: حسن شاہ کھیہامی چھیٚ تأریخ کشمیر لیٚچھمٕژ۔

سجاد: اَکھ تہٕ اکھ گیہِ زٕ۔

نثار: رگڑنے سے گرمی پیدا ہوتی ہے۔

ریاض: Taj was built by Shah Jahan for his wife.

ٹیپوٗ: تیرے سِوا مجھے پہنے کون
میں تیرے تن کا کپڑا ہوں ...... تشریح کرو۔
(سوالن ہِنٕز تیزی گژھان بشیر چھُ کنن تھوٚپ دِوان)



# Light off

(باقی کِردار چھِ کلۍ بنتھ آسان ...... ژ ترینؠ کِردار چھِ اَکھ اَکی سِندِس کلس پیٹھ اتھ تھاوِتھ زن تہٕ آبہٕ شار بناوان ...... تہٕ باسان چھُ بشیر تہٕ اَکھ لڑکی چھینؠ اَکس باغس منٛز روٗزِتھ گتھ باتھ کران)

بشیر: ژ کیا زِ ژھوپہٕ کرِتھ؟

لڑکی: شورٕ ستی تہٕ کیاہ نیرِ ہ۔

بشیر: ژھوپہٕ تہٕ چھنہٕ ساٗرسے دواہ آسان۔

لڑکی: یُس منٛز گتھن چھُ یوان ...... گُنہٕ ساتہٕ چھُ تیتھے ژھوپہٕ تہٕ یوان۔

بشیر: (اونگجن رِگندان آسان) ڈیڈی چھاپنہٕ کتھِ پیٹھ ڈٹتھ۔

لڑکی: (کلہٕ ستی اِقرار کران)۔

بشیر: میٔ اوس وُنستام بوٗزمُت زِ Love marriage چھُ گژھان ناکام ...... ییلہِ لڑکہٕ غریب تہٕ لڑکی امیر یا ...... لڑکی غریب تہٕ لڑکہٕ امیر آسہِ ...... مگر ساٹہٕ لوٗسٹوری منٛز ہرگاہ چون مول سیٹھاہ امیر چھُ ...... مگر اَسی تہٕ چھِ ہاکھ بتہٕ کھیوان۔

لڑکی: مگر تیوٗتی یوت چھُنہٕ کاٗفی۔

بشیر: بیہٕ تہٕ چھا کانٛہہ۔

لڑکی: دِلچ برابری ...... دماغچ برابری ...... کاروبارٕچ برابری۔

بشیر: مگر تِمس کیاہ چھُ ...... میۓ منز عاب باسان ...... یہٕ کیاہ ژوٗر چھُسہٕ ...... لفنگہٕ چھُسہٕ ...... میۓ کُس قصوٗر چھُ (شرارتہٕ سان)

لڑکی: از کل گژھن تیتھی صفت آسنۍ۔

بشیر: مگر ژٕ کیازِ نہٕ میۓ صاف ونان ...... أخر سہٕ کیاہ چھُ یژھان ...... (تنگ یوان)۔

لڑکی: سہٕ چھُنہٕ یژھان سون اَکھأ رِکس سمکھن تہٕ بس۔

بشیر: وجہ۔

لڑکی: یہٕ دنیاہ چھُ عجیب ...... ییتہِ چھُ پرتھ کانٛہہ یژھان صِرف پننۍ خوشی ...... تمہِ خأطرٕ ہ پیۓ تن لس پننۍ شُری مارٕنی ...... تس پیۓ تن ایمان کٔنُن ...... سہٕ چھُ کنان ...... تس پیۓ تن پنُن مذہب تراوُن ...... سہٕ چھُ تراوان ......۔

بشیر: تہٕ چون مول کیاہ چھُ یژھان۔

لڑکی: تس چھیۓ چأنۍ مألی کرتام مشیدِ ہ منز دہن تھی بے عزتی کٔرمژ ...... یُس تس موتہٕ کھوتہٕ سخ چھُ گوٗمُت۔

بشیر: مگر اسہِ کیازِ تمیُک سزا۔

لڑکی: سہٕ چھُ یژھان ژیۓ ژھرتہٕ ژھرٹ کرنأوِتھ چأنِس مألِس انتقام ہیوٗن۔

بشیر : مگر میٚ ستی کرکھ ژٕ تہِ چھوڑ چھوڑ ...... تہِ ژالیاہ سہُ۔

لڑکی : پٔنُن بوس لوژراونہٕ خاطرٕ ہرگاہ بٔتہِ دَزٕ ......سہُ کرِ تتہِ خوشی سان برداش۔

بشیر : تیٚلہِ کیاہ کرو...... چانہِ ورأے چھُ میون وجۄد اوڈُے...... بہٕ کیاہ کرِ تیٚلہِ ژٕ چھکھ جذباتو روس اَکھ کٔنز ...... میأنی پریشأنی وُچھِتھ تہِ چھکھ ژٕ ہ ترٛژٕھے ...... پٔژھ پرٛتھ وِزِہ چھکھ آسان ...... ژٕ ون صاف ...... ژیٚے چھُیہِ نا میون کینٛہہ سریہہ...... رِکنہٕ بہٕ چھُس ٹٔلِ دزان...... (جذبأتی اندازمنٛز )۔

لڑکی : میٚے چھُ پٔنُن وجۄد ژیٚے منٛز ژھونڈمُت ...... ژٕ چھُکھ دپان بہٕ کٔوتاہ چھُستھ ژٕ یژھان...... تہِ پرژھ میٚ ژٕ ...... بہ ہیکہِ چانہِ خاطرٕ ہ دُنیاہ ترأوِتھ ......سماج ترأوِتھ ...... ییٚتھ ژٕ کھوژان چھُکھ ...... بہٕ ہیکن چانہِ خاطرٕ ہ مول ترأوِتھ......تیٚمی سُند ژیٚے خوف چھُے ...... زنانہٕ چھیٚے یژھان أکِس Complete مرد سُند سہارٕ ۔ یُس پرٛتھ دوکھس سوکھس منٛز تٔمِس لرِہ لۄر روزِہ...... ژٕ تہِ بن تِتھُوٕے ...... تہٕ وُچھ بہٕ آسا چانِہن کھورن تل ...... بہٕ چھیٚے سَے گُلی گنڈان میٚے چھُ چأنی تمہن انڈٕری انڈٕری سۄرکۄرمُت ...... بہٕ ہیکہٕ نہٕ ییتہِ اپور ژٔلِتھ ...... یکھ پٔنٕنی آزادزندگی گُذارو ...... یکھ میٚے دِہ ساتھ ...... یکھ ...... یکیٔو ...... (ودان ودان)۔

بشیر: بۍ اوسُس اکہِ آیہِ سوچان مگر...... مگر تمہِ ستۍ آو نۍ کانٛہہ تہِ فائیدٕ ...... ہرگاہ سۆے وَتھ جان تہِ اَس...... مگر ییٚلہِ نۍ جان ورتاوِتھ اوٚرہ کانٛہہ رٔژر کانٛچھِ ...... اسہِ کیاہ پتہٕ تٔمۍ سُند تفریق ہیٚون ...... ( خودی سان ) ییتہِ چھُ جان ورتاوِتھ تہِ ٹھٕٹھ کران ...... تہٕ خراب کٔرِتھ تہٕ مسایہٕ ژٹان ...... جان چھُ ہرگاہ پانسۍ فائیدٕ ہ واتہِ (لڑکی چھییٚ اَمِس فورن نزدیک یوان تہٕ لڑکہٕ کرٕکہِ دِوان )...... آ ...... آ ...... بۍ چھُس تیمِس ستۍ محبت کران...... اَسۍ چھِ زٕ زوٚ اَستھ تہِ اَکھ ...... اَز کہِ بارکرنہِ اسہِ کانٛہہ تہِ جُدا ...... یہٕ چھییٚ صرف میأنۍ ...... یُس اسہِ درمیان ہاوی گژھِ ...... تس کرٕ بۍ چکنا چوٗر ...... سہٕ مِٹاون بۍ ...... تٔسُند خوٗن کرٕہ بۍ ۔ (ہناہ نرمان)۔

(لڑکی تہِ خوش گژھان سۆ چھییٚ تٔمِس نکھس ستۍ نکھ رلاوان )

## Light Off

(ریاض تہٕ بشیر چھُ کالج لڑکہٕ آسان ...... غمگین تہٕ نزٕ پر چھِ لیڈر بٔنِتھ یوان ...... سیٖن چھُ زنتہٕ سڑکہِ پیٹھُک آسان )

نذیر: ( ریاضس کُن )...... دوہُم ہایہِ چھاسہٕ نوجوان یُس تٔہنٛد چیٚہرٕ ہ دوس چھُ ۔

ریاض: اہن حض یہِ گوٚ ومیون خاص سأتھی۔

نذیر: اِدہ ساتیٚلہِ گوجان...... (غمگینس کُن) کیاحض توہہِ کیاہ چھُ تیٚلہِ باسان جناب۔

غمگین: (ریاضس کُن) یہِ گیہِ سأنی ئر...... ییٚلہِ أمِس یمن پیٹھ پڑھ چھیےٚ......سون گو اولاد۔

نذیر: نہ حض تہٕ تُہنٕدِس سالیس تل روٗ زِتھ ہے واتہِ کتہِ کور...... ییٚلہِ نہٕ ڈویژن آسبس...... تُہنٕزِ اکہِ چِٹھہِ ستیٚ میلبس......میڈیکل کالجہِ داخلہٕ۔

غمگین: ووڈٕرِ کالیج گژھِ تہٕ توٗری...... BVsc گژھبس مرضی تہٕ سون نہٕ کانٛہہ اعتراض...... امی سٕنزٕ ے یأ ژچھیےٚ تأر۔

نذیر: پوٚز تہٕ برحق...... دَپھ حض...... (بشیرس کُن) یہِ چھُے قسمتھے تیمِس رہبر سنٛز نظر پیٚیہِ ژیےٚ پیٹھ۔

غمگین: میےٚ چھِ یمو اہنٛدی سخ تأریف کری ہتہ...... (ریاضس کُن) یہِ چھُ سبٹھاہ قأبل یُس پرنس منز جان چھُ آسان......سہٕ چھُ پرٕتھ مأدانس منز برونٹھ جان پأٹھی پکان۔

بشیر: بہٕ حض چھُس شکر گذار پنٕنس دوستہٕ سُند تہٕ تُہنٛد...... زِہ توہہِ چھیےٚ میےٚ پیٹھ نظر...... میےٚ ؤنی توحُکم کیاہ چھُ......تُہہٕ وُ چھتو میےٚ ہرگاہ تُہنٛدِہ خأطرِہ خوٗن تہٕ پیٚیہِ دیُن...... بہٕ کرنہٕ واے۔

نذیر: نفیس ...... مرحبا چھے اتھ لیا قٔس ۔

ریاض: میے ووٚن نہ حض تو ہہِ ...... سأنی خیالات چھِ گُنی ...... سون وتھُن بہُن چھُ گُنِے ۔

غمگین: وُ چھ ساگو براہ ...... ژیےٚ چھے نہٕ زیادٕ ہ فِکرِ تارنچ ضرٗ رتھ ...... ژٕ چھُکھ سبٹھاہ گاٹُل ...... وُنی کیٚن چھُوےٕ ژیےٚ پے زِبیٚکأری کأژاہ عام چھِیےٚ گأمژٕ ...... کأنہہ چھُ پران ...... چأنی پأٹھی چھُ پانس خٕو ن کڈان ...... تہٕ پتہٕ ڈگری ہیتھ دفترٕ دفترٕ پھِران ۔

نذیر: بازرس کُس گتٕہ کار چھُ ووتھمُت ۔ کالہٕ انان چیز روپیہٕ ...... پگاہ چھُ دوٚن روپیٚن دِوان ...... مِلا وٹھ کھوری چھِیےٚ ییتھ حدس تام ...... دواہ یُس بچاونہٕ خأطرٕ ہ انان چھِ سُتہٕ چھُ زہر بوٗ رُت آسان ...... کھیٚنہٕ چیزن منٛز چھِیےٚ سوٗ مِلاوٹھ یِوان کرنہٕ ...... یُس مذہبن گوناہ چھِیےٚ تھأوٕمژ ۔

غمگین: مذہب چھُ یِوان وارٕ وارٕ ختم کرنہٕ ...... یہِ چھِیےٚ اَکھ انٹرنیشنل چال ...... تہٕ ہرگاہ اَسی چھِ ونان پانس پٔزی مذہب پرست ییٚمہِ مُلکٕکی حساس باشندہ ...... تیٚلہِ چھِیےٚ اَتھ خلاف آواز بُلنٛد کرٕنی ۔

نذیر: اَسہِ چھُ یہِ احساس دیُن زِ یُس لوٗٹھ کھسوٗ ٹ سپدان چھُ ...... سہٕ چھُ غلط ۔

نذیر: اسہِ چھُ پنُن حق لَڈِتھ انُن ......۔

غمگین: اسہِ چھےٚ سِٹرا ایکہٕ کرنہٕ۔

نذیر: تہٕ توٚت تامتھ روزُن لڑان...... یوٚت تام نہٕ گورنمٹ ......سانٛئ مطالبہٕ مانہٕ۔

بشیر: مگرأسی زٕ کیاہ ہیکو کٔرِتھ۔

غمگین: (اَسان اَسان) توہہِ چھُ صِرف یَمن ستی روزُن...... (ریاضس کُن اشارہ)......یم ونن توہہِ پانے کیا چھُ کرُن۔

نذیر: پَتھ گوٚو چھُ بنان پونسہٕ ماپیٚیہِ گُنہِ خأطرِہ ضرٗرتھ...... (کڈان تہٕ دِوان بشیرس کُن)۔

غمگین: پرواے چھُنہٕ پگاہ سمکھوتھٕ تہٕ أسی ...... ہرگاہ یِیٚیہِ تہٕ آسہِ کینٛہہ لوٚگمُت تتہٕ واتہِ توہہِ......انقلاب زندہ باد......(نعرہ دِوان)۔



## Change over

(نعرٕ بأزی چھیےٚ گڑھان......زن تہٕ جلوٗسہٕ تہٕ تقریر...... باقی کردار چھِ جلوٗسس منٛز......بشیر تہٕ ریاض چھُ بڑ ونٹھ بڑ ونٹھ نعرٕ دِوان...... ''جو ہم سے ٹکرائے گا...... پاش پاش ہو جائے گا......انقلاب زندہ باد......غلط نظام ہائے ہائے'' ......تام چھُ ریاض جلوٗسس پتھر بہناوان......تہٕ بشیر چھُ تقریر شروع کران)

بشیر: بایو...... تو ہہٕ چھہٕ خبر زِیہٕ جلوٗس کیا زِ آو کڈنہٕ۔

ریاض: اَز صُبحٲے اُس مقدس کتابہٕ ہِندی ورق گنڈِ ہ نالہِ مٔنز۔

بشیر: مذہبن چھِیٚ یوان بیٚ قدری کرنہٕ...... مذہبی کِتاب یوٗس دنیاہس مشعلہِ راہ چھِیٚ آسان...... تتھ آیہٕ بیٚ حرمتی کرنہٕ۔

ریاض: یہٕ چھِیٚ اَکھ اِنٹرنیشنل چال...... زِ مذہب گژھِ بیٚ یزتھ یُن کرنہٕ...... مگر ہم خوٗن بہائیں گے...... لیکن اپنے مذہب پر آنچ نہیں آنے دیں گے۔

لوٗکھ: ضروٗر...... ضروٗر۔

بشیر: حکوٗمت چھِیٚ خوفتہٕ...... تِمۍ کٔرنہٕ کانٛہہ کاروٲیی یِمن مذہبکین بیٚ قدری کرن والیٚن...... تِکیازِ تِم چھِہ پانہٕ تہٕ پی یژھان...... مگر ہم ایسا نہیں ہونے دینگے...... (نعرِ ہ چھِہ ستی ستی گژھان)۔

ریاض: مذہبس ستی چھُ انسانس اَکھ زٲویُل رشتہٕ آسان...... خبر کوٗتاہ تہِ گوناہ گار آسِتن اَکھ انسان...... مگر پنُن مذہب یژھِ نہٕ سُہ بیٚ عزت گژھُن...... مگر حکوٗمتن کوٚر نہٕ کانٛہہ چارٕ ہ امہِ خٲطرٕ ہ۔

بشیر: تموکۆ رنہٕ کھٕنٛز امہٕ خاطرٕ اتھ تہ وُرک کرنہٕ خاطرٕ...... تِکیا زِہ تم چھِ نا اہل...... کیا سائنس مذہبس پیاہ بیےٚ حرمتی کرنہٕ (وِدان)...... بہٕ چھُس دپان توہہِ کتہٕ چھُ سہٕ یزتھ توہہِ کتہٕ چھیےٚ سۆ ہمتھ...... ییمہِ وقتہٕ کینٛہہ ''مٹھی بھر'' جانباز غلط وتہٕ پکن والین ساسہٕ بدٕ بن تہٕ لچھہٕ بدٕ بن زیرٕ کران اُسی...... تہٕ از کیاہ چھُ اسہِ گومُت...... وٕتھیوٚ...... تہٕ لٔڈیوٚ...... بأطس ءتی...... وٕتھیوٚ......وٕتھیوٚ۔

(سأری کردار چھِ ووتھان تہٕ نعرٕہ دِوان...... سأری کردار چھِ کھورِہ وینگہٕ کُن بُتھ کران تہٕ مایمس منٛز تور کُن کنہٕ لگاوان...... شور چھُ ووتھان تہٕ تام چھُ کھورِہ وینگہٕ کِنی نفر نیران...... یُس زنتہٕ پُلسہٕ افسر چھُ آسان...... سہٕ چھُ زنتہٕ کنیو نشہِ پان بچاوان...... تہٕ ونان)۔

ٹیپوٗ: بہٕ چھُس توہہِ ونان...... تُہی مہٕ ہیٚوٗ تشدد س کأم...... وُنیک تام کۆر اسہِ سبٹھاہ برداش...... ہرگاہ ووٚنی کانٛہہ تہٕ اَکھ قدم برونٛہہ کُن یکہِ وِ......تس ییہ گوٗلی لگاونہ......(کردار برابر کنہٕ چلاوان) اُخری بار چھُس بہٕ توہہِ ونان...... آگے مت بڑھو......ہم بہت برداشت

کر چکے ہیں ...... تہٕ گژھیوٗ واپس ...... (شور گژھان) بہٕ چھس توہہِ ونان اسہِ مہٕ گریوٗ زیادتی کرنس پپٹھ مجبور ...... بھاگو...... بھاگ جاؤ ...... (شور) ...... Ready جوانو ...... سٹارٹ چارج ...... Fire ...... (کریکہٕ تہٕ ودنٕچ آواز ...... گژھان کینٛہہ کردار چھِ زن تہٕ گولہِ کھیٚوان ...... تہٕ پتھر پیٚوان۔

(گاش سوٚتان)

(سین چھُ اَکِس گھرس منٛز آسان ...... کردار چھِ اَکھ کمرٕ بناوان)۔

عزیز: ژٕ کہیو زِ چھُکھ اُداس ہیوٗ؟

بشیر: کہنٛی نا اَکھ گتھ ہے آسہِ ہے ونہٕ ہے!۔

عزیز: ناتو تہٕ۔

بشیر: اکہِ طرفہٕ مأنٛس ماجہِ ہنٛز بیٚے کأری پپٹھ زُرکہِ ...... تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ کوٚرُکھ میانہِ Beloved خاندر۔

عزیز: (حأرانگی سان) کر ...... مگر تمہِ بیٚے وفایہِ کیازِ دِتےٚ ژیٚے دوکھٕ ...... سوٚ کیازِہ پرارے یہِ نہٕ ژیٚے۔

بشیر: کِتس کالس کرِہ ہے انتظار ...... مول اوسُس اکہِ طرفہٕ تبر ہتھ تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ ساجکی تانہٕ ...... میٚے تہٕ یوٚ ژھ نہٕ ...... خبر کر بنہِ نوکری ...... بنہِ تہٕ خو واہ زانہِ سہٕ روز صادق ...... دپھ بے تھوکُس۔

عزیز: میٚہ ہا دیُت انٹرویو...... مگر سُتہٕ چھُ بہانے...... دٔہ ساس روپیہ بٔرم...... تہٕ ہگاہ آسہِ آرڈر تیار۔

بشیر: تیٚوٗت پونسہٕ کتہِ اوٚنتھ؟

عزیز: زمین کنال اَکھ زٕ ژٕھنٕ کِنتھ۔

بشیر: مگر یہٕ کرنہٕ تہِ ہر گز تہِ...... میٚہ چھُ Merit...... تِمن چھُ فرض میٚہ نوکری دِنٕی۔

عزیز: آ...... آ...... راتھ کوٚرُکھ Cabinet منٛز فأصلہٕ...... زِ ژیٚہ پٮ۪نے گھرٕ نوکری ہیٚتھ۔

بشیر: میٚہ پیٚیہ تن حقہٕ خأطرٕ ہ عدالتس منٛز گژھُن۔

عزیز: پتہٕ ییہِ چأنِس حقس منٛز فأصلہٕ دِنہٕ...... تیا؟

بشیر: مگر............۔

عزیز: رقم کأنسہِ اَتھِ دِنس تہِ گژھِ وسیلہٕ آسُن...... نتہٕ گژھکھ ایماندار افسرس رشوت دِنہٕ کِس سلسلس منٛز جیل...... تہٕ تتہِ چھِ گریٹہٕ پہناوان...... خبر تہِ زانکھٕ کیاہ گوٚو...... (اسان اسان)۔

بشیر: تیلہٕ۔

عزیز: بس ژھوٹ وَتھ ژھانڈ کانٛہہ...... Short cut...... زندگی چھیٚہ پانے ژوھٹے ہٕش...... کِتِس کالس پھیر کھ در بدر۔

بشیر: مگر...... میأنی اصؤل...... میون میٚرٹ......۔

عزیز: پونسہٕ دِتھ مایہِ بکار۔

(گاش سوٗتان)

(مول موج بُڈ ہے پہن...... نیچُو چھُکھ بروٗنہہ کنہِ...... کمرس منٛز چھُ بشیرُن مول موج آسان تام چھُ بشیر تہٕ یوان تہٕ کھڑا روزان)

موج: دوٚپُم ہا ژٕ کیازِہ نہٕ کاثہہ وَتھا ژھانڈان...... أخر ییٚہ کارِ ہےٕ کٔتِس کالس روزکھ۔

غمگین: نائے تہٕ پراوے کیاہ چھُس...... کھیٚن چھُس نامیلان غم کیاہ چھُس۔

موج: ژٕ کر ژھوپہٕ...... پرٛتھ وِزِہ چھِہس نستہِ کنٛی کڈان...... أخر ژٕ چھُکھ أمِس مول کِنہٕ دشمن۔

مول: دشمن...... بہٕ ہےَ چھُس دپان أمِس گتھ پیٹھ نشہٕ...... أمِس گتھ پیٹھ چھُ بوش...... أخر ہتہِ کؤتاہ کرس...... شُر چھُ بالغ گژھان سہٕ چھُ پننہِ زنگن پیٹھ کھڑا گژھان...... سہٕ چھُ مألِس ماجہِ اتھہٕ شہلا وان...... مگر یہِ چھُ اسہِ شہلا وِنہٕ بجایہِ اندری زالان۔

بشیر: بس کرٹا ٹھیاہ...... بس...... بہٕ چھُ پنُنےٚ تنگ آمُت...... ژٕ چھُکھ زخمن پیٹھ نوٗن تراوان۔ (تنگ تھتھ)۔

غمگین: ییٚلہِ تیلان پھُٹے تیلہِ کیاژِہ چھکھ نہٕ ترٛشھی وَتھاہ پانہٕ ناوان......
تیٚلہِ کیاژِہ چھُکھ نہٕ تَچھ بَچھ کران...... ( شرارتس منز ) ۔

بشیر: کیاہ کرٕہ ...... کاٗنسہِ گرٛشھا زبردستی ہیٚمہٕ سا آرڈر لیکھِتھ ......
کاٗنسہِ گرٛشھا تہٕ ژوٚر گرِتھ نمس روپیہ...... اٰخر بہٕ کیاہ کرٕہ
( واپس شرارتھ کران ) ۔

موج: لَج سہَ یا بلایہِ ژٕ کہیو زِہ کرکھ تہِ ...... ژیٚنے پھُٹے مول موج
حیات...... تتھ پیٹھ کیٚو واتہِ نوبت ۔

غمگین: دوپہَ ژٕ گتھ پیٹھ کالہٕ داٗسی زیادٕہ کران...... چون مطلب
چھَیا اَکھ لوگُس صُبح وشام روپیہِ روٗد...... تہٕ بیٚیہِ چھُ وُنہِ تہِ
کینٛہہ بقایات ۔

موج: ادِہ کھسیاہ پھاسہِ...... ییٚلہِ نہٕ پانہٕ بنان چھُس...... تیٚلہِ چھُس
کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ کرُن ۔

غمگین: بہٕ ہیٚکس نہٕ کینٛہہ تہِ کرِتھ ۔

بشیر: ٹاٹھیاہ...... تیٚلہِ کمیٚو ونیونے بہٕ پرناوُن...... کران اَسہِ ہا
کانٛہہ کاروبار...... شُری پانہٕ پیٹھ ونیٚک تام ہے آسہٕ ہن
روپیہ کولہٕ زٕ ترٛشھ ۔

غمگین: میٚے دپیاٗیو پرِتھ انہِ ہم یکہِ وٹہٕ لاکہٕ...... یہِ کتہِ اٰسم پے
ژیٚنے پیٚی وُمرِ یورے لاگُن ۔

بشیر: (شرارتہٕ سان) تیٚلہِ کُر خوداین ونیونے بہٕ پادٕہ کرُن...... ژیٚے ہرگاہ پننہِ خوشی خاطرٕہ پاٚدٕہ کوٚرتھس ...... تہٕ میون قصوٗرکیاہ چھُ اَتھ منٛز۔

غمگین: بہٕ چھُسے دپان ژھوپہٕ کرٕ ژ چھُکھ زبان دراز گوٚمُت...... وُنہِ چھکھ نہٕ اَنان لاکہٕ زینتھ میٚے تھاوَکھ منتھ۔

موج: دوپےَ کَتھ گوہس اگادِہ......دپہس نہٕ سیوٚ دزِندٕہ روزنہٕ۔

غمگین: ژیٚے چھُسے دپان ژھوپہٕ کر...... میٚے ہرگا زیادٕہ شرارتھ کھالکھ...... پتہٕ روزَکھ نہٕ اورٕچ تہٕ نہ یورٕچ......وُمرِہ ہنٛز عبادت گرٛھی کوٚلہِ۔

موج: جان گوٚو...... (ودان ودان) بہٕ ہےَ چون نصف زوٗ چھسَ یہِ چھُکھٕ میٚے ونان...... میٚے چھُنا ژیٚے گِلہٕ کرنس تہِ حق...... میٚے چھُنا پنٕنس اولادٕ سنٛدِہ طرفہٕ کَتھ کرنک تہِ حق...... جان گوٚو ہاوٕ پننٛز مردٕہ خصلتھ......روزتہٕ کُنےٕ ہوٚنٛز مشیدِہ ہُنٛد ژِن ہیوٚ...... یِہے چھُکھ ملہٕ کھہُک خَرہیوٚ...... کہنٛز چھُے نہٕ کاڈٕہن اژان۔

بشیر: ٹاٹھیا...... امہِ کیاہ کوٚرُے میون ضِد لوگُتھ أمِس بچارِ کڈُن...... نتہٕ گُس تحفظ چھُ أمِس بچارِہ۔

غمگین: ژٕ چھُکھٕ أمی سُند مام...... یہٕ چھیےٚ میأنی زنانہٕ۔

بشیر: یێلہِ کأنسہِ ماجہِ اولاد چھُ بالغ آسان......سوٚ چھیےٚ آسان مہرأنی تہٕ کانہہ نچوٗ چھُنہٕ ہبکان برداش کرِتھ ماجہِ ہنٛز بێیےٚ عزتی۔

غمگین: کرٕ ...... کرٕ ژھوپہٕ...... بێیےٚ غأرتھاہ...... گرٕ ھٕ نوکرِ پی بنٛ زِ یہی کُنہِ جایہِ...... ماجہِ ہنٛدِ رأچھی درا۔

بشیر: ژٕ کیازِہ چھُکھ میےٚ پامہٕ دِوان...... وِزِہ وِزِہ ( ودان ) میانہِ خأنقہٕ چانہِ ودمیدٕہ ہرگاہ بھٔر گیہِ...... ژٕ کیازِہ نہٕ میےٚ زہر دِوان...... ژٕ کیازِہ نہٕ میےٚ پاورس لاگان...... ژیےٚ کیازِہ چیرُتھ نہٕ میےٚ زہنہٕ گرے ہوٚٹ...... یُتھ نہٕ میےٚ یہِ دوہہ وُچھُن پێیِہ ہا...... بہٕ کیازِہ زندہ زٕ رِتھ...... بہٕ کیازِہ نہٕ مران......( بُتھِ بُتھِ دوان تہٕ مول نیران )۔

موج: ہتاہ میانہِ پوٚترا...... ژٕ ماوَد......( ودان ودان ) ژٕ ماہار ہمتھ...... وتھٕ وتھٕ...... ژلو ہا کُنہِ جایہِ۔

بشیر : مگر گژھو کوٚت ۔

موج: کُنہِ بدل جایہِ ہا۔

بشیر : مگر موجی وارٕے نے چھُنہٕ کھیٚمو کیاہ...... روز و کتہِ.....
میون اوس سہلےٕ مگر ژیٚنے کیاہ کرے...... میٚنے ہے آسہِ
پرٛتھ وِزِہ چاٗنی کُل روزان...... ژ چھکھ نہٕ محفوٗظ ۔

Light Off

(اَکھ کردار چھُ چیرأ سی بٲتھ آسان...... زٕ کردار چھِ درواز بناوان......زٕ کردار
میز بناوان......انٹرویوٗ کرن وألی زنتہٕ کُرسیٚن پیٹھ بہتھ آسان......بشیر چھُ
کھڑا آسان لوٗکن کُن اوڈٕے بُتھ کرِتھ......تہٕ سوال پرژھن وألی چھِ لوٗکن
کُن بُتھ کرِتھ آسان )

نثار: ژیٚنے کیاہ چھے ناوٗ ؟

بیاکھ: مأئِلس کیاہ چھے ناوٗ ؟

ٹیپوٗ : روزان کتہِ چھکھ ؟

سجاد: چینس منز کِتیاہ شُری چھِ دوہس زیٚوان ؟

نثار: راتھ کیاہ اوسوِ سیٚن ؟

بشیر: (ژھوپہٕ کرِتھ)۔

نذیر: ژٕ ییمہِ ہیرِ یور کھوٚتکھ ......اَتھ کِتیاہ ہیرِ پأوِ أس؟

ٹیپوٗ: ہندوستانک گوڈنیک راشٹرپتی کُس اوس؟

سجاد: شیکسپیرُن ساروٕے کھوتہٕ دُکھی (Tragic) ڈراما کُس چھُ؟

نثار: بومہِ منز کُس کُس وِٹامِن چھُ؟

نذیر: 15 ,5 ,3 تہٕ 17, 2 کِتیاہ گیہ؟

ٹیپوٗ: شاہِ جہانن کیازِہ بنووپنہِ زنانہِ کیُت تاج محل؟

نذیر: ''ژیٚے چھےٚ یڈ دود'' ......فارسی میں ترجمہ کرو؟

نثار: میےٚ چھ بوچھ Translate into English۔

سجاد: کِرکٹس منز کأتیاہ بأج چھِ أ کِس ٹیمس منز آسان؟

ٹیپوٗ: زنان چھیٚہِ رِکنہِ نہ؟

سجاد: راتھ ییمہِ ساتہٕ بٹیٚل آؤ تمہِ ساتہٕ گرٕ آسہٕ بجیمٕژ۔

نثار: راتھ آو بٹیٚول ......(مشتھے گرٕھان انٹرویوٗ کرُن تہٕ پانہٕ وأنٕ کتھ کران)۔

نذیر: ژیٚے چھےٚ ناپےٚ۔

ٹیپوٗ: بہٕ ہسا اوسُس تمہِ وِزہ ننتھ نوٚنےٕ بسترس منز۔

سجاد: میٚنۍ چھُنہٕ پَیہِ ...... اسہِ اُس ناکالہِ پارٹی ...... اڈ ہ کیاہ چھُ رٕزٕ
نہٕ پَے پی زِگھرٕ ہ کر ووٗتُس ۔

نثار: بھابی ...... آسہِ نَے صُبحاُے کنٛھ مار کوٚر رمُت ۔

نذیر: دَپھ ساتھٕ مارتہِ ما آسبس بچارس پیومُت ۔

ٹیپوٗ: میٚنۍ چھیٚنۍ زنانہٕ بڑٕ ہ جان ...... میانٮن جذباتن چھیٚنۍ تہٕ قدر
کران ۔

سجاد: میأنۍ کٔنۍ گوٚو پھوہرٕ ...... دٕزٕ ہ مٔژ ہ ژوچہِ ...... فیوٗ رمُت سٕتیٚن
زنانہِ ہُنٛد محبت ۔

نثار: خو داہ پوشہِ نأوی نَے ......( سأری اَسان تہٕ اچانک یاد
پیٚوان زِہ اُسی چھِ انٹرویوٗ کران ...... تہٕ یکدم شروع
کران )...... اچھاژٕ ہ کیازِ ہ چھُکھ ہانگل ہیوٗ چھان ۔

نذیر: میٚنۍ چھُکھ نہٕ ژٕ یمہِ نوکری خاطرٕ ہ Fit باسان ...... اڈ ہ چھےٚ
ژےٚ یتھ تمکِنس منٛز ڈگری کٔرمٕژ ۔

ٹیپوٗ: ژٕ لکھ بدل کٔنہ جاہہِ جان پوسٹس پٹھ ...... یٚتہٕ ژٕ پٔننہِ ڈگری
ہُنٛد فایدٕ ہ تُلکھ ۔

سجاد: چھُنس یوان یہِ زٕ نفرار ...... کو ہ کٔرہ سکیمہِ تحت کڈاون ......
چھُ کران کامہِ بار شروع ۔

نثار: کأنسہِ ماتحت روزکھ نہٕ...... ساری آسنے ماتحت...... بادشاہ بنکھ نتے سیاستس منز اژکھ تھوٚد گڑھکھ ؤتھِتھ (بشیر نیران)

نذیر: Next...... ۔

ٹپوٗ: اُسہٕ ستی رِنگ کران ۔

Light Off

(زن تہِ لیڈر رسُند کمرٕہ...... کمرس منز چھِ کینٛہہ نفر آسان...... تہٕ بێیہٕ چھِ بشیر دۄ رِ ہتھ آسان...... لیڈر رچھُ کھڑا آسان تہٕ لیڈی سیکریٹری چھس ستی آسان...... سو زن Note کران آسان) ۔

ریاض: اَچھا...... تُہندی مطالبہٕ بوٗزی اسہِ باحوش وحواس...... سیکریٹری ۔

لڑکی: Yes Sir......

ریاض: یِہنز کتھٕ آیاہ سارے نوٹ کرنہٕ ۔

لڑکی: جناب ۔

ریاض: (بێپس گُن) اَچھا ژِ یِے کیاسہٕ چھُے وَنُن ؟

غمگین: مێے جناب گُرِ کھلداخ تبدیلی ۔

ریاض: Very good...... تِکیا زِہ ژٕ چھُکھ شر پسند عُنصر...... چاٗنی جائے چھێے زانسکارس منز ۔

غمگین : نہ...... جناب ......بہٕ چھُس حوداہِ سُند قسم ہاوان ......بہٕ چھُس نہٕ کانٛہہ غلط انسان ......میٚنۍ چھِیے تو ہہ پٹھ پوٗرٕ ہ پڑھ۔

ریاض : مگر اسہِ نِش کتہِ واتن غلط رِپورٹ۔

غمگین : جناب بہٕ چھُسے قسم ہاوان ...... میٚنۍ آو ضِد کڈنہٕ ...... تیٚمی یہِ شکایت چھِیے کرمژ ......تمۍ موگُم اکہِ دوہہ مکانہٕ خاطرٕ ہ سیمنٹ ......میٚنۍ کرنہٕ ژوٗر ......توے بڈیوٚ تمِس میون ضِد۔

ریاض : تہِ کرِتھ نوکری چھِیے چاکری ......یہِ چھِیے کُنہِ جایہِ تہِ کرٕنی۔

غمگین : تہِ جناب چھُ پوٚز ......مگر بہٕ جناب چھُس بیمار شخص ......یہِ گوٚ ڈاکٹری رِپورٹ ......بہٕ ہرگاہ تور گژھہ ......میٚنۍ ژھوکہِ اڑ ہوٗتی شاہ۔

ریاض : کیا تکلیف چھُے۔

غمگین : بہٕ جناب چھُس استھماہ پیشنٹ۔

ریاض : (ووٚتھ کڈِتھ) ......کیاہ ......استھماہ پیشنٹ۔

غمگین : جناب...... میٚنۍ چھُنہٕ ییٚتہِ بنان سیوٚد شاہ کھالُن ...... تتہِ کیاہ کرٕ ہ...... توے چھُسو گُلی گنڈان ...... میون آرڈر کرنأیوٚ Cancel بہٕ لگو بلایہِ ......میانِن شُر بن بأژن پیٹھ پِی نو عار۔

ریاض : اوہو یہِ کیاہ چھُکھ ژٕ کران ...... استھماہ چھا لاگدار بیمأری ......ژٕ نیر فورن ییٚتہِ ژٕ کرکھ میٚتہِ پانس ہیوٚ ...... ژیٚنۍ چھُے شہمتھ ......مگر میٚنۍ مہٕ وَل پانس ءتۍ۔

غمگین: جناب...... بلایہِ لگھو...... کینژھا گریوٚ...... میےٚ گریوٚ آزاد......تٕہی چھُو سأنی رہنما......غمخوار۔

ریاض: چپراسی......تلایہِ کڈُن نبر......یہِ چھُ لاگ دار انسان......یہِ کرِہ میےٚ خراب......(غمگین چھُ یوان نبر کڈنہِ) یہِ کمرہ گریوٚ صاف......یِیتہِ گریوٚ دواہ سُپرے......یپأری یپأری یہِ پوٚک سو جائے چھٔلیوٚ۔ سیکریٹری......نوٹ اِٹ(Note It)۔

لڑکی: جناب۔

ریاض: تٕہی نیر بِو...... یہِ کرِہ تُہٕژن کتھن پیٹھ غور......(بشیرس کُن) ژیےٚ کیاہ گژھی؟

بشیر: جناب میےٚ وَنیونا نوکری ہُنٛد۔

ریاض: (اَسان) نوکری......نوکری......نوکری......ژیےٚ وونُے نا گژھ بھر کُنہِ جایہِ فارم......اِدٕہ وُچھو...... چلو نیر۔ (بشیر نیران تہٕ ریاض تراوان لڑکی پیٹھ اَتھ)۔

ریاض: ژٕ چھکھ میأنی سیکریٹری...... ژیےٚ آسہِ ہے میےٚ نوکری دِژٕمژ......مگر۔

لڑکی: جناب کُس تام چھُ پکان...... زہریاہ چھیےٚ بی بی جی...... (ریاض یکدم پتھ ژلان تہٕ شرارتہٕ سان وَنان)۔

ریاض: بی بی جی...... اوہو...... ژٕ کیا زِہ نہٕ نیران...... سیکریٹری ژیٚے چھُھے میٚے ہتہِ پھرِ وونمُت ...... زِ یٚیلہِ چاۓ کأم آسہِ موکلان ...... ژٕ أسی زِفورن میانہِ کمرٕ ہ منٛز نیران...... بی بی جی...... سوزُن یۆ ری ......(لڑکی نیران)۔

Light Off

(نثار چھُ بیٚا کھ رہنما...... کمرس منٛز آسان لیکھان کیہتام ......تہٕ سیکریٹری چھُس مایمس منٛ اَکھ اَکھ فایل تراوان......تہٕ سہٕ چھُ دستخط کران......تام چھُ بشیرٕ ہ اندر اژان)

بشیر: May I come in sir .......۔

نثار: ژٕ کمیٚ ترۆ کھۆنی کٔنہ یور۔

ٹیپۆ: Please get out.......۔

بشیر: (چندہ منٛزٕ ہ چھُھی کڈان)......یہِ جناب......۔

نثار: یہِ کیاہ چھُ اَتھ منٛز ماچھُم بم۔

ٹیپۆ: ژٕ نیر کھٕ کِنہٕ بہٕ بلاو پولیس۔

بشیر: یہِ جناب دِژِو راج صأبن۔

نثار: او...... گۆو ژےٕ چھُکھ سہٕ نفر...... (سیکریٹریس کُن) ژٕ نیر نبر...... میٚے چھیٚے تیٚمس ستۍ کتھ کرٕنی۔

ٹپوٗ : مگر جناب یہِ فایل گژھِ أزی ییٚتہِ نیرٕ نی ...... ییتھ چھیےٚ جلدی۔

نثار : یہٕ چھُس اہم کتھ کران ...... ژٕ نیروٗنہِ کٔمن ...... (نیران ٹپوٗ )۔

بشیر : جناب توہہِ اوسوٕ ہ تٔمِس میانہِ ناوٕ ہ راتھ پاس تہِ دیتمُت ...... تتھی پیٹھ تروہس یہٕ وُنہِ کٔمن یور۔

نثار : پراوئے چھُنہٕ کینٛہہ ...... گوٚ ژییےٚ چھُے انٹرویوٗ دیتمُت۔

بشیر : جناب ......۔

نثار : مگر تٔمِس۔

بشیر : (چندٕ ہ منٛزٕ ہ ڈٔج کڈان اَتھ منٛز پونسہٕ آسان )۔

نثار : ( کھوژان ) ...... بم ...... بم ...... یہِ ماچھُ بم۔

بشیر : نہ ...... نہ جناب یِم چھِ پونسہٕ ......۔

نثار : او ( پھِربِھ تراون ) یورأسی نہٕ یِم انٛژ کینٛہہ سہُ کوٗ تاہ بیٚقل چھُ ...... تٔمی کیازِ ہ ووٚن نئے نہٕ ژییےٚ گھرٕ ہ أنٛزی پونسہٕ۔

بشیر : تٔمی جناب ووٚن ...... زِ توہہِ چھِ یِم ازکستام دِنی۔

نثار : او میےٚ اوس مشتھٕ گومُت ...... very good اِدسا دِہ (رٹان ) ییٚمہِ ساتہٕ آرڈر نیرن ...... ژٕ آسکھ گوڈٕ ہ ...... وُنہِ لگن کینٛہہ دوہ ...... تِکیازِ ہ یہِ سیلکشن کمیٹی کیا ساچھنہٕ Fair رپورٹ سوزُان ...... ژٕ روٗزی زِبلاوساس۔

بشیر: thankyou Very very thanks sir......۔

نثار: It is all right boy Mention Not ......۔

Light off۔

(پسِ منظرس منز گرٛ ڈِ خاندرُک تاثرُ دِنہٕ یُن ...... کیٚنہہ کردارو نہٕ وان ......

بشیر مہرازٕ ہ پلون منز آسان ...... یاردوس اُمِس اٹھ اٹھ آسان)

ریاض: ژٕ ہا چھُکھ اسہِ تھی اَکھتےٕ serious...... اٹھ رِژ کنٛز آسکھ نہٕ ویٚژان۔

سجاد: دپان آسہِ کرگرٛ ڈِ شام تہٕ بہٕ واتہٕ ہا ہوٗر۔

عزیز: ناتہٕ خوشی ہُنٛد دوہہ چھُسنا۔

سجاد: یہِ چھُکھ ناپانہٕ انہورٕ ے ......توے چھےٚ باسان ...... خاندرُک سِتم پرٕ ژھ میٚۓ۔

ریاض: ژیٚۓ چھُتھ ناسہٕ ٹھُٹھہٕ بۄزمُت ...... ییٚلہِ ہا اکہِ دوہہ نیٚچوٗ تہٕ مول اوس وتہِ پکان ...... نیٚچوِ ووٚن مأرلس بباہو ......لڑکہٕ رِکھیو زِ اَسان ...... مول وو تھُس خبر ہا پے چھمہٕ ...... لڑکہٕ ووتھُس اُمِس ہا چھُکھ زہریا خاندرکوٚرمُت ...... مأرلس وأژ گتھ تہٕ تمیٚ کوٚر نیٚچوس خاندر...... کیٚنہہ کال گژھتھ اَسی یم بیٚنیس وتہِ پکان ...... بباہولڑکہٕ رِکھیو زِہ ودان ......مول وو تھُس میٚۓ نا چھیٚۓ نہٕ خبر...... نیٚچو وو تھُس درجواب ...... اُمِس ہا چھُکھ زہریا خاندرکوٚرمُت۔ (سأری چھِ اسانۍ)

سجاد: دوپے ہا وُتاؤلی چھینہِ جان۔

عزیز: گتھ ہاوَنے (کنس تل لوتہِ لوتہِ ونان...... تہٕ بشیرِ أمِس دکہِ دِوان...... باقی سأری اَسان)۔

نثار: (لؤر ڈکھ وان یوان)...... او ہو...... مبارک...... مبارک...... گرٕ ھ خوداہ ئوی رأ وی نو......لَس پنِنس مأ لِس ماجہِ......گو بریابہٕ چھُسے غریب پیٔتر......بہٕ کیاہ ہیکے کرِتھ...... نتہٕ اوسُم سَکھ طماہ چأنِس خاندرس پٔٹھ گالہٕ ہا از جان...... چأنِس خاندرس پٔٹھ گالہٕ ہاہارٕ ہ دیار...... چون طماہ اوسُم ...... مگر میٔ چھُنہِ کِہنۍ...... بہٕ کیاہ گالہٕ......گرٕ ھ میانہِ طرفہٕ چھے خوداہ......بہٕ ہرگاہ کینہہ گألِتھ ہیٚوکس نہٕ ژیےٚ گأ لنےخوداہ۔

Light Off

(بأژن دون ہِنز سہاگ راتھ...... باقی کردار ہِنتھ آسان اَکھ کمرٕ ہ ۔
سپارٹ لایٹہٕ منز سپدان)

بشیر: دوپمویۍ تاہ لگہِ نہٕ ژٕ پاوُن......أسی ہے بیٔ قرار چھِ تہٕ۔

لڑکی: میانہِ خأطرٕ ہ کتہِ آسہٕ ہُکھ ژٕ بقرار......ژیےٚ أسےٕ وُنہِ پرانےکُن کل۔

بشیر: جان گوٚ وہرگاہ ہٕتم پَتھ کُن تراووتہٕ صرف سونچواز کیاہ چھُ سپدُن۔

لڑکی: پَتُن پتھ کال کُس اکھاہ چھُ مُشرِتھ ہیٚکان۔

بشیر : تہِ اگر پوٚز چھُ تیلہِ گُس اکھاہ چھُ ازکل راٗم تہٕ کوسہٕ چھیےٚ سپتا ......یُتھ بہٕ چھُس ترٛ ہ چھکھ ژٕ تہِ جان گو ووٗنی کتھےٚ کھینٛ۔

لڑکی : سائنس قسمتس تہِ چھُ لیکھِتھ بیٛوقوٗف بنُن ...... دوکھِ کھیٛون تہٕ پتہٕ پھرِتھ تانہٕ رٕٹنی۔

لڑکی : میےٚ کیاہ چھُ کوٚرمُت ...... تٔتھی چھُکھ ژٕ میےٚ پامہٕ دِوان ......
(ودان) صاف کونہٕ چھُکھ ونان ......ژیےٚ کٔمی کیاہ چھُنے وونمُت۔

بشیر : کائنسہِ نہ کینٛہہ ...... ژیےٚ کیازِہ چھُے خبر کیاہ باسان ...... میون مطلب چھُ یتے ...... ژٕ چھکھ شکتی تہٕ بہٕ چون شِو ...... أسی چھِ زٕ ہ متضاد جنس ...... یمن میُل گژھُن گژھِ۔

لڑکی : أسی کروتیلہِ أز کہِ پیٹھ نٔوی زندگی شروع۔

بشیر : تیٛلہِ گُس چھُ پرارنےٕ۔

## Light Off

(بشیر چھُ پکو بدلاوان آسان ......سہٕ چھُ ڈیوٗٹی پیٹھ آمُت آسان ......اوٕرہ چھبس لڑکی یعنی زنان اژان شرارتہٕ سان تہٕ اژان اژانےٕ لڑأے شروع کران)

لڑکی : دوپچے بہٕ کتھ تاونس لأ جتھس ......ژیےٚ ہرگاہ مول موج یُتھ اوسےٕ میأنی پاپ کتھ ہیٛژ أنٛتھ تیٛلہِ۔

بشیر : دِکھنا پلوکڈنہٕ ......بہٕ چھُس تھوکمُت۔

لڑکی: ژٕ گژھکھ پانٕہ ٹھیک روزُن...... اِدٕہ میٚے کم پرکائلی......تہٕ توتتہٕ اَلی گژھن......تمیک چھُے نہٕ ژیٚنے پرواے۔

بشیر: ژٕ تراوکھ نہٕ بوزٕ ناونہٕ ورأے کینٛہہ......وَن کیاہ چھُے وَنُن۔

لڑکی: میٚے کیاہ کوٚر رأمِس چأنِس مأئلِس ماجہِ......یہٕ یمن اُچھر والوٕتی کھورن ہِنٛدی کنٛڈی چھبس کڈان......یمن کیازِ ہٕ نہٕ میون لگان۔

بشیر: تمن اُچھر والن آسن شاید کنٛڈی۔

لڑکی: اورٕہ کرکھ کالہٕ دأسی...... کتھِ کتھِ پیٹھ چھِم ہتن زاگان...... ژورِہ بجہِ اوسُم نکہٕ شونگتھ......خبرکُمی بلایہِ اَسی اُمی ہٕنٛدہن دُشمنن بدخواہن ٹوپھ دِژٕمژ۔

بشیر: پتہٕ.........۔

لڑکی: پتہٕ کیاہ......یہٕ بُجسن بیہِ ساونہٕ......رژھ کھنٛڈ گوم ژیراِدٕہ متہٕ بوزتہٕ...... میٚے کیاہ چھُ بوزُن پیومُت......سوٚ پامہٕ پام زن سون اُسم......اَخر یمن چھُنا احساس زِ اُمِس ہے بچہٕ چھُ...... تُمی سے ما آسہِ دوٕدِ گول دِوان۔

بشیر: ووٕنی کیا گیوو......چأنی گژھہ ژھوپہٕ کرٕنی۔

لڑکی: اَخر ژالہٕ کوٚتاہ......انسانس ہے دم چھُ گژھان......نہ راہ تہٕ نہ خطا......یہٕ کتہِ چھبس پیژ اہ پتھر پیٚمژ۔

بشیر : اِدٕ ہ سادِہ معأفی ووٕنی ......اہنی یمن چھُ عادت پِی کرنس بہٕ کتہٕ ہیکہٕ یہُنٛد عادت بدلأوِتھ......ووٕنی چھُ جان ہرگاہ أسی ژھوپہٕ لاگو۔

لڑکی : سہُ لاگہٕ ہکھ ژٕ ...... بہٕ چھیےٚ سکھ نہٕ آویزٕ ہ ......یمن کر نصیحت ...... میےٚ گژھی برداشہٕ نبر کُنہِ دوہہ ......تہٕ میےٚ روزی نہٕ پانس تام۔

(زنانہٕ چھیےٚ شرارتہٕ سان واپس نیران تہٕ یکدم چھُ مول کمرس منٛز اژان)۔

غمگین : دوٕ پہٕ ہسایہِ چھُنہٕ جان گژھان ...... أسی کِتیاہ چھِ ہیتی پتھر پیأمتی ......۔

بشیر : دلیل کیاہ چھیےٚ ......تُہی چھُوٕ سأری بارو دِوان......مگر گومُت کیاہ چھُ تہِ چھُنھم کہنٛ ونان۔

غمگین : گژھُن کیاہ گوژھ...... أمِس چھے خبر کیاہ دلیل ...... تہٕ ووٕنی چھِہم ہیتِن زاگان ...... ماجہِ ستی چھے رژھِ پتہٕ رژھِ پھاٹہٕ وَن وادتُلان ......أخرِ یہِ چھا تِمِس رچھنس کرنس موزوٗری۔

بشیر : واے بہٕ کتھ کیٛت آیوس ییتھ دنیاہس...... ( ووٕش تراوان )......اہنٛو تہٕ ماجہِ تہٕ پزٕ ہ نارژھ کھنڈ ژیڈ کرٕنی ...... لوٗکٕٹ چھُ غلطی کران...... بڈِس گژھِ صبر و تحمل آسُن۔

غمگین : مرحبا..... چھُے اَتھ لیا قتس ...... گۆ وژ چھُکھ زنانہِ ہنز طرفدأری کران ...... یہٕ نا اوسُس مأئِلس تھی دہن وٕریٚن زنانہٕ سِتی کتھ کران .....اِدہ چھایہِ گٹہٕ گارو چھمُت ...... زنانہِ ہنز طرفدأری کرِنی ...... دہ پچھے ہرگاہ ژٕ زنانہِ ہنز طرفدأری کرکھ...... دہ ہن منز گژھِ گھرس فان ...... گوڈٕ ہ چھُوتو ہہِ تِی غرض ۔

بشیر : ژھوپہ کرٹا ٹھیا..... خودایہِ سٕندِ ہ پاسہٕ ...... کتھ چھُکھ لوکچِن کتھن پتھ میٚے پامہٕ دِیِ دِیِ موٕ ژ راوان ...... أخر میٚے کیاہ کۆرمو توہہِ ...... میٚے ہرگاہ بیٚون نیرنک غرض آسہِ ہے ...... بیپأری کریوم خانْدرہُپأری نیرٕ ہا..... مگر میٚے نَے یہِ سونچ تہِ زانُہہ ...... قصوٕرچھُ پأنس آسان ..... تہٕ راہ چھُوٕ بیٚیس کھالان ۔

غمگین : ہتا میٚے ماہاؤ زیادٕ ہ کالہٕ دأسی ..... یہٕ ناچھُسے آویزٕہ ......ژیٚے چھَے رائے زیٚنتھ چھُکھ اَنان ...... یہٕ ہا چھُس گھرٕ ہ بہتھے چانہِ کھوتہٕ دوگنہٕ زہنان ...... یہِ مطلب چھُے تِی گژھِ کرُن ...... یٚیتہٕ چھُنہٕ کانُہہ کأنسہِ ہُنٛد کھیٚوان ......(نیران نیران)۔

بشیر : کتھ تاونس منز آس ہیٚنہٕ ..... یہٕ روٗدُس نہٕ تھُجہٕ ہُنٛد تہٕ نہ ہارٕ وَچہِ ہُنٛد ...... ونان چھُس أکِس نِش پۆزتہٕ گۆ وبیٚا کھ محاز کھڑا ...... چھُس ونان بیٚیس نِش صاف تہٕ چھِم بیاکھ دوٗز جنگس یوان ۔

**Light Off**

(کینٛہہ کردار چھِ میز بناوان ...... تہٕ کینٛہہ درواز ہ ...... کردار چھِ تتھٕ کُنٛز بہتھ زنتہٕ کُرسیٚن پیٹھ بہتھ چھِ ...... اکہِ دفترُک ماحول چھُ)

سجاد: (بشیٖرس کُن) ...... دوٚیہِ ہاراتھ ہے فایل نمبر 15 سوزاُیہِ میےٚ ...... میون حصہٕ کتہٕ چھُ۔

بشیٖر: کیازِ ہ ہیڈ کلرک صاٰبن دِتےٚ نا ...... میےٚ سورے تُمسےٚ حوالہٕ کوٚر ...... میےٚ روٗٹ پنُن حِصہٕ ...... تہٕ دوٚپُن باقیٖن دِمہٕ پانے ...... (ٹایپ کران کران مایمس منٛز)۔

سجاد: وونُن اپُز تیٚلہِ کیازِ ہ دیتُن نہٕ میےٚ پنُن حِصہٕ ...... سہٕ چھُ بیےٚ ایمانٛی کران۔

بشیٖر: بیےٚ مانٛی ہِندِس مالس ہرگاہ بیےٚ ایمانٛی گژھِ سہٕ گیہِ نہٕ بیہ مانٛی۔

سجاد: بہٕ چھُس نہٕ یِم فنڈ زانان ...... اگر میےٚ پنُن حصہٕ اَز واتہٕ نہٕ بہٕ کھیمہٕ Collection سارے۔

بشیٖر: توتہِ کیتھ چھُکھ میےٚ ونان ...... گژھ وَنتس پانے۔

سجاد: ژٕ اَسِ زِ نہٕ تیٚلہِ یمن کامن منٛز اژان ...... میےٚ تگہِ سورے پانے انٛزراوُن۔

بشیٖر: ہتہٕ حض صحب تلہٕ حض یمن ستیٚ کریوٗ کتھ ...... (عزیزس کُن)

عزیز: کیاسہٕ دلیل چھیےٚ۔

سجاد: دلیل کیاہ چھیٚ......سون سہٕ امانتھ ووت نہٕ کینٛہہ۔

عزیز: کُس امانتھ۔

سجاد: کھیٚتھ کتہِ چھُ یاد روزان۔

عزیز: دوٚیمؠ ہسایوٕرٕ ہ چھُنہٕ کانٛہہ جدال......راتھ نیرِن وِزہ روٗدُم نہٕ یاد...... ژٕ پرأری زِ ہے......ییٚلہِ نہٕ بہٕ از دِمہٕ ہا......تیٚلہِ اوسُس بہٕ گوناہ گار۔

سجاد: ضروٗرتھ چھسم سخ...... توٚے چھُس پریشان...... ہیوٗ (نرمان)۔

عزیز: یُوٗ تاہ گرٕ ھِ نہٕ آنتہٕ لاگُن...... ییٚژاہ ژیٚے وأنس چھے تیٚژاہ چھیٚ میےٚ سروِس......میےٚ چھُ پتاہ کس کیاہ چھُ دیُن۔

بشیر: ہاژٕٹ ووٚنی کتھ۔

عزیز: نساتہٕ میےٚ کوراز انٛہہ توہہِ ستؠ غلط...... ووٚنی کرِ ہا از......خبر أمِس کیاہ راوان مژی بد خواہن۔

بشیر: أمِس جناب ییٚلہِ زنانہِ ستؠ لڑأے چھیٚ آسان......تیٚلہِ چھُ بہٕ اکثر وولان۔

عزیز: تہٕ لڑأے چھبس أتھی پیٹھ آسان......ییٚلہِ نہٕ شامس تُمؠ راتھ چنٛدہ مژٕ کینٛہہ کوٚ ڈُمت آسہِ......وولُن چھُ قودرتی کتھا (آسان اسان)۔

ٹیپوٗ: دوہموحض تُہی چھُوٚہ آئمتی ...... ( چپراُس ٹیپوٗ چھُ کردار بِنتھ دروازٕہ مژٕ راوان تہٕ بشیرس نِش واتان )۔

بشیر: توٚہہِ کیاہ یہِ چھا باسان میون بُت۔

ٹیپوٗ: نہ جناب میٚے وون صبجس پانے تُہی چھُوٚنہٕ وُنہِ آمتی۔

عزیز: ہے کیاہ سہٕ چھُکھ ژٕ ونان ...... ژیٚے چھُیہِ پےٚ آسان ...... (شرارتہٕ سان) ...... اورٕ ہ چھُکھ یوان تہٕ گٕی صحبہٕ ہِنڈِس کمرس نبرٕ کنی ژٕولس پپٹھ ننہد رتراوان۔

سجاد: تہٕ ییٚلہِ سہٕ رِنگ گرِتھ گژھہٕ کارچھُ تُلان ...... میٚے چھُ یُن پیٚوان ...... ژٕ ہُشیار کرنہِ۔

ٹیپوٗ: جناب گٔیم غلطی ...... آیندہ کرٕ نہٕ یژٕ ہ غلطی ......۔

بشیر: دوہٕچے ہسا اصلی کَتھ گژھی مشتھےٕ ...... نادکیاہ چھُ۔

ٹیپوٗ: ہے بلایہِ میأنس مشرفس ......۔

عزیز: یہِ چھے ژیٚے اکثر گژھان۔

ٹیپوٗ: آ ...... جناب ژکہِ چھنہٕ کَتھ کُنٕہ ...... یتھ ہیٚرِمس پوٚہرس منٛز چھِ افسرٕ ے افسر ...... اِدٕہ میٚے چھنہٕ اَکس آنچہِ تہٕ سوکھ دِوان (اسان)

بشیر: پتہٕ گژھی کتھ مُشتھےٕ۔

ٹیپوٗ: اوہ جناب نادچھُو دوان ...... لس ناد۔

Light Off

(ڈٕچھنِس کوٗنس تل چھیٚ لایٹ دزان ...... اَفسر یعنی نثار چھُ کُرسی پیٹھ بہتھ آسان ...... کردار چھِ افسرٕ سنٛدی Table بیترِ ہٕنتھ آسان)۔

نثار: ہے ژٕ کران کیاسہٕ چھُکھ آسان ...... یتھ فایلہِ کوسہٕ ساترٹھ چھے ژٕھنٛز ہٕژ ...... (بشیرس کُن ونان یُس امے ساتہٕ افسرس نِش اژان چھُ)۔

بشیر: جناب میٚ کیاہ کوٚرمس۔

نثار: (فایلہٕ لیکھان لیکھان) یتھ کیاہ نوٹ چھُے یہِ لیٚو کھمُت۔

بشیر: یہٕ جناب کیاہ کرس ...... سہٕ نفر چھُنہٕ پانہٕ کُنی ...... أخر تِمس پزٕ ہے ناپانہٕ یُن ...... میٚ سأرٕے دلیل ونٕز۔

نثار: میٚ ہا چھے پَے سہٕ کیازِ ہ گوٚژھ یور یُن ...... مگر تِمس نِش نیرِ ہ نہٕ رکہنٛژ ...... سہٕ کھیاوِہ تو ہہِ تہِ نوکری ...... تہٕ میٚ تہِ ...... ہرگاہ نہٕ توہہِ چھیٚ نوکری ضروٗرتھ ...... مگر میٚ کیاہ کوٚرمو ...... میٚ چھُ عیال ...... اَتھ ہسا چھُے پیٹھے ٹیلیفون ووتُمت ...... سہٕ چھُ کمہِ تام پارٹی ہُنٛد پریذیڈنٹ سہٕ کتہِ ییہِ پانہٕ یور۔

بشیر: جناب ...... تیلہِ کیاہ کرووس۔

نثار: کرُن کیاسہٕ چھُ ...... فورن بناوتس آرڈر ...... یہٕ چھُس دپان یہِ ہیڈ کلرک کیُتھ چھُ اسہِ ...... أمِس پزٕ ہے کُنہِ جایہِ دودھ واناہ تراوُن ...... أمِس ہساوون تہٕ میٚ اوترٕہ۔

بشیر: سہٕ جناب چھُ تھوٚے...... تہٕ پزٕ ہس نامیٚ وُنن...... یمن پتھ جناب گژھِہٕ زانٛہہ تہٕ پژھ کرٕنی۔

نثار: اِدٕ ہ ساتہٕ نیر بناو اَتھ جلدی آرڈر...... (بشیر ہیٚوان نیرُن تہٕ افسر ونان پتھے) تہٕ یہٕ وَنتم یہٕ ہیڈ کلرک آونا اوترٕ ہ پتھٕ۔

بشیر: نہ جناب...... دپان اوس تریےٚ ژور دوہہ آسہٕ یکوٹہٕ دیوان...... اَتی باسہِ واریاہ۔

نثار: گوڈٕ ہ نسا چھنہٕ پژھے کأنسہِ پتھ۔

## Light Off

(لیڈرٕ سُنٛد تقریر...... ژرِہ پوٚپ...... شور وغل...... باقےٚ کردار چھِ بوزن وألی آسان لیڈرس بروٛنٛہہ کِنۍ سارنے پتھ چھیےٚ لایٹ آن آسان)

نذیر: وُنکین چھِ سأنِس مُلکس واریاہ مسلہٕ درپیش۔ کانٛہہ چھُ زبأنی پتھ جھگرٕ ہ کھڑا کران تہٕ کانٛہہ چھُ رنگس پتھ۔ کانٛہہ چھُ یوان وِتلِتھ پرأنی ساماںہٕ ہیتھ...... اوہ موجوٗب زِ تِمن چھُنہٕ نوٗ وتہذیب خوش کران۔ کانٛہہ چھُ مذہبک ناوٕ کِنتھ لکن گُمراہ کران۔ اسہِ چھُ واریہن مسلن ہُنٛد حل کرُن...... یہٕ یژھ سأنی کأم چھیےٚ تژھ چھیےٚ تُہنز تہِ...... ملک چھُ مضبوٗط بناوُن...... قوم چھُ تھوٚد تُلن غریب چھُ ختم کرُن...... تہٕ غریبی چھُ دروت دیُن...... تلہٕ ساترلیش أنیوٗ (ٹیپوٗ ترلیش انان تہٕ لیڈر رچیٚوان) بہٕ کیاہ اوسس ونان...... آ...... آ مُلک چھُ آباد کرُن۔ یہٕ سوروے ہیکہِ تیلہِ سپدِتھ ییلہِ اَسی مُلکہٕ کِبن نیبرِ مبن تہٕ اندرِ مبن مُک دشمن طاقتن ہُنٛد رٕلِتھ میلِتھ مقابلہٕ کرو (ژرِہ پوٚپ)۔

(لیڈر چھُ still دِوان تہٕ تِمَس تِمَس کردارس Dialouge وَنٕز چھِ آسان تِم چھِ اکہِ اِکہِ تھۆ دو وتھان تہٕ ونان۔ پتھر چھُ صِرف بشیر روزان باقےٕ سأری کردار چھِ تِمَس semi circles منٛز پتہٕ کنہِ کھڑا گژھان۔ بشیر چھُ لۆکن کُن بُتھ کرِتھ تہٕ باقی کردار تہٕ چھِ لۆکن کُن بُتھ کرِتھ...... کردار گژھن اَکھأ اَکس پتہٕ تابڑتوڑ...... یعنی جلدی جلدی ڈیلاگ ونان روزٕنی ...... یۆ تاہ ڈیلاگن ہنز شدت بڑٕ ہ...... بشیر گژھِ تیۆ تاہ پریشان گژھُن ...... گراکنن تھۆپ دیُن گراتھۆ دوَتھُن گراپتھر بہُن ...... تِمی ہنٛدِس اضطرابس منٛز گژھِ وار وارٕ شدت ینٛز۔

رِیاض: پنجاب میں دہشت پسندوں نے ایک پولیس آفیسر اور چار جوانوں کو گولی سے اُڑایا...... دہشت گرد موٹر سایکل پر سوار تھے۔

(أکِس جایہِ کھڑا گژھان Stills منٛز)۔

نِثار: مہارشٹراس منٛز سپدی فساد...... فسادُک گوڑ نۆن کڈنہٕ خاطرٕ ہ آو حُکم دِنہٕ...... شری لنکاہس منٛز تاملن پیٹھ ظُلم سپدان۔

عزیز: ترُونُجل پارٹی ہِندو کارکُنو کوٚر راتھ ژُکونُجل پارٹی ہِندین کارکُنن ستی جھڑپ یتھ منٛز ترونُجل پارٹی ہِندی ژور تہٕ ژُکونُجل پارٹی ہِندی ترےٚ نفر گیہِ مارٕ ہ...... (زن تہِ خبر ونان)۔

ٹیپؤ: جنگلات کو لوٹ کھسوٹ اور صفایا...... عمارتی لکڑی کو بے تحاشا کاٹ کر لیا جا رہا ہے۔ محکمہ جنگلات غفلت کی نیند میں مست۔

غمگین: از ژاو ایران عراقس اکہِ طرفہٕ سبٹھا اندر...... وننہٕ چھُ یِوان زِ ایرانن گرأوی عراقکی شیٚ جہازتہٕ زٕ ہتھ عرأقی گیہِ مارٕہ۔
(پَتھر چھُ صرف بشیر روزان)

ریاض: عراقن کۆر راتھ ایرانکین ترٛین تِلہِ کریلین پیٹھ حملہٕ...... کریلو منٛزٕ چھِ نارٕہ لمبکھ آسمان کھسان...... ایرانکی 90 نفر سپدی مارٕہ۔

نثار: افغانستان میں آج باغیو نے 4 افسروں کو موت کے گھاٹ اُتارا۔

سجاد: یاسِر عرِفاتن چھُ وونمُت زِ یُوٚ تام نہٕ اسہِ پنُن وطن میلہِ توٚ تام روز وأسی لڑأے کران۔

عزیز: راحت گاوں میں شعیہ سُنی فساد...... اب تک مرنے والوں کی تعداد 200 تک پہنچ گیی ہے۔

ٹیپؤ: ہمیں اپنا ملک الگ چاہیے...... ہمارا مذہب الگ ہے...... رہن سہن الگ ہے۔

غمگین: انقلاب زندہ باد......ایسا کریں گے ویسا کریں گے۔

ریاض: أسی دِموخۍ ن مگر تیل دِمونہٕ کینٛہہ۔

نثار: ریل روکو تحریک کو کامیاب بناو۔

نذیر: ہُمن ہُنٛد بیول......خوداین گول......یُس نہٕ ییٚتیگ چھُ سہٕ گژھِ ییٚتہٕ نیرُن۔

ٹیپۆ: سأنی زبان چھےٚ بیٚون......سون وطن تہٕ گژھِ بیٚون آسُن۔

لڑکی: اسہِ پزہ سوروے اکتھ کُن ترأوِتھ بأے بندُت قأیم تھاوُن...... پرانین اصوٗلن پیٹھ پکُن...... گاندھی جی ہنٛدی طریقہٕ پانہٕ ناوِنی (لیڈر آیہِ تقریر کران)۔

نذیر: اکبر بادشاہ چھا بۆڈ کِنہٕ اشوک۔

ریاض: $(a+b)^2$ کتھ برابر چھُ؟

سجاد: غاؔلب چھا بۆڈ کِنہٕ اقباؔل۔

نذیر: شیکسپیرن کیس ہیۆ ڈرامہ چھُ زیادہTragic۔

ٹیپۆ: رۆس چھا بۆڈ کِنہٕ امریکہ۔

لڑکی: بیڈمینٹنک چیمپئین کُس چھُ۔

غمگین: تاسس منز کوسہٕ گیم چھِ دلچسپ۔

نذیر: سنیل گواسکرن کُژھ سنچری چھےٚ بنایہٕ مژٕ۔

ریاض: ہا کی ہُنٛد Last اولمپک کپ گتھ مللس اَتھِ چھُ۔

سجاد: گوڑٕ آواتھول کِنہٕ گوڑ آیہِ کوٚکر۔

نثار: افغانستان میں لڑائی زور پکڑتی جارہی ہے۔

عزیز: ایران عراق جنگ چھُ حدکمالس پیٹھ۔

ٹیپوٗ: فلسطینیوں کو اپنا وطن دو۔

غمگین: ژٕ دراکھنہٕ لایق نیچوٚ ژٕ نیرووٕنی میانہِ گھرٕ منٛز (بڑٕ زنانہِ ہنٛدِ آیہِ)

لڑکی: ہتا اُمِس زنانہِ کہیو بنی یہِ کہیو ژِھیٚے میٚے گتھِ پیٹھ وادکران۔

ریاض: بہٕ چھُسے ونان بھایا میٚے تراوٕ پٔنٕن حِصہٕ سیوٚ دسیٚو دنتہٕ گرٛھی خوٗن ...... میٚے روزی نہٕ پانس تام۔

سجاد: ژٕ چھُکھ نہٕ دوس ژٕ چھُکھ بےایمان ...... ژٕ چھُکھ وشواش گھاتی۔

نثار: دوٚپ مے ہا میٚے تراو بیٚلہِ ......ژیٚے کیازِ کھیٚتھ میٚے وَتھ تہِ۔ ژٕ چھُکھا ہمسایہِ کِنہٕ دُشمن۔

لڑکی: بہٕ چھیٚے سے دپان ہرگاہ میا؛ نی لوآزی مات پوٗرٕ چھُکھ نہٕ ہیٚکان کٔرِتھ ......تیٚلہِ کیازِ کوٚر رُتھ میٚے ستی خاندر۔

نثار: پانچ بچوں کی ماں نے آج عدالت میں دعویٰ کیا ہے...... کہ اُس کا پتی نامرد ہے۔

غمگین: میٚے ژٕ روچھمکھ میٚے کیازِ چھُکھ نہ یتھ بُجرس منٛز خدمت کران (بُڈٕ آیہِ)۔

لڑکی: ہتے ہیے بوزی...... بوزی...... ژیٚنے ہے نیٚوتھن میٚے نچۍ ورگہٕ لأوِتھ۔

نذیر: ژٕ چھُکھٕ بوئے ژۄرِہ ژۄرِہ چھُکھ ڈاکخانس پوٚنسہٕ بران آسان۔......میانہٕ آئگنز کیا زِہ دراکھ۔

لڑکی: یہٕ چھیٚے سے زنان رِکنہٕ نوکرأنی۔

مشتاق: اوریہِ شاندار چھکا۔

نذیر: اورایک گول۔

شفیق: ڈول میون کتہِ چھُ۔

غمگین: نۄن ......لیٚڈر ......چائے۔

ریاض: بازرس گٹہٕ گار۔

لڑکی: سیاہ سفید نام۔

مشتاق: فُٹ بال میچ۔

شفیق: ......Absent Explination.

نذیر: Discovery of new bomb.۔

غمگین: ژٕ نیرنہر۔

لڑکی: میٚے اَن دواہ۔

ریاض: وندس رہتہٕ کول۔

غمگین: اپران۔

نذیر: عراق۔

مشتاق: نیوکلیر بم۔

ریاض: بوچھِ۔

(پٔتۍ کنۍ ڈیلاگ چلان چلان چھُ بشیرس جانہِ منس پیٹھ یوان ...... سہٕ چھُ تھوٚد گژھان وٕتھی وٕتھی ...... تہٕ تھوے لاسٹ ڈیلاگ چالان چھُ سہٕ خطرناک کربکھ دِوان)

بشیر: او ہو ...... اوہو...... stop it ...... (باقی کردار ییٚس پیٚتی آسان سہٕ چھُ تۍ Still گژھان) بس کریو بس میٚے گوٚ وٕسری پیٚٹھی (وِدان) ...... بہٕ چھُس گژِ گنڈان ...... میٚے متہٕ بأ گرأ وی تو ...... بہٕ تھوٚکُس ...... بس بہٕ تھوٚکُس ...... بہٕ شونگہٕ ہا ...... بہٕ شونگہٕ ہا ...... (وِدان رزوان تہٕ پردٕہ چھُ وارٕہ وارٕہ بنٛد سپدان)

(أتھی ستۍ ڈرامہ واتان انٛد)

❁❁❁

# راز ریٚش وننٕگ

کردار:

۱۔ سہہ :

۲۔ رامہٕ ہوٗن :

۳۔ پوٚنز :

۴۔ شال :

۵۔ سہہ بچہٕ :

۶۔ ہانٛگُل :

۷۔ ہاپُت :

۸۔ روٗسی گٹ :

۹۔ ہوٚس :

# رازِ ریٖس وننک

(اکہِ جتگلُک تاثُر ...... کینٛہہ کُلی چھِ stages پیٹھ ...... سٹیجس منٛزس چھِ اَکھ وَتھ
ہِش کھورِ ونگہِ کُن گژھان ...... وتہِ ژٕچھنۍ ہنا پَتھ کُن چھُ اکھ

Raiser آسان ...... یُس تخت بدلہٕ تہٕ استعمال سپدِ ...... اَتھ Raisers چھِ
ژٕچھنۍ کھوٕرۍ بیٚا کھ بیٚا کھ Raiser مگر لوٚکٹ ...... سہہ چھُ تختس پیٹھ بہتھ آسان
تہٕ ساٲری چھِ نژان آسان ...... اڈٕ بن چھِ پوشہٕ مالہٕ اتھن منٛز ...... کینٛہہ مالہٕ چھِ سہس
ترأوِتھ آسان ...... تہٕ کینٛہہ چھِ نژان نژان تراوان ...... گیٚوان تہِ چھِ ستی ستی سہہ
چھُ مست تہٕ خوش آسان ...... یمن ساٲرنۍ چھِ پننہِ ناوِ حسابہٕ پلون ہُند رنگ یعنی
سہس گژھن سہہ رنگہٕ پلو آسنۍ ...... تہٕ تِتھے پأٹھۍ باقٕے جانورن تہِ پننہِ آیہِ ......
کُلہن پیٹھ گژھنکھ ناوِ حسابہٕ کلہٕ ہیرِ روزِنہٕ ...... مگر پننۍ بتھی گژھِ نکھ تٔی آسنۍ )

اَسہِ حض از شأدیأنے لو

رازس ستی یارانے لو

رازِ پاٹھہٕ گوس کران واریاہ کال

سہہ کاک سون جانانے لو

سنگ دیٖتن پننہٕ دروت ہسا پردین

رازِ سُند حض ایمانے لو

نثار نسیم

(بأتھ موقلِتھ تہٕ نۆژتھ چھُ سہہ پنٕنس تختس پٮ۪ٹھ بیہان ...... أڈی چھِ سہس ژٕچھنہٕ کھڑاگژھان ...... تہٕ أڈی لتس کھوٕری روزان ...... سہہ چھُکھ پتھر بیہنہٕ خاطرٕ ہ ونان تہٕ سأری چھِ پتھر بیہان ...... سہہ چھُ تھوٚ دوٚ وتھان تہٕ تقریر کران )۔

سہہ : (آواز بنأوِتھ) ...... ریٚش وَن کیٚو واسیٚو ...... میانیٚو ٹاٹھیو ...... تہٕ رشتہٕ دارو ...... بہٕ چھُس تُہنٛد سبٕٹھاہ مشکوٗر تہٕ ممنوٗن ...... تُہی چھُو ازمیون یہِ تختس پٮ۪ٹھ بہنُک دوہہ مناوان ...... ازگیہِ میےٚ براہبر پانژھ ؤری یہِ زولانہٕ نألی ترأوی مِتس ...... بوٚ خوداہ چھُ نہٕ میےٚ کاتھہ تہِ بُل حواس یَتھ راز گدِ پٮ۪ٹھ بیہنُک ...... مگر تُہنٛدس لولس تہٕ مژرس کرٕ کیاہ ...... (مژری آواز زأوِج گژھان ...... تہٕ سہہ جبس مژ یوان تہٕ آواز بدلاوان) ...... بہٕ چھُس یژھان تُہی پکیوٗ برونٹھ تہٕ بہٕ روزٕ توہہِ پتہٕ کُنی ڈوکھ بٕنتھ ...... توہہِ ہرگاہ کھورس کونڈا اژِسہٕ کونڈ کڈٕ بہٕ أچھر والوٕسی ...... میےٚ ترووتُہنٛدِ سوکھ تہٕ امنہٕ خاطرٕ ہ شکار کرُن ...... پننہِ خاندارنہِ ٕستی لوکرُن ...... (أتھی ٕستی چھِ پوژھِ لأوی سٕژ آواز گژھان تہٕ سہس چھِ زن أچھ درس لگان سہٕ چھُ ژھوپہٕ کران ...... تہٕ ہنا قدم برونٹھ آوازِ کُن پکان تہٕ تام چھُس ہوٚس ونان)۔

ہوٚس: جناب یہِ چھِ پوٗژھہ لاٗوِی ہنٛز آواز......اور مہٕ سٗنیوٗ تہٕ تھاٖیوٗ تقریر جاری۔

سہہ: (زن خٕس ونان) ہا......تہٕ......بہٕ......بہٕ کیاہ اوٗسس ونان......آ......آ......بہٕ چھُس گھاسہٕ کھیٚوان......(تیزان تہٕ آواز بدلان)......بہٕ چھُس موگُر کھیٚوان......(باقیٕ اَسان) یعنی بہٕ چھُس تہٕ کھیٚوان یہِ توہہِ ہُران چھُ......توہہِ بوٚرِ میٚے وِزِ وِزِ لول تہٕ امہِ لولہٕ خاطرٕ ہ چھُس بہٕ تُہنٛد مشکوٗر......(زاٗوجہِ آوازِ منٛز)......از گیہِ میٚے پانژھ وٗری تُہنٛد رازٕ بناٖمتِس......تہٕ تُہی چھُ میون یہِ دوہہ بڑٕ چکہٕ چاوٕ ستی مناوان۔

رامہٕ ہوٗن: حضرت توہہِ ما چھُ ہٕٹس بدخواہن دود......توہہِ چھِ از آواز بیگران۔

سہہ: نہ......نہ......یہِ چھِ میاٗنی اصل آواز۔

ساٗری: کیاہ......(ساٗری حاران گژھان)۔

سہہ: یعنی......میٚے چھِ منٛزٕ زاٗوِج آواز......یعنی میٚے چھُ ہٕٹس ہنا تکلیف۔

شال: جناب...... strepsils گژھن ژھہ ہنٛز......توہہِ گژھِ ہوٚٹ اٗنہٕ پوٚٹ ہیوٗ۔

سہہ : (شرارتہٕ سان) توہہِ چھُ میٚے بار بار ووٗنمت زِ میٚے نِشہِ گرٛژھِ نہٕ اُنٛچ گتھ کرِنۍ ...... میٚے چھِ اُنس ستۍ سخ خُر ...... میٚے چھِ اُنٛچ نفرتھ ...... آخ تھوٗ۔

شال: رازن معأفی ...... دراصل اوس نہٕ میون مقصد توہہِ تکلیف واتناونک ...... بہٕ زن اوٚسس ونان توہہِ گرٛژھِ ہوٚٹ صاف۔

بوٚنز: تیٚلہِ کریٚو مہاراج تُہؠ ونہٕ چیٚنۍ جڑی بوٗٹیٚن ہُنٛد استعمال ...... میٚے چھُ پَے تمہِ جٕڑی بوٗٹی ہُنٛدیُس تُہنٛد ہوٚٹ صاف ہیٚکہِ کرِتھ۔

سہہ : مگر بہ چھُس نہٕ کھیٚوان گھاسہِ ...... بہٕ چھُس کھیٚوان موک ...... یعنی بہٕ کھیٚمہ نہٕ جڑی بوٗٹی۔

رامہٕ ہوٗن: جناب بہٕ دِمو موٗٹھ ...... ہٕٹس دِمو پھَش ...... تلہِ پتہٕ دِمو پھش ...... (ووتھان ہٕٹس دِوان پھش)۔

سہہ : ہورامہٕ ہونیا ...... ژیٚے پیٹھ نا چھُ وَسا ...... اِنا رازِ سے دِکھ ہٕٹس دام۔

رامہٕ ہوٗن: (ہنا شرارتہٕ سان) تہٕ واپس یوان پننہِ جایہِ) ...... میانہِ اتھن اوس دوہے زہر ...... بہٕ ہرگاہ کأنسہِ کھوٚر تہٕ چیٚمہٕ چھٕلِتھ ...... تس چھُ توتہٕ میٚے پیٹھ شکھ روزان۔

ہاپت: نا میانہِ بھایا ...... سوٗ گتھ نا چھُنہٕ ...... دَپھ ژیٚے چھے نانس ہٕج ...... تہٕ جوٚشیٚن ہُنٛد وُنِ چھُ زِنستہِ ہوٚل چھُ نہٕ کأنسہِ ہُنٛد آسان۔

رامہٕ ہوٗن: تُم سب چور ہو...... (تہٕ ترٛاوِتھ ہس کُن ...... بیہان )۔

ہاپٹ: ژیٖنۍ کیاہ ساچھُے ہمیشہٕ یِہوے مرٕض ...... پتہٕ چھُکھ نہٕ ادِہ رٹنے یوان ...... میون مطلب ہا اوس۔

رامہٕ ہوٗن: یہٕ ذانتھ ژٕ لوکچاٮ۪ر پیٹھہٕ ...... پیٹم گرٕھنہٕ پتہٕ اوستھ اتھس تھپ کٕرِتھ شکار کرُن ہیچھناوان ...... یہِ چھُسم تتھ موزوٗ ری۔

شال: ہے تلہٕ سا ژٕھ گتھ ...... گِندان گِندان وأتیوٕ لڑایہِ پیٹھ ...... تُہی چھِیوٕ دوشوَ ے توٗح پیٹھ چھہِ ژٕرِ۔

پوٗنز: (عادتھ کنس کشنُک ) ...... مطلب چھُ ...... بہٕ چھُس یم راز پاٹھُک رأچھ راوٕٹھ کرن وول۔

سہہ بچہ: یعنی پُلسہٕ وول۔

پوٗنز: بہٕ چھُس سہہ پوٗت چأنِس مأ لی ہنٛدِس راز پاٹھس سِپر بٔنتھ رأچھ کران ...... تہٕ ژٕ کتھ پیٹھ چوں چوں کران ......۔

سہہ: وُچھ ساپٔزی کا کا ...... یہِ چھُ دودٕ ہیڈٕر ...... أمِس چھیٖ نہٕ پَے کِمِس ستی کِتھ پأٹھی گرٕھ ِگتھ کرٕنی ...... أمی ہنٛدِ وننُک مطلب چھُ ...... ژٕ چھُکھ میانہِ لشکرُک سِپاہ سالار۔

پوٗنز: وُچھیوٕ جناب ...... تُہی ہرگاہ کینٛہہ تہِ وٕنیوٕ تہٕ کروأسی اَسان اَسان برداشت ...... کیازِ ہ تُہی چھِیوٕ اسہِ زِٹھی ...... مگر یہِ کیاہ بیہان زِٹھىن ہنٛدِس منٛز دخل دِنہِ۔

پگاہ شولہِ دُنیاہ

سہہ بچہ: تو ہہِ کیاہ چھُوَس بہ سمجھُمت ...... آپ نے کیا سمجھا ہے...... یہِ میٚے سنسکارن منز میوٗلُمت چھُ تہِ ہیچھیوٗ تِھی وُنہِ دہہِ وہری ......
(دٔ چھنہِ أچھی ہٹرِاے گرٛشھُنک عادتھ)۔

پوٚنز: (شراتہٕ سان) ...... اچھا...... گوٚ ویہِ چھِ کتھ ...... گوٚ وأسی چھِ خر۔

شال: ہے نہ سا...... یہِ تہِ ٹھیک ونان ...... وُچھ سا سائنس حِسابہٕ تہِ چھُ ...... یَس مول موج پوٚ رمُت چھُ آسان تس چھِ پڑھائے جینوٚ حسابہٕ جانہٕ میلان۔

ہانگل: ہے ہٕسی صاب نہ حض تہٕ تو ہہِ کتھ لوگوٚ پٔننِن دلہٕ وانزٕلِن دَل دیُن ...... أخر اَسہِ چھُ نا کھنٛی تہٕ کرُن ...... أسی نحض چھِنہٕ تُھند بکواس بوزنہٕ آمتی ...... أخر رازٕ نیتی پیٹھ تہِ کٔریوٗ کاثہہ کتھ۔

ہوٚس: یٔیتہِ حض چھُ بابا دوہے پی گرٛشھان ...... توتہِ ماچھُکھ ژٕ سانِن پراویٹ میٹنگن منز آسان ...... تتہِ چھِ معموٗلی کتھن پیٹھ ...... کلہٕ ہیرِ پھٹان۔

سہہ: ژیٚے کیاہ ساچھے ہستیاہ عادتھ ...... پتہٕ چھُکھ اول وانگُن نوٚن کڈان ...... أخر privacy تہٕ چھِ کینٛژھا آسان۔

ہوٚس: اِدٕ حض ترٔ أیٔوٚ گلہٕ شکوٕ تہِ کٔریوٗ کاروأیی شروع۔

سہہ: تلہٕ سا ہٕسی کاکاژٕ بیہہ تہٕ ژٕچھنی کنہِ ییٚتیتھ ......(ہوس بیہان )...... رامہٕ ہۄن جی ......ۆلیۆ تُہۍ کھوٚرِ ری کنہِ ......(سہٕ ڈال دوان زن رۄشتھ )...... میأنی درٕ ے چھے یکھ نا ۆنی ......(رامہٕ ہۄن یوان تہٕ بیہان )......

رۄسی کٔٹ: ( شرارتہٕ سان )...... میےٚ چھُ باسان ییٚتہِ چھینہٕ میأنی ......کانٛہہ ضرۄرتھ ...... بہٕ أسس أدی پیٹھٕ زن ہۄنی ہِش ییٚتہِ ...... میےٚ ستی کرنہٕ کأنسہِ ژٕھرکتھ تہِ۔

ہۆس: ہا ژیےٚ کیاہ روٕ ے ...... أسی گیہِ چأنی داس ...... ژٕ چھکھ میےٚ بیٚنہِ ......گاسہٕ تھوپا کھیٚکھ حالس ......خبر بور ماگیٚکھ۔

رۄسی کٔٹ: یڈٕ ے یأژ چھا آسان ......دُنیاہس منٛز چھہِ واریاہ غم آسان ...... توہہِ چھُو نابۄزمُت ...... اوربھی غم ہیں دنیاہ میں یڈٕ کے بغیر۔

سہہ: آ......آ...... بِالکل صحیح ...... ہتے گو بری کیاہ ونے ......یمن چھا دُنیاہُک تجربہٕ ...... یم چھہِ کم عقل نادان......یمن ترِنہٕ فِکرِ ......( آلوکران )......سہہ بچا۔

سہہ بچہ: کیاہ سا......ووٕنی گتھ تاونس چھُم لگُن۔

سہہ: بکواس کر بنْد ...... ژیےٚ چھوےٚ نہٕ کانٛہہ تمیز ...... مأنِس ہتہٕ کِتھٕ پأٹھی گژھہِ گتھ کرِنۍ ...... خأر ...... یہٕ روٗسی کٔٹ نِن پانس ستۍ ...... یہٕ کرناوُن چکراہ ...... ییٚتِس کالس بہٕ free گژھہ ...... پتہٕ کروأسی پنٕۍ پأٹھی کتھ۔

روٗسی کٔٹ: اچھا گریوٗ تیلہٕ تُہہ رازِ نیتی پیٹھ گتھ ...... أسی گِندو حالس کُلبن تل ...... (نیران دوشوے)۔

سہہ: اچھا ہانگل صأبا ...... بہٕ چھُس توہہِ یقین دِوان زِ أسی کرو ووٕنۍ تعمیری گتھ شروع ...... چونکہِ ژٕ چھُکھ لوکٔٹ ...... چأنۍ دوہہ چھہِ اسنکی گِندٕنکی ...... أسی کروتھ ژٕ پنہٕ نیوٗ مثلو نِشہِ آگاہ ...... ژٕ تہٕ نیر روٗسی کِچہ ستۍ تہٕ میا؛ نِس فرزندس ستۍ ...... پتہٕ کیاہ ساچھہِ دہہ اِدٕ ہ دہہ کتھٕ کران۔

ہانگل: آ ...... آ ...... میےٚ چھیےٚ خبر زِ ووٕنۍ سپدن یییٚتہِ فأصلے یأتۍ ...... میےٚ تہِ چھُ باسان بہٕ نیرٕ ہ ...... کیازِ ہ میانہِ ستۍ گژھیوٗ تُہہ Disturb۔

رامہٕ ہوٗن: نا پنہٕ ژیےٚ بدل رأے گژھی ...............۔

ہانگل: نہ سا بہٕ چھُس چور ...... میےٚ کیازِ ہ گژھہِ بدل رأے ...... (أسان) ...... پھرِ ژوٗرس دارِ کو نٹھ ...... (نیران)۔

شال: بڈ چالا کھ چھُ یہِ ہانگل ......۔

پوشز: نہٕ أمِس چھُ میون سخ حیاہ ..........راتھ تام اوس نہٕ یہٕ میٚے تھی......وتہِ پکان۔

ہاپت: آ......آ......تہٕ چھُ پٔز ......چون روب ہاچھُ ونہٕ چھِن یارٕبن تام۔

سہہ: تلہٕ سا ترأیوٗ یِم کتھٕ...... ہٕسی کاک...... ژیٚے اوسے میٚے وونمُت از چھُ خوشی ہُنْد دوہہ......بنگہِ ہُنْد انتظاماہ کرُن...... چھاوونی کینْہہ رِنہ......رِنہٕ تِلہٕ زالی یأ ژچھیٚے۔

ہوٚس: نہ رازٕ نہ تژھ کتھ چھیٚنہٕ......اَکھ آسہِ تہٕنْد فرماوُن......تہٕ بیٚیہِ کرِ ہانہٕ یہٕ پۆرٕ ہ......(ووتھان تہٕ بنگہٕ انان......سأرنے برونٹھٕ کُنی بنگہٕ تھوپ تھوپ تراوان......سأرے خوش گژھان تہٕ کھیٚوان)۔

سہہ: (أڈ ہنا کھیٚتھ)......یِتھ کیا ساگوٚ ژھ بیٚیہِ کینْژھا آسُن۔

ہوٚس: بیٚیہِ تہِ دِموموکلأیوٗ تھی یہِ ہَن۔

سہہ: ہانہ سایتھ بنگہِ گوٚ ژھ رس کڈُن......تہٕ سہٕ گوٚ ژھ مازس ستی رلاوُن......اِدہ مہ تہٕ بوزتہٕ ژٕ......مزٕ ہ کیاہ ییہِ ہے۔

سأری: مگر تو ہہِ ہے چھُ ماز کھیٚون تر وومُت۔

سہہ : ہانتہٕ کنہٕ ساکھیٚو میٚے ...... یہٕ زن وۄنم By the way۔

ہوٚس: اچھا وۄنی آو سارنے مزٕ ہ ...... بہٕ چھُس توہہِ سارنےٕ عرض کران ...... زِ ؤنی کروأسی کُنہٕ تعمیری کتھِ پٹھ غور وخوض۔

سہہ : ترٛٹھ کیاہ ییٚتھ ریٚشی ونس ...... تلہٕ ساازگریوٗ پٔنٕنی کتھاہ۔

ہوٚس: نہ رازٕ نہ...... أسی چھِ دۄہے پٔننہِ سوٗچ دوٕچ کٔھچ کتھ کران ...... ؤنی ہاچھُ اسہِ باقیٚن ہُنٛد تہِ سوٗچُن ...... توہہِ ماچھُ سأنی یأتی زِٹھ ...... تُہی چھُو سارے وۄنکی رازٕ ۔

سہہ : گوناہ پٔنٕنی تہٕ بیٚیہِ نہٕ کینٛہہ ...... ژیٚے کیاساأسےٕ نہٕ زانٛہہ تہِ کتھ تگان کرٕنی ...... بلایہِ ییٚتھ محفلِ ییٚمی ژیٚے کتھٕ اننے ......

ہوٚس: کیاہ ...... وۄنُتھ ...... یِم عأش چھُکھ میانے ہتی کران۔

سہہ : ہا...... ہا...... میون مطلب ہسا اوس ...... چانٛہن ژھوپہٕ أسی میٚے بڑٕ خوش کران ...... بڑٕ obedient اوسُکھ ژٕ۔

ہوٚس: از چھُس نا......۔

سہہ : اَہن ساسہٕ گُس ونہٕ نسا...... اچھاون سا کیاہ چھُ کرُن ...... بہٕ چھُسے وُنکیس مزس منٛز ...... پوٚز گوٚو أسی چھِ تِی کران یہِ ژٕ ونان چھُکھ ...... أسی گیہِ چانٛہن کتھن عملی جامہٕ وَلن وألی ...... Creator چھُکھ ژٕ ے ...... دپھ بہٕ چھُسے پتہٕ کنٛہ ڈٔکھِس ۔

ہۏس: بوزۍ ...... رازن أڈ کرواٚکھ پروگرام ...... T.v پیٹھ۔

سأری: واہ ...... واہ ...... واہ ...... کیاہ خۏب کیاہ خۏب۔

ہۏس: راز دیہِ Interview ...... أڈۍ گیٚون تہٕ أڈۍ کرن پأٹھر ...... یعنی variety شو۔

سأری: تہٕ ژٕ کیاہ کرکھ۔

ہۏس: بہٕ کرٕ compearing ...... أخر سورے انتظام چھُ میونے ...... مےٚ چھیٚنہٕ پننہِ مشہوٗری ہنٛز خاص ضرۏرت۔

سہہٕ: ٹھیک چھُ ...... میون گوٚ interview۔

سأری: آ ...... أسی وُچھو پتہٕ گرِہ ...... أسی رِتھ چھِ ٹیوٚیس پیٹھ شۏبان۔

سہہ: مگر بہٕ (شرارتہٕ سان) بہٕ وُچھہٕ نہٕ پنُن پروگرام ...... بہٕ وُچھہ نہٕ پنٔنی شکل ...... مےٚ چھُ عأنس ستی سخ کھٔرٕ

شال: مگر جِناب T.V چھُ نہٕ عأنہٕ ...... تتھ پیٹھ ییو توہہِ امہِ کھوتہٕ صاف اصٕل تہٕ پرزلہٕ وٕنی بوزنہٕ۔

سہہ: Camera گژھِ نہٕ مےٚ زیادٕہ Closeup نیُن ...... أتھی ساہسی کا کا امیک تھأیوزِ خیال۔

ہۆس: کران کم حض کتھ چھُکھ ژٕ سہہ صأب...... سأری کلا کار چھِ یژھان زِ أسۍ نتہٕ أسۍ پیٚٹھ گوٚژھ زیادٕہ کالس Camera روزن۔

سہہ: بہٕ چھُس نہٕ کلا کار...... بہٕ چھُس بادشاہ ...... یعنی سہہ...... سہہ...... (یکدم تھوٚد ووتھان تہٕ نیران سأری ...... پتہٕ پتہٕ نیران)

Light گم گژھان تہٕ سینٕ بدلان

❁

Next Scene

(سہہ بچہٕ تہٕ ہانگُل چھُ کیمراہ بنان...... ہۆس چھُ Director آسان...... سہہ چھُ تختس پیٹھ بہتھ پانس زن لگر گرِتھ بہتھ ...... پوٚژ چھُ Interviewer آسان......رامہٕ ہۆن شال ہامُت تہٕ رٕوسی گرٕزن تہٕ گیوٚنہٕ خأطرٕ ہ تیار...... رٕوسی کچہٕ ہُنٛد ڈانس)

ہۆس: Light on...... (light چھِ بڈان)......رن Sound۔

ہاپُت: Running۔

ہوٗس: Roll Camera ...... (سہہ بچہ تہٕ ہانگُل چھُ زن تہٕ ٹرالی پیٹھ کیمراہ نژھِ ناوان)۔

ہوٗس: Action (انٹرویوٗ چھُ شروع گژھان)۔

پوٗژ: معزز سامعین...... صاحبِ صدر...... بنٛیو تہٕ بھایو (ساری آسان)۔

ہاپُت: پیٛیہِ ساتِلہٕ کراے...... یہِ کیاPrayer پیٹھ چھکھٕ تقریر کران۔

ہوٗس: کٹ...... کٹ...... ہتو پژ یاہ...... ژیےٚ کمیوٗ چھُنکھ Interviewer بنو وُمت...... ژیےٚ چھے ناپے ژ چھُکھ ٹیوپیس پیٹھ Interview کران۔

شال: وللہ جناب اوس یہِ تمہِ دوہہ leave تھاوان...... یمہِ دوہہ اُمس Prayer پیٹھ بولُن اوس آسان...... ووٚنی گوتھٕ گیہ وَس مہربان۔

پوٗژ: شالا کرِوٗ ژھوپہ یہٕ ہا کڈے پتہٕ اول وانگُن نوٚن...... (شرارتہٕ سان)...... ہے وَن حض Directorصأب ژے...... کتھٕ کُنی کرِ شروع۔

ہوٗس: ژ ون سا معزز...... معزز حاضرین...... نہ...... نہ ہے اَتھ کیاہ ساونان چھِ آ...... آ...... ژ وَن ناظرین آداب...... وغأرہ وغأرہ۔

پوٗژ: ٹھیک حض چھُ۔

ہوٚس: آ...... اگر ووٗنۍ غلطی گیہِ...... بہٕ رُکاوَے نہٕ Recording......اور بہٕ ژٕٹے نصف Payment

پوٚژر: ہوتوتہٕ ژوٹ تھس نہٕ......بہٕ دِمے تیٚلہِ ژوٗ رِم حصہٕ۔

ہوٚس: بکواس کر بنٛد......نتہٕ کرناوَن بہٕ بدل Interview ......

Roll ......Run Sound ......O.K

Camera ......Action......(سین شروع گژھان)

پوٚژر: ناظرین اسہِ چھِ دعوت دِژٕمژ ییٚمہِ ونہٕ رکس رازس...... سہہ رازس...... تہٕ تٔمن کرِ بہٕ کینٛہہ سوال...... یُہنٛد تم ٹھیک ٹھیک جواب دِینۍ......رازن آداب۔

سہہ: (لُکر گرِتھ) آداب آداب...... وارے چھُوٕ...... گرِیکو چھا وارے۔

پوٚژر: رازن اُسی چھِ مشکوٗر زِ توہہِ اوٚنو یور تشریف۔

سہہ: کران کم ساوولہٕ ڈولہٕ کتھ چھُ تُہی......ژٕ پیٚوٗ میٚے پیٚو اکہِ دُ ٹک Budget توہہِ یور ییٚنس پیٹھ خرچ کرُن......بتہٕ...... چاۓ wiskey...... بہٕ کتہِ لگہٕ ہا ییٚتھ تاونس...... دپھ بلایہِ آیہِ اُمِس وزیرس سہس نا......تیٚمی بہٕ ییٚتھ تاونس لوگنس۔

هۆس: cut......Cut...... ہے راژن یہِ گۆ وغلط...... بہٕ چھُس چانہٕ ناٗمی خاطرٕ یۆت کران...... اِدہ ژٕ چھُکھ اورٕ کلس کھسان...... میٚ چھُ باسان...... ژٕ چھُکھ نہٕ یژتس لایق...... وُچھ پانس چھے لگر گرہٕژ...... ہنا بیہہ مۆڈس منز...... (سہہ پوز بدلاوان)......شاباش بتھےٲ گنز۔

سہہ: ہے تھاٗیۆ ساؤنی Directory ہاوٕنی...... میٚ ہسا چھِ پَے یہِ چھُکھ کھیٚومُت چیٚومُت ہلال کران...... گوڈٕ چھُوے نشہٕ ستی گیوٗر یوان۔

هۆس: راژن کاڈی تھاو set نتہٕ کرے بہٕ پانے...... interview شروع......تہٕ ساٗری چالاٗ کی نیری نستہٕ کنز۔

سہہ: اچھا......اچھا......soryy...... ریڈی۔

هۆس: Action۔

پۆثر: مہاراج۔

سہہ: آ...... لگے آ......مہاراج وُنن چھُ میٚ خوش کران۔

پۆثر: مہاراج...... گوڈٕ نتھےٕ وٕنی تو وُچھن والین زِ تو ہہِ کیاہ arrangement یعنی انتظامات گرٕ ریٚش ونس سجھاونہٕ تہٕ سوندر بناونہٕ خاطرٕ ہ۔

سہہ : با...... ہہِ (دلیپ کمارنہِ آیہ)...... میٚے کیاہ ساچھُ Rome وُچھِ تھ اَکھ خیال آمُت ...... ہہِ دِمہٕ پٔنٔنیو اتھو ییتھ ونس نار۔

سأری: نار چھُ کران خار مہاراج۔

سہہ : سہُ گژھیؤ تُہی کینژھس کالس ...... مگر ...... ییتھوٕ یہِ وَن صاف شفاف گژھِ گُلیو نِشہِ مُکت گژھِ ...... مُکت زانکھٕ ...... یعنی مُچھِ گژھِ یہِ بناوِ ییتھ 100 پوٚہر اَکھ اکھ Building ...... بٔڈی بٔڈی ہوٹل بناوِ ...... Club بناوِ ...... ییٚتہِ لوٗکھ شامس مست آسن گژھان ...... (منز زأوِج آواز) ...... Dance آسن کران ...... ژیٚے ماچھے پَے ترقی یافتہٕ مُلکن اندر کم سہوٗلژ چھِ فراہم ...... ہم جہنم میں رہے ہیں ...... ژھوٹ بوزأش کرن سأری۔

پوٚژز : اچھا جناب۔

سہہ : أدی کیاہ وٗنیؤ ...... رازن ون رازن۔

پوٚژز : رازن ...... تُہندی مُخأ لِف چھِ ولہِ ۂرشی کرناوان ...... دھماکہٕ کرناوان ...... توہہِ غلط الزام دِوان ...... تُہند کیاہ رویہٕ روزِ ...... ییٚتہِ اپور تمن ستی۔

سہہ : میٔ چھِ پَے ...... مگر بہٕ ونٕنے اَکھ کتھ ...... بہٕ کھیاوَکھ تم ویہہ ...... آٹہٕ نوٗن دِلکھ ...... پوٚز بوزکھٕ ...... میے چھِ نہٕ کچ کچ تہٕ گژھان ...... واللہ چھُسے پوٚز وونان ...... بہٕ تھوٕے کُنہِ وولہٕ ہرشہِ ہُنٛد بوزان چھُسے بہٕ چھُسے یک دم ہُسِس ستیٔ chess گندن شروع کران ...... تم چھِ تھکان پتہٕ چھِ چوٗں چوٗں تام بنٛد کران۔ میٔ چھِے یمن رَگ رٕ ٹھڑ ...... (موٗڈ چلینج) ...... پتھ روٗ ددھا کہٕ (یک دم ٹاس گژھان) بم ...... بم ...... بم ...... بم ...... ہو سہہٕ کا کا بہٕ لگے بلایہٕ ...... میٔ ماوٲژ کھورن تل ...... یما اوتھس چال کرِتھ مارناونہِ۔

ہوٚس : Cut......Cut ...... ہے رازن ...... ژیٔے گوٕے کیاہ ...... یہِ پھُٹ لایٹ۔

سہہ : اچھا ...... اچھا ...... گو بہٕ چھُس زندے ...... (پانس پھش دِوان) اِدٕہ سا Sorry ...... ولہٕ میٔ چھُ پَے ژیٔے لُجی محنت ...... پتہٕ کرناوَتھ ہأش۔

ہوٚس : اچھا ولہٕ بہٕ کرپتہٕ اَتھ editing ...... چلو ...... action.

پوٚترٕ : اچھا رازن ...... تو ہہِ چھُوا دوٗر اُفتادٕ علاقن گژھان ...... تہٕ تہنٛدٕ مسلہٕ انژراوان۔

سہہ: بہٕ چھُس پٔنزِ کاکا سارنٕے علاقن ریٚتس منز اکہِ پھِری نظر دِوان...... دوٚکھس منز پیٚٹھی تہٕ سوٚکھس منز بونہٕ...... مگر راز وَنے...... میٚے ہسا یٚیلہِ گوڈٕ نِکی دوہہ یہِ پٔنُن علاقہٕ ریٚش وَن وُچھ سورُے...... بہٕ ہسا گیوس شاًدی مرگ...... بہٕ کِتیاہ بڈٕہ علاقُک راز چھُس (اَسان)...... ہو خوداِیاہ ...... علاقہٕ (یک دم سیریس گژھان)...... جان بوٚڈ علاقہٕ چھُ۔

پوٚنز: تہٕ تہنٛدی مسلہٕ۔

سہہ: مسلہٕ...... تمِ چھِ وارٕہ وارٕہ حل سپدان...... روزن تہٕ سپدان...... اَتھ کیاہ چھُ ووٗنی دَل دیُن۔

رامہٕ ہوٗن: (یکدم زن setsپٔٹھ یوان)...... تُہی کیاہ چھُ پٔنُن پان زانان...... اٰخر میٚے تہٕ چھُ کانٛہہ وجوٗد...... میٚے تہٕ چھِ کانٛہہ حیثیت...... تُم سب چور ہو۔

ہوٚس: Cut......Cut...... ژیٚے ما ساچھُے رامہٕ ہوٗنی زیادہ نشہٕ لوٚگمُت...... ژیٚے ژٕھٕنتھ اَسہِ recording خراب کرِتھ۔

رامہٕ ہوٗن: بکواس کر بنٛد...... بہٕ پھُٹراوے دنٛد...... اَکھ نِکھ نِصف تہٕ بیٚیہِ دِکھ نہٕ سارنٕے موقع۔

ہۆس: راز ن أمس کر نصیحت ...... أمس چھِ عقل دغا دِتھ گأمژ۔

رامہٕ ہۆن: یہِ کیاہ ونہِ میےٚ ...... بہٕ زانن یہِ ژیےٚ بروٗنہہ ...... یہِ گوٚو بوڈ ژوٗر ...... نیٚچوٗ تھاوَنے تیار کُرتھ ...... اَسہِ دِیہِ پگاہ باز ...... تہٕ نیٚچوس تھاوِی کلس کھأکِتھ ...... ( سہہ بچہٕ Camera ایکشن ژ ٹان تہٕ یوان لڑأے کرنہِ )۔

سہہ بچہٕ: ہو رامہٕ ہو نیا ...... مول ہا اوسہٕ سون ژھیٚوٹ کھیٚوان ...... تہٕ تمَے ژھیٹہِ ستی چھُکھ ڈامبہِ لوٚگمُت ...... ژٕ کتھوٗ پیٹھ کلہٕ دأسی کران ...... یہِ ہا چھُکھ میأنس مألی سٕنز چالہِ تہٕ ہُسی کاکہٕ سٕنزِ عقلہِ ہُند بتہٕ کھیٚوان ...... نتہٕ چھا ژیےٚ ہیوٗ نکھ وسان؟

رامہٕ ہوٗن: بہٕ چھُسے دپان ژھوپہٕ کر ...... اَتھ أکس أچھی تھاوتھوٚپ ...... ییتھ وزملہٕ چھےَ گژھان ...... ( لگان أچھ ٹرایہِ کرنہِ )۔

سہہ بچہٕ: ہوٚ گدھے کی اولاد ...... ژھوپہٕ کر ...... میےٚ چھوہٕ مألی سُنٛد لحاظہٕ گژھان ...... نتہٕ دِمے ہِٹس گُنہٕ دام۔

ہۆس: ہے سہہ بچاہ کر سا ژھوپہٕ ...... ییلہِ بڈی حأضر آسن ...... لوکٹس پزِ نہٕ کتھ کرٕنی۔

سہہ بچہٕ: بہٕ چھُسہٕ لوکٹ ...... بہٕ ہاے ...................... بہٕ چھُس وُہہ وُہر جوان ...... بہٕ ہیکہٕ پننہِ مرضی ستی ووٚنی خاندر تہِ کُرتھ۔

شال: آ......آ...... گونژھ چھے پھچھرٕ...... گوندتہٕ چھےواریاہ آمُت۔

سہہ: گو بُرا ژھوپہٕ کرسا...... یمن ترن نہٕ چانہٕ کتھہٕ فِکرِ...... کیاہ چھُکھ کوکرن موکتھہٕ چھکان۔

سأری: أسی چھاکوکرِ...... چون نیٚچوٕ چھاموکھتہٕ چھکان۔

ہٕوٚس: (لاگان)...... فوتا أسی ہالگوے اَتھ موکھتہٕ دہانس...... گرٕھوٕ پانس......۔

سہہ: (شرارتہٕ سان)...... یہٕ چھُ میون نیٚچوٕ أمِس کاتھہ حقارت کرٕنی گومیٚہ توہین کرٕنی...... چأنٹہ کریوٕ بند...... (سأری چأنٹہ بند کران) میٚہ انہٕ موکتھہٕ تہٕ ازچھُو میأنسےٕ خوٚنس نفرتھ کران...... ہے Director صأب کرحض تیٚمِس رامہٕ ہوٕنِس...... نستہٕ ہٕلِس Interview...... یہٕ وُچھ یہٕ کیاہ ونہٕ۔

رامہٕ ہوٕن: اِدہ تھاوِ ونٕنے...... ژٕ ے یوت چھُکھہٕ زبان دان...... ہم بھی أسٕس منز زبان رکھتے ہیں۔

ہوٕس: مگر یہٕ ونہٕ کیاہ...... أمِس نَے چھینہٕ کتھےٕ تگان کرٕنی۔

رامہٕ ہوٕن: کھوٚتہٕ کھاژٕ وٕنی کلس...... ژیٚے کیاہ چھے...... میٚہ تگہٕ چانہٕ کھوتہٕ زبر...... پکھ کرکیمراہ شروع۔

ہۆس: (مران مران) Action -- Roll Camera - Run Sound.

رامہٕ ہوٗن: بہٕ حض چھُس یێمہِ وننٛک رأچھی در...... بہٕ دِمہٕ پٔننہِ وننہٕ خأطرٕ ہ پٔنُن خوٗن...... بہٕ چیمہٕ خوٗن...... بہٕ چھُس رامہٕ ہوٗن......
(گیٚوان)...... بہٕ چھُس رامہٕ ہوٗن ......بہٕ چھُس رامہٕ
ہوٗن...... بہٕ حض چیٚمہٕ خوٗن...... بہٕ چھُس رامہٕ ہوٗن۔ (پتہٕ
نہٕ فوران کھنٛز تہٕ ٹلان ودان ودان ٹوٗنگ) ووں...... ووں
ووں...... (سأری اسان...... شرارتہٕ سان رامہٕ ہوٗن
ژلان)...........تُم سب چور ہو۔

ہۆس: اچھا وونی کروبہٕ گیٚون والیٚن shoot۔

سأری: shoot ہسا کرکھٕ پٔنٕنس پانس......

ہۆس: اہو گدھے......میون مطلب چھُ Shooting۔

سأری: (خوش)...... اچھا نفس ...... نفس (ہانگل تہٕ سہہ بچہٕ بیہان گیٚون والیٚن منٛز)۔

پۆژز: Camera کُس چلاوِ۔

ہانگل: یا میٚ کریہِ وُنیستام ژھوپہٕ...... ووتھ وونی چھِ یہِ چأنی تہٕ سہہ سٕنٛز کأم۔

سہہ: مگر بہٕ چھُس راز......بہٕ چلاوٕ نہٕ Camera۔

ہانگل: ہرگاہ سیٚوٚدمانیٚوٚ تہٕ گوٚوجان...... نَے تہٕ بہٕ کڈوریٚش ونہٕ منزٲڈٲڈ...... یِم ہساپچھُوٚچیٚوان۔

سہہ: (أمِس أَسَس تھوٚپ دِوان)...... گِندنس پۆٹھ کیا ساچھُکھ اِدٕ ودنس کھسان...... ٹھیک چھُ توہہِ لوکٹہن تہٕ گرٛ ۂِ بروٗنہہ پکہٕ نِک موقعہٕ یُن دِنہٕ...... تُہنٛدِ خاطرٕ ہ لاگہٕ بہٕ پان داوس...... اِدٕ ہ نایزتھ...... سہٕ گواتھن ہُنٛدمل...... (پٔنزِس کُن)...... پکوٚ پٔنزٕ یا مران چھُکھ آسان...... کنس کشان...... (تمہ بنان

(Cameara

روٗسی کٹ: اچھا ووٚنی آو میٚے موقعہٕ...... میٚے اوسٕ توہہِ تھووُمُت نژنے یوت...... مگر میٚے پیٚو پدیاد...... بأتھ کروتمے ستی شروع۔

شال: آ...... ووٚنی چھِ چانہِ نوٚلہٕ چکے یوت باقٕے۔

روٗسی کٹ: ژ ہ پہٕ چھے روپہٕ سٕنز...... ہرگاہ نہٕ میون پدگریٚوٚ شأمل...... بہٕ ژلووُنی ییٚتہٕ۔

ہوٚس: ہا...... ہا...... تہٕ لگہِ نہٕ کرُن...... ژینیٚ جان کوٚرِہَن چھنبھ...... ژینیٚ کیاہ چھے منزے ہسٹر یا گرٛ ہان۔

روٗسی کٹ: میٚے چھِ پَے میأنِس Arts چھوٗتہی یأتی قدر کران۔

ہوٗس: ژِ ونان کیاہ چھکھ ...... چون قدردان چھُس ...... دپھ ییٚتھ شوٗبہِ ڈانسےٚ یوت۔

روٗسی کٔٹ: نہ ہرگز نہٕ ...... میےٚ چھُ رازس پٔپن ہوٚٹ تہٕ ہاوُن ...... تہٕ باوُن تہٕ ...... بہٕ مانہٕ ہونہٕ۔

ہاپت: ہادِس ساونہٕ ...... ووٗنی رٹہِ یہٕ رکھِ پیٹھ وُنکیٚس۔

ہوٗس: اچھا ٹھیک چھُ۔

ہانگُل: ہادِس حض ونہٕ نہٕ ...... میےٚ چھُ پَے یہٕ کمہٕ نبہٕ چہٕ تارٕ ژٹہِ۔

روٗسی کٔٹ: ہانگلو کرٕ شُپہِ ستی واو ...... ینا کالہٕ زنگہِ لگی گرائے ......

ہوٗس: اچھا......Action - Ready(روٗسی کٔٹ ڈال دِتھ)۔

روٗسی کٔٹ:
چھِم میےٚ زأنی ہتی یم سأری راسہٕ کٹھ
چھُس یوان بروٗنہہ کُن یمن اڑان نٹھ
ڈال دِتھ یمن بہٕ چھُس کران پھر ہٹھ
دیار لؤڈ لؤڈ چھُس بران بےٚ مٹھ

(سأری اَسان)

ہانگُل:
رازس بھرٕنی چھی پٔنی چنٕدہ لو لو
کمہِ انہٕ مانہٕ چھُے دیوان پھنٕدہ لو لو

(روٗسی کٔٹ نژان)

سہہ بچہٕ: اَسہِ واڈِ چھُ تراوونہٕ زانٛہہ راز پاٹھ
پننہِ خوٗنہٕ خاطرٕ ہ پیٛٚ تن کرُن فندہ لولو

ہاپت: سون حض وعدٕ ہ چھوے دِموتو ہہِ ساتھ
تُہۍ بامے اسہِ دہِتو رندٕ ہ لو لو

(سہہ زنگن Action کران)

شال: ژٕ ے میون آ گاہ چھُکھ ژٕ ے حض بب
بس حض بھرِ ژ چھُو سائٕنی چندٕ ہ لو لو

(سأری دوٚ تھان تہٕ نژان تہٕ أتھۍ منز چھِ پیٚوان رؤسی کٔٹ )

سہہ: ہیو ...... یہِ کیاہ...... أمِس کیاہ گوٚو۔

ہانگل: یہِ حض أمِس گرٕ ھان چھُ...... گریٛش۔

سہہ: ( یِوان تہٕ ٹلان أمِس )...... میأنی ٹأٹھی ...... یہِ کیاہ گوٕ ے ژیٛنٛ ...... ژیٛنٛ ...... ژٕ کیازِہ نوٚ ژُتھ زیادٕ ہ...... پیٚاہ اَتھ نژنس ترٹھ...... میٛنٛ کوٚرتھ پھر بٹھ ...... ہرگاہ ژیٛنٛ ہیٚو ربوٚ ن کینٛہہ آسی ...... تہٕ بہٕ کھیٚمہٕ ویہہ...... بہٕ مرٕ۔ میأنی ٹأٹھی (محبتس تہٕ مستی منز ونان )۔

ہوٚس: ( ژاس کران )...... رازن کینٛہہ پرواے چھُنہٕ ...... یہِ کیاہ چھِ لوٕ کٹٕ موجوٗد...... یم انن أمِس ہوشس منز۔

سہہ : یمن کتہِ ساچھُ میون ہیوٚ تجربہٕ ...... یم چھِ بچہٕ ...... بہٕ انن یہِ پانے ہوشس منٛز ...... (ہنا اَمِس پتھ وسان) ۔

ہوٚس : (شرراتہٕ سان) ...... رازن ...... بہٕ چھُس تو ہہِ ونان ؤتھیؤ تھوٚد ...... اَسی تراوو یمن پانے ترٛیش ...... تُہنٛد چھُنہٕ یہِ شوٗبان ۔

سہہ : (تراوان) ...... ترٛٹھ پیہِ سامیٲنس زیوٚٹھ آسہٕ نس ...... میٚے چھُ تُہنٛدِ خاطرٕ پننٮن جذباتن ہوٚٹ پیٚوان وُوزلاوُن ...... لعنت ہے یہِ ...... لعنت آکھ تھؤ ...... ۔

(لایٹ چھِ کم گژھان ...... سین چھُ اَنٛد واتان)

❁

(سہہ چھُ آسان تختس پٮ۪ٹھ ہنا پریشان ...... ہوٚس چھُ آسان شرارتس منٛز ...... سہہ ہس پتہٕ کُنی چھِ آسان سجدہ آیہِ باتہٕ کردارزن تہٕ گنہِ بٔنتھ) ۔

ہوٚس : رازن ...... ژیٚے چھُکھ میٚے بارہا ژینہٕ ؤنی دِژمژ زِ ...... اَکِس فردس منٛز گژھِ خودی نہٕ کہِ غورؤ رتہٕ گُمنٛڈ آسُن ...... ۔

سہہ : یُس ژیٚے میٚے اندر گُمنٛڈ چھُے باسان سوٚ چھِ صرف میٲنی خودی ...... ژٕ چھُکھ میون ژھاٹھ ...... نہٕ کہِ ووستاد ۔

ہوٚس: بوز...... دُنیاہس منز چھُ نہٕ کاںٔسہِ تہٕ بُرٕ نفرس پنُن پان غلط باسان...... دپھ یہِ چھُ سماج یُس اصوٗل تہٕ صحیح غلط مُشہٕ خس چھُ کران...... تہٕ تمے کہہ وچہِ ستی چھُکھ ژٕ کھوٚٹ ثأ ژتھ سپد ان۔

سہہ: یہٕ چھُس نہٕ سماجس کھوژان...... میٚے کیاہ کرِ چون سماج...... میٚے چھُ خوداین روتہٕ دیتمُت...... میٚے اندر ژیتس کالس چالأ کی تہٕ طاقت چھُ ژیتس کالس پوشہِ نہٕ میٚے کانٛہہ۔

ہوٚس: یہِ چھُوے ژیٚے وہمہٕ رازن...... ژٕ چھُکھ یژھان زِ چأنۍ غلط اصوٗل پانٕہ ناون سأرے...... یُتھ ژٕ فرعون ہٕندۍ دَم دَکھ...... یُتھ ژٕ یہِ ریٚشہٕ ون شیطان ونس منز بدلاوِ ہن...... مگر بہٕ دِمے نہٕ تہِ ہرگز تہِ کرنہٕ۔

سہہ: ژٕ کُس چھُکھ تہِ کرن وول...... ژٕ چھُکھ میون ژاٹھ...... بہٕ چھُس چون خأ لق۔

ہوٚس: بکواس کر بنٛد...... بہٕ چھُس پننہِ قأبلیژہ ستی ہمیشہٕ بروٛنہہ پوٚکمُت...... یہِ راز پاٹھ چھُکھ میانہِ مشورٕ ہ ستی چلأ وِتھ ہیٚکان...... ریٚش ونس منز یہِ یکت کرُن چھُ صرف میأنۍ جوأنی...... بہٕ چھُس عُمرِ منز لوکُٹ...... مگر عقلہِ منز چھُس چانہِ کھوتہٕ ژبُر...... بہٕ چھُس بہدُری ہُنٛد بتہٕ کھیوٚان...... تہٕ ژٕ قسمتُک۔

سہہ : (زأوِج آواز)...... میٚ چھُـے ژیٚـے ووٕنمُت...... زِ عقلہٕ ہنٛز کتھ
کٔری کٔری مہ آس میٚے گیوٚ رتٔلان...... بہٕ چھُس عقلہٕ والێن نفرت
کران...... صرف چھُ میون وُنن سہی...... بس میون وُنن۔

ہوٚس : پوٚژھ لاٚ وی ہنٛزٕ زبوٕ سہہ ہنٛز کتھ چھِ اَکھتے باسان رازن۔

سہہ : کیاہ...... بہٕ...... بہٕ چھُسہٕ پوٚژھ لوو...... ہیو...... ۂسی کلا...... بہٕ ہا
تارے گرزِ فِکرِ...... ژلوٚ گکھ میٚ بُتھِ...... (اپوز وےٕ ودان)......
ژیٚـے ووٕنتھاہ میٚـے پوٚژھ لوو...... بہٕ ناتراوتھ ووٕنی ہرگز۔

ہوٚس : ژیٚـے پێی...... معاٚفی منٛگٕنی یمن خوفتہٕ پیٚمتێن جانورن...... یمن
ژیٚـے ووٕنتھ بہٕ چھُس تہٕند خاٚلق...... بہٕ چھُس تُہٕند خوداہ۔

سہہ : اِدٕ ہ اپٕز ووٕنمکھ...... ہرگاہ چون خاٚلق چھُس نہٕ...... مگر یمن ہُنٛد
چھُس ضروٗر...... تتھ چھُ نہٕ شکھ۔

ہوٚس : ہرگاہ ژٕ یڑھان چھکھ زِ سون بہٕ یکُت گرٛ ھِ قاٚیم تہٕ داٚیم
روزُن...... ہرگاہ ژٕ یڑھان چھُکھ زِ یہٕ رێش ونٕک ماٚے محبت
گرٛھِ وارے کاڑ کڈُن...... تێلہٕ پێی ژیٚـے توبہٕ کرُن......
ژیٚـے پزٕی پنٕن غوروٗر تراوُن...... یمن شونگِتھ لوٗکن معاٚفی
منٛگٕنی یم چانہٕ ہتی گُمراہ گیہٕ۔

سہہ : ژٕ چھُکھ یژھان زِ بہٕ دِمے ثابت کرِتھ زِ بہٕ چھُس یہُنٛد خالق۔

ہوٚس : یِیمہٕ برونٛٹھ زِمیون قہر ژٹہٕ چانہٕ اپزی خالقی ہنٛدی جامہٕ...... ژٕ تراوتھ بہٕ ننگہٕ کرِتھ...... ژیئے پیٚیہِ پانے توبہٕ کرُن۔

سہہ : میٚے چھِ پَے زِ ژٕ چھُکھ میانہٕ کھوتہٕ ژیٖر...... ژیٚے ستیٚ کیاہ سلوٗک کربہٕ تہٕ نی ژیٚے پانے...... فی الحال ہاوے بہٕ ژیٚے بہٕ کو ہنٛد خالق چھُس...... ژٕ نیر نبر۔

ہوٚس : بہٕ نیرے نہٕ ہرگز تہٕ...... بہٕ کڈتھ ژٕ ے۔

سہہ : تہٕ دِیہٕ وقتے ہاوِتھ...... ژٕ نیر...... تلہٕ سا نیر پننس خوداینہٕ سٕنٛدِ پاسہٕ...... بہٕ دِمے ژیٚے اکھ ثبوٗت...... (ہوٚس نیران...... سہہ پھیران پتھ کُن تہٕ آلو کران شونگِتھ جانورن کُن )...... میانیو خوفتہٕ ہِنٛد رِمتیو...... وسو تہٕ دوستو...... تُہنٛز ہِندرٕ کرِ خوش چھِ میٚے کران...... خوادیہٕ بوٗزِنی تو ہہِ روٗزنو ہمیشہٕ ہِند رِ ہُنٛد امار...... تہٕ سُے چھُ میون زینُن...... ( بڑٕ ہ )...... وُتھیوٗ...... تو ہہِ چھُسو بہٕ حُکم دِوان...... تُہی گژھیوٗ ہُشیار...... وُنکنی چھِ میٚے تُہنٛدِ ہوشیار گژھُنٕچ ضروٗرتھ...... پتہٕ ساوو بہٕ تُہی ہیٚیہٕ...... فی الحال وُتھیوٗ...... وُتھیوٗ ہِند رِ ( ساری ووتھان زن مژھِ ہِند رِ اُچھن مُرن دِوان )۔

سأری: راز ن ...... حُکم کیاہ چھُ ...... توٚہہ کیا زِتلوٚاسی ہندرِ۔

سہہ: (زن تقریر کران) وُنکبس چھُ یتھ ریٚش ونس منٛز اَکھ طوٗفان آمُت ...... اَکھ بٔنیل گوٚمُت ...... حکوٗمت چھےٚ خطرس منٛز ...... تِہی چھُ یژھان زِمیأنی حکوٗمت گژھےٚ ختم گژھنۍ۔

سأری: نہ مہاراج ہرِگز نہٕ۔

رامہٕ ہوٗن: تُہنٛدِس ژھیٚٹِس پیٹھ چھُس بہٕ دوہہ دوہہ کڈان ...... تہٕ بہٕ یژھا زِ تُہنٛد راج گژھےٚ ختم گژھُن ...... ہرگز نہٕ۔

روٗسی کُٹ: بہٕ چھُس تُہنٛدِ بن اشارن پیٹھ نژان ...... میٚ چھُ تُہنٛد امار ...... میٚ پیٚیہِ تُہنٛدِ خأطرٕ ہیہِ ون تہٕ تراوُن ...... مگر توٚہہ ہیٚتھ ستیٖ۔

پوٚژُ: میٚ چھےٚ ہٕسی سِنٛز ہنگہٕ منگہٕ نفرتھ ...... بہٕ چھُس نہٕ پانہٕ کھنٛز ہیٚکان کٔرِتھ ...... مگر تِمس تہٕ دِمہٕ نہٕ برونٛٹھ پکہٕ نہٕ ...... بہٕ توٚہہِ ستیٖ۔

شال: تُہنٛدِ ستیٖ چھُ میٚ یتھ ونس منٛز کھیٚن تہٕ چیٚن بٹان ...... روزٕ نہ خأطرٕ جایہِ وفوٗر ...... بہٕ کتہِ یژھےٚ پٔنُن اٗلی ناش۔

سہہ بچہٕ: میانہِ بوٚ ...... چانہِ ستیٖ چھُم تاج دأری ...... چانہِ ناوِ چ بہٕ ہسا روزمال زیان۔

ہاپُت: میون حِصہٕ چھُ تُہنٛدی ستیٖ قایم تہٕ دأیم ...... ہرگاہ تُہنٛز حکوٗمت روزِنہٕ میٚ کتہِ ترِ پٔنُن حِصہٕ۔

ہانگل: بہٕ جناب چھُس ژلہٕ وِنہٕن برونٹھ برونٹھ ...... تہٕ لارٕ وِنہٕن پتہٕ پتہٕ ...... یُس سہی آسہِ بہٕ تُسۍ ستۍ۔

سہہ: تُہۍ چھُوامانان زِ بہٕ چھُس تُہنْد خائق ...... (سأری قلہٕ ستۍ آنکار کران)۔ صرف چھُس بہٕ سوٗنچتھ ہیٚکان ...... (سأری اقرار کران) ...... ہوٚس چھُ میٚ خلاف بغاوتھ یڑھان کرٕنۍ۔

سأری: کیاہ ہوٚس ...... بغاوتھ۔

شال: مگر رازن ...... سوٚے تُہنْد اَکھ انگ چھُ ...... سوٚے تُہنٛز شکتی چھیٚ ...... بہٕ کیاہ سپُد۔

سہہ: کأڈۍ ڈلنس کوسہٕ تأر چھِ لگان۔

رامہٕ ہوٗن: اَں ...... ہوٗں ...... (اپُنہٕ ودان) ...... اگرزن ...... میٚ تُمۍ سِنٛز جاے میلہِ ہا ...... ہرگاہ بہٕ وزیر بنہٕ ...... بہٕ دِمس آٹھِ نوٗن ...... بہٕ کھیاون میٚژ۔

سہہ: میٚ چھُ باسان وَکھ ووت ...... میٚ اوس چانہِ قأبلیٚژ پٔتھ شکھ ...... مگر ژٕ چھُکھ پزۍ پأٹھۍ وِدوان تہٕ دانا ...... (رامہٕ ہوٗن بےعقل پأٹھۍ اَسان)۔

پوٚژ: ہرگاہ تُہنْد اجازتھ آسہِ ...... أسۍ سأری دِموٗ ہستِس کھکھر ...... زنگہٕ کڈوس ...... موٗل تچھوس ......

سہہ : وارٕ ہ وارٕ ہ سپد تیٚ ...... اَسہِ گتھ لگن عقلہِ وأ لی ...... اَسہِ گڑھن لسنۍ تو ہہِ ہیٚ دِل وأ لی ...... اچھا بۄ زیۄ ...... میٚے چھُ ہُسس جواب دیُن زِ بہٕ کُہنٛد خأ لق چھُس ......بۄ زیۄ وارٕ بہٕ ونو ...... ژیتس تھأ یوٚ زیٚو ...... سأ ری ییۄ میٚے نکھہٕ ...... ( سأ ری گڑھان اندۍ اندۍ جمع سہس تہٕ سہُ ونان لو تہٕ لو تہٕ یمن کیاہ تام ......سأ ری خوش گڑھتھ دۄ ن لأ نن منٛز کھڑا گڑھان ) ۔

رامہٕ ہۄ ن : راج کرِ تاج کرِ ......( سأ ری ) ......سہہ کاک کرِ سہہ کاک کرِ ۔

رامہٕ ہۄ ن : سہہ کاک ...... ( سأ ری ) ......زندہ باد ۔

سہہ : أسی دِموٚ ہُستِس ( ساری ) ......بأ زی لو ۔

سہہ : اڈِٕ ہ ونڈِٕ ہ کڈوس ...... ( سأ ری ) ......کأ ڑی لو ۔

سہہ : ہستی تیا ...... زیٹھِ نستیاہ ...... ولہٕ پکھ تہٕ وُچھ بہٕ کُہنٛد خأ لق چھُس ...... میٚے أ س راے زِ یکوٹہٕ گالو یُہنٛد نیال ......مگر ژٕ لوٚ گے کھنہٕ منٛز وو پُس ...... ( کردار سأ ری کلہٕ بوٚ ن کُن ژٕ ھِتھ ...... ہوٚ س چھُ اژان یمن دۄ ن لأ نن منٛزی تہٕ واتان سہس نشہِ ) ۔

ہوٚ س : بہٕ دِمے نہٕ یمن اشوٚ دکھیاونأ بِتھ ہِند ریاونہٕ ......بہٕ کرکھ یم ہوشیار ۔

سہہ : ژٕ چھُکھ جوان آسہٕ نہٕ سبہٕ جذبأ تی ...... ژٕ کیاہ یمن کُن سنُن ...... پرٕ بتھ وقتہٕ چھُ پی سپد مُت ...... زِ بیٚے عقل لۄ کن ہُنٛد گڑھِ فأ یدٕ ہ تُلن ...... پکھ یکہٕ وٹہٕ وٹو ہرُ د ......مہ کرگا نگل ۔

ہوٚس: میےٚ ییٚتس کالس ہمت چھِ بہٕ دِمہٕ نہٕ ہرگز تہٕ یہٕ سپدنہٕ...... میےٚ چھِ یم ہوشیار کرٕنی ...... ژٕ چھُکھ نہٕ یُہنٛد خائلق۔

سہہ: اچھا...... وُچھ پانہٕ...... (باقٕین کُن)...... بہٕ چھُس تُہنٛد خائلق...... مأ لک...... چھُس نا...... (سأری یِکہٕ وٹہٕ اقرار کران)...... بہٕ چھُس مأ لک تُہنٛد ...... چھُس نا تلاوٕ نیوٚ...... (اکہِ طرفٕ لاین چھِ گُپن آواز کران) شاباش...... بہٕ چھُس تُھنٛد خائلق تلا کو ہنٛد ...... (بیٚکہِ طرفٕ لاینہِ منٛز چھِ سأری خر ٹانگہٕ دِوان)

ہوٚس: اہو یہٕ چھُ بکواس...... یمو چھُ اشوٚد کھیٚو مُت۔

سہہ: (اَسان)...... وونی چھُس بہٕ چون خائلق...... بہٕ ہسا چھُس یمنٕ خرن تہٕ داندن ہُنٛد مأ لک (اَسان)...... گرشھ لگے پنہٕ وتہٕ۔

ہوٚس: ژیےٚ چھے زبان ہلہِ گنٛڈٕنی لایق...... لفظن ہیرٕ پھِر تہٕ ژوٚر کٕرتھ چھُکھ پانس وِدوان زانان...... مگر میےٚ چھُ چون اندریم سرٕ کوٚرمُت ...... بہٕ کرٕتھ از نگہٕ...... از چھُ چون انت...... ازہاوے بہٕ ژیےٚ أنہٕ...... (یوان زن تہٕ أنہٕ ہتھ بروٚنہہ کُن)۔

سہہ: (یکدم شرارت تہٕ کھوڑن)...... بہٕ چھُسے دپان برونٹھ مہٕ پکھ......مہٕ پکھ......میٚےٚ چھہِ أنس ہتی سخ کھٗر......بہٕ چھُس نہٕ أنہٕ وُچھن یژھان۔

ہوٚس: (باقیٚن کُن)......ہو نبند رِمتیٚو تلا اشوٚ دکھیٚون ترأیٚوٗ......تیمِس پرژھی توأخر ژکیا زِہ چھُکھ نہٕ أنہٕ وُچھن یژھان۔

سأری: (ہنا شرارت) آ......آ......رازن......أخر اَتھ منز کیاہ راز چھُ......تُہی کیا زِہ نہٕ أنہٕ وُچھن یژھان۔

سہہ: تُہی کَم چھُوٚ میٚےٚ پرژھن وألی......تُہی چھُ میأنی غولام ......نوکر۔

رامہٕ ہوٗن: ہے رازن کتھہٕ کرکم......أسی چھا نوکر......ییتھ ونس ہے دیُت اَسہِ پٔن خوٗن سکنا ونہٕ خأطرِہ......از چھا أسی نوکر......تم سب چور ہو......بس چھُس بہٕ۔

شال: نہ یہِ گوٚو سأنِس یژتِس دروت دیُن...... اسہِ وَن صاف ژیٚےٚ کیا زِچھے أنس ہتی کھٗر۔

سہہ بچہٕ: ہو......شالہِ کھرٕ پی......ژیٚےٚ تہِ ہیٚرِ تھا کتھہٕ کرنہٕ۔

پوٚژز: ہوسہہ کی پوتی بکواس کر بنٔد......بہٕ کڑے بنٔد۔

روٗسی کُٹ: ہتا ہتا کیہو گوٚوِ تو ہہِ......کتھہٕ لگی وِیمن دوٚن پتہٕ...... دیوٗ کھنا سیٚود دو ہہ دو ہہ کڑنہٕ......اَکھ کڑنو ژھٹہٕ بٹہٕ تہٕ یہِ چھکبھا تتھ موزوٗری۔

ہانگل: ہتے رؤسی پچی ...... گگر لچی ...... میےٚ ہے چھُ پےَ وسہِ کیازِہ چھُے وسان ...... گرٛھی ماری ژٕ یمن ءستیٚ الگ الگ ژھالہِ۔

سہہ: ہو ہانگلا ژیےٚ تہِ چھےَ کتھٕ فوران ...... بہٕ ہا گالوتُہنٛد نیال ییٚتہِ۔

ہوٚس: (باقیٚین گُن) میےٚ چھُ پےَ یہِ کیازِہ چھُ کھوژان۔

سأری: تلہٕ حض اَسہِ تہِ بأوی تو۔

ہوٚس: پتہٕ ماپکیوٗ أمِس پتہٕ پتہٕ۔

سأری: ہرٕگز نہٕ۔

ہوٚس: یہِ چھُنہٕ سہہ ...... یہِ چھُ اپُز سہہ ...... یہِ چھُ ترٕتھ۔

سأری: یہِ کیاہ چھُ تیٚلہِ۔

ہوٚس: وُچھوٗ یہِ کیاہ چھُ (سأری أچھ پھاٹِتھ وُچھان ہٲستِس گُن ...... ہوٚس گرٛھان تہٕ برونٛھ کُنیٚ أمِس سہہ مُسلہٕ تھوٚ دتُلان ...... تہٕ اتہِ پوٚژھ لو ءسٕز کھالِ آسان ...... سہہ روبوٗ د گرٛھان ......سأری وُچھان رژھِ کھُنٛج) یہِ چھُ پوٚژھٕ لو سہہ سُنٛد ءمسلہٕ وٲلِتھ ...... یہِ چھُ سہہ سُنٛد ژھیٚوٹ کھیوان ...... تو ہہِ ژوٗ رِ ژوٗ رِ موگُر کھیٚوان ...... أمی گرنو دوہے تُہی پننہِ غرضہٕ خأطرٕ ہ استعمال (سہہ بچہٕ گرٛھان تہٕ مأرِس ءستیٚ نالہٕ موٚت کران) میچھٕ زبأنیٚ ءستیٚ چھُو فساوان ...... اپُزٕ بن تہٕ مکار خوابن منٛز چھُوٕ ساوان ...... أمی دیُت ہمیشہٕ اَسہِ دھوکھٕ تہٕ فریب صرف پننہِ سوکھٕ خأطرٕ ہ ...... یہِ چھُ وأجبُل قتل۔

سأری: (زن ہوشش منز یوان) گویہِ اوس پوژھِ لو......اپزی یور......
رێش ونٛگ چور۔

پۆژ: ہو پوژھِ لایا......یہِ کھێیہِ تھاسہِ نتھ......ولہِ سامسلہٕ والے۔

رامہٕ ہۆن: یہٕ کڈے اَکھ ڈھنگ شونٹھ ہیٚؤ...... کھیٚنے کھیٚنے ہا چھکھ
وٹھیومُت۔

شال: یہٕ تہٕ دپان تتھ گریزِونی آوازِ کیازِہ اوسےٕ منزے پنچر
گژھان۔

ہانگُل: (نعرِہ دِوان) پۆژھِ لو گۆ ونگہٕ...... (سأری واپس جواب
دِوان)...... ہنگہٕ تہٕ منگہٕ......(تریہِ پھِرِ)...... تہٕ أتھی ستی
semi circlesمنز سہس انڈی انڈی جمع گژھان)۔

ہاپُت: یہٕ ہا کڈٕ ہا أمِس اَکھ چٹھ...... ہیو مانچھ گنکٕ گن ہا اوسُس
حاضِر تھاوان......یہٕ ہا کڈٕ ہا أمِس سورےٕ مانچھ وسہِ منز
واپس......(لالچی نعرو)۔

ہانگُل: یہِ ہا اوسِ سأنِس ہُسی کاکُن پیہمُت کھێوان......یہٕ دِمہٕ ہس
اَکھ ہنگہٕ ترُک۔

رامہٕ ہۆن: میٚۓ گژھان متھ یہٕ دِمہٕ ہس ہُٹس دام۔

شال: بہٕ ناتراون نہٕ ......سہہ پۆت ...... یہِ چھُ میون شکار۔

پۆژز: تلہٕ سایہِ سہہ بستہٕ نیُوس تہٕ بہٕ نمہٕ ہاگرٕ پٹِن۔

رۆسی گٔٹ: ہتامیہٕ چھُ توتہِ أمی سُند امار......وُچھوٗ کیُتھ چورتہٕ فیور ہیوٗ چھُ باسان۔

ہانگُل: ژیہٕ چھِنے أمی تأویزٕ گرٕمتی ...... بہٕ ژٹے ٹوپ...... چھکھ نا وُچھان أمی کأتہِ ہس کالس بنأی أسی چأری۔

ہۆس: میون مشورٕہ چھُہٕ یہِ زِ یہِ گوٚو برادری منٛز نبر کڈُن ......أمِس ستی گوٚو ترکہِ مولاتھ کرُن ......أمِس کُن گژھِ نہٕ کانٛہہ وُچھُن تہِ۔

پۆژز: أسی تراون نہٕ یہِ ہرگزتہِ زندہ......امہِ ہیژ اسہِ وُنیک تام نبتھ۔

شال: أسی تراوس لتہٕ لور کٔرتھ۔

رامہٕ ہوٗن: بس ازچھُ أمی سُند انت......وون بچہٕ نہٕ یہِ ہرگزتہِ۔

ہانگُل: تیٚلہِ کتھ چھِ أسی پیاران۔

(سأری أمِس اندی اندی پھیران...... اَتھِ زِ تھوٚ دتِلتھ تہٕ پتہٕ تیزان پکُن......تہٕ أخرس پیٹھ سأری اَتھِ رلأوِتھ أمِس تہِ سہہ بچس مأرن ہیٚوان...... رۆسی گٔٹ الگ روزان تہٕ سہہ کران بچس تھپ......تہٕ ثلی کنہٕ یمن ژلان تہٕ یک دم کربکھ دِوان)۔

سہہ: گُری تہٕ گُپن رٔٹیٚوٕ ...... میےٚ تہِ اُکھ تھٲیٕو ...... ہو...... ہو...... ہو۔ (تہٕ اُتھ ستۍ وینگہِ کٕنۍ ژلان ......رٕوسۍ کٔٹ تہِ ہیٚوان پتہٕ پتہٕ نیرُن مگرتس ہانگُل تھپ ژٕھنان ...... سٲری وُچھان یہِ کوٚت گو ...... پتہٕ تیٲری پتہٕ سیٚدان یپٲری سہہ درامُت چھُ آسان گبوان گبوان)۔

پوٚژنز: ژوٗل ہاتہٕ ژوٚل ہا۔

باقۍ: پٲژ پانے گوٚل ہا۔

رامہٕ ہوٗن: ژوٗر گوٚونگہٕ۔

باقۍ: ہنگہٕ تہٕ منگہٕ ...... (اکہِ دوٕیہِ پھِری ونان)۔

light off



(سہہ بچہٕ تہٕ سہہ آسان ووداٗسۍ اٗکِس Spots پٔتھ تہٕ باقۍ وارٕہ وارٕہ نیران بڈِس Spots پٔتھ اٗمِس ژھانڈنہِ ...... Stages چھِ لایتہِ ستۍ زٕ حِصہٕ گژھان بوڈحِصہِ باقین یپٲری riser چھُ آسان)۔

ہانگل: (بڈٕہ کریکہِ دِوان) نوِس رازس مبارک (سٲری ونان پتہٕ پتہٕ)

ہسٕی کاکس مبارک

اٗسی حض دِموتو ہے ساتھ

چھِ نہٕ اٗسی حض بد ذاتھ

ییٚنہٕ حض ہاٗیوٗ تارکھ

ہسٕی کاکس مبارک (مایمس منز کتھ کران لایٹ ڈِم گژھان تہٕ سہس تہٕ سہہ بچس چھِ light زیادہ...... سہہ تہٕ سہہ بچہٕ ٹُلان وُدن...... مگراپزٕ آیہِ)

سہہ بچہٕ: ہا ببو اٗسی ہا تراٗوِکھ لرِ تاپس...... اٗسی حض بیہناٗوِکھ پیٹھ خاکس۔

سہہ: میانہِ ٹاٹھیہِ یہِ اوس دَلیس کرُن زِ اٗسی ژٕ ھٕنٛز ننگہٕ گٕرِتھ۔

سہہ بچہٕ: بباٗ اٗسی ہے اٗسی یمن تھٕنٛز گٕرِتھ نبتھ ہوٚان...... سأنس گگس اٗس یہند ےٚستی ییٚج پاکس کھسان...... وونی کیاہ بنہِ...... ہے افسوٗس۔

سہہ: بنگہِ گُس دِیم اٗنِتھ...... اشوٗ دکھبتھ ہندر رٕکتھ کرِ خوداہِ۔

سہہ بچہٕ: اٗمی چاٗنی اشوٗ دی کھیٚنن اوٚن سأرسے واٗ زالہٕ۔

سہہ: ژٕ تہِ ہے اوسکھ ژوٗرِ ژوٗرِ کھیٚوان...... ژیٚنے چھیہِ پَے مینے چھبنہٕ خبرٕ ے......

سہہ بچہٕ : اِدہ بہٕ اوٗسس ...... بہٕ اوٗسس منٛزہ منٛزہ کھیوٗان چانٛنی پاٹھی اوٗسم نہٕ اَتھی پیٹھ کمر گونڈ مُت ۔

سہہ : بکواس کر بنٛد ...... مالِس چھُکھ بُتھِ لگان ...... بہٕ دِمے شاپھ ۔

سہہ بچہٕ : چھُکھ ناژ آسمانُک فرشتہٕ ...... کھرے دُعا آسہِ ہے پنٛنی ژرکاسہِ ہے ۔

سہہ : دپان چھُسے نامیٚے مادِتیش ...... بہٕ ہا کڈے اول وانگُن نوٚن ۔

سہہ بچہٕ : شُرِس ییٚلہِ مالِکی سُنٛد پھیٚرن برابر گژھِ تٔمِس گژھِ نہٕ بُتھِ لگُن ۔

سہہ : بکواس ( نکھہٕ پکان ) ...... بہٕ کڈے تھاپر ۔

سہہ بچہٕ : ( نکھہٕ یوان ) ...... توتہٕ کڈِتھ نہٕ ...... پتے چھےٚ اِدی میانٛنی پے ۔

سہہ : (سہہ ٹانگ دِوان ) ......

سہہ بچہٕ : نہٕ پوژھ لاٗیوٚی ٹانگ دِہ ...... ( پانہٕ تہٕ ٹانگ دِوان )

سہہ تہٕ ٹانگہٕ دوان ...... اکہِ دوہِ پھِری ...... یک دم اَکھ اَکِس کُن نکھہٕ یوان زن تہٕ لڑاے کرن )

سہہ : بچا آسہِ پزن پنٛنی ذاتی اختلافات الگ تراوِنی ...... وُنکیٚس چھُ مُلکس یعنی ریٚش ونس منزاَکھ طوٗفان آمُت ...... وُتہٕ بُنیل گوٚمُت ...... لہٰذا چھُ اَسہِ بأے بندوٗت قایِم کرُن ...... یِم دہشت گرد پأدِہ چھِ گامتی ...... یِم بأگی نبہٕ دراٰمتی چھِ تہٕنٛد چھُ مقاملہٕ کرُن ...... تِمن چھِ تبر واتنی ۔

سہہ بچہٕ: دوپہٕ دِاَتھ دیکِہ ھانڈ...... ژرۄُدُکھ نہٕ سہہ ژ چھُکھ پوژھ لو...... چاۄنی ذاتھ درایہ نٕژ۔

سہہ: مگر...... بہٕ چھُس سہہ...... تہٕمو وُچھ غلط...... تمن لوگ بڑم بےٚ چھُس سہہ تہٕ (اپوزُے ودان)...... بےٚ چھُس سہہ...... پزے چھُس بہٕ سہہ۔

سہہ بچہٕ: لۄکن دھوکہٕ تہٕ پھنڈ کرُن...... تمن اپُز وُنن چھُ سہل...... مگر یُس پاۄنی پانس دھوکھ دیہِ...... سہُ نہ چھُ رازٕ تہٕ نہ کانٛہہ ذاتھ...... سہُ چھُ بیٚوقوف۔

سہہ: مگر بہٕ چھُس سہہ...... یہِ کتھ چھِ پزٕ۔

سہہ بچہٕ: ولِہ پکھ بہٕ ہاوَے شیشہٕ ژ کیاہ چھُکھ۔

سہہ: بہٕ وُچھ نہٕ شیشہٕ...... بہٕ وُچھ نہٕ شیشہٕ...... سہُ چھُ اپُز ہاوان...... نیۄل وۄزُل ہاوان...... میٚے چھِ شیشہٕ وُچھنس ستی سکھ کھُر۔

سہہ بچہٕ: اچھا...... کاڈبن ہیمو کاٗم...... ملالہٕ تراوو...... تہٕ اَکھ کوٗشش کرور ۄ زٕ ہمتی واپس اننکہٕ۔

سہہ: ہاں عقلِہ ہنٛز کتھ کرِتھ...... میانہِ ٹاٹھیہِ (ودان)...... بہٕ کیاہ بہٕ چھُس لوسوٗن افتابہٕ...... کینژھس کالس روزٕ زِندہ ہ تہٕ وتہٕ اُچھ...... بہٕ چھُس سورُے کینٛہہ چانہِ خاطرٕہ کران...... سورُے چانہِ باپتھ سومبران۔

سہہ بچہِ: پکھ لگو کامہ.........

Light چھِ پٕٹھ باقیٚن تہٕ......light dim)ِ
تیزان...... ہوٚس آسان تخٕتس پٕٹھ بہتھ...... رامہٕ ہوٗن
ذٕچھنی تہٕ پوٗنژ کھوٕری ...... باقےٕ پتھٕرِس پٕٹھ تہٕ أتھی منز چھُ
ہوٚس ونان)۔

ہوٚس: اچھا جناب رامہٕ ہوٗنی صاب پوٗنژی کاک تہٕ بیترِ صأبو ووٗنی
سپدِ کاروأیی شروع۔

رامہٕ ہوٗن: (ووں ووں کران......خوش گژھِتھ تھوٚد ووتھان)...... بایو تہٕ
ڈُلہٕ کوٗٹس پٕٹھ بہتھ بیٚنیو ...... بہٕ چھُس خوش زِ بہٕ بنوٚس توہہِ
وزیر...... میٚے تہٕ پنٕژِس پٕٹھ یُس بار توہہِ ترووٕ......انشااللہ سہٕ تُلہٕ
بہٕ خأطرِ ہ زالوأسی أچھن ہُند گاش ژانگہِ بدلہٕ......یہ سہہ اوس
پھنٕد باز...... یہِ اوس نہٕ زانٕہہ میٚے کتھے دِوان کرنہٕ...... پنٕنو
بو ہتانوٚ ستی کروبہٕ تُہہ مالا مال...... پنٕنہِ کلامہِ فاشہٕ ستی بھروبہٕ تُہنٕز
یٕڈ......شُکر ازآو موقعہٕ گتھ کرنس۔

شال: چون ژھوپہٕ کُرتھے بہُن جناب اوس ٹھیک ...... کیازِہ چانہِ
کتھِ چھِ آسان قأبلیٚس ٹاٹھک پَے وندہیوٗ۔

رامہٕ ہوٗن: شالہٕ پوٗتیا میٚے ماکھال جکھ......بہٕ تُلے پتہٕ سأری سےٕ پھکس
ووٗرن......بہٕ چھُس ووٗنی تُہنٕد زیٹھ۔

شال: چون زیٹھ آسنہٕ سببے پیوٚ اسہِ یہِ زہر پیالہٕ چوٚن ...... نتہٕ کتہٕ شوبہٕ ہٕکھ ژٕ اتبتھ۔

رامہِ ہٕوٗن: (شرارتہٕ سان) میٖنہٕ چھُ پَے ژیٖنہٕ چھےٚ اندٕ ری ریہہ ...... بہٕ کیازِہ ووتُس یوٚتھس ...... تُم سب چور ہو...... (پتھر بیہان)۔

ہوٚس: ہے ژٕ ٹھ حض گتھ ...... اچھا جناب پئژری صأب تو ہہِ چھا کینٛہہ وُنن۔

پوٚژر: نہٕ جناب خاص نہٕ کینٛہہ ...... البتہٕ اَکھ شأعر پیوم ژیٖتس ...... عرض چھُس کران ......

مفت کی پی تھے مَے اور جانتے تھے کہ
رنگ لایے گی ہماری فاقہٕ مستی ایک دن

ونگ مطلب چھُم یہ زِیہِ محنتُک اشوٚ دگوڑ ھ جأری روزُن ...... یہِ گوٚ ژ ھ نہٕ بنٛد گژھُن ...... پتہٕ یپأری میٖنہٕ رز گرِ یوٗ تہٕ تپأری ...... بہٕ گوس ہوٚسی کاکُن نوکر...... (پتھر بیہان)۔

ہوٚس: شالہٕ کاک تُہنٛز دانأیی ہِندی چرچہٕ تہٕ تأریف چھِ سأری سےٚ رێش ونس منٛز ...... سیأسی پیٚشن گوٚیٚن تُہنٛزن جناب چھُ نہٕ کانٛہہ جورٕ ہ...... تو ہہِ ماچھُ کینٛہہ وُنن۔

ہانگل : ہنٛہہ سیأسی مُفکر...... یہِ جناب چھُ اخبار پران ...... پتہٕ اوس محفلہِ منز تِی ونان ...... توہہِ اوٚسوٕ باسان یہِ چھُ مفکر...... ژکہِ پھرٕ الہٕ ...... پانہٕ تہِ ماچھٕو زانٛہہ اخبارس تھوٚکھ ژھنان۔

شال : خأرمہٕ وَن أمِس کینٛہہ ...... یہِ چھُ لوکُٹ بچہٕ وُنہٕ ...... میےٚ تہِ حض چھُنہٕ تگان تقریر کینٛہہ کرٕنی ہٕسی صأب ......بس میون گوٚو یورُکن تژ کرِ پوٚتُر گژھِ توٚری کُن دَوتراوِنی ...... یہٕ چھُس ہاپٕتی کاکس گُنٛدأرِس کران زِتمی چھِ لفظن ہِنٛدی جودٕگر...... ووٕنی کرن تمِ اَسہِ بروٚنٛٹھ کٔنٛزِ زرہٕن خیالات پیش۔

ہاپُت : (ہا...... ہاہاہا......) بیٚتہِ پانہٕ ہٕسی کاک آسہِ ......تتہِ کیاہ چھُ اَسہِ فرماوٕنٛچ ضرٗرتھ...... سأنی گٔیہِ تٔتھس وِدوان تہٕ ذہین نَس تھی گانگل کرٕنی ...... بس چھُم اَکھ کتھ وَنٛنی ...... سہٕ گوٚ زِہ واریاہ کال گوٚسہٕ کاکس اکہِ Dinner پرٛبنٛد کرنس...... أسی چھِ یمن عرض کران زِ اَکھ محفلہِ ڈِنر گژھِ کرنہٕ یِن ......آمین۔

(سأری ژرِ پوٚپ کران ...... Light دٕشوے طرفو ہٕشی گژھان تہٕ تام چھُ سہہ بچہٕ مایمس منز رٕوٚسی کچہٕ ہاوان یوٚری ولہٕ ......سہٕ اورٕ یورٕ چھان تہٕ ونان ......۔

رؤسی کٔٹ: یہِ کوٚت گژھ...... یہِ کیاہ گرِ...... اکہِ طرفہٕ چھُم مایہِ بوٗرت جانانہٕ...... کٹہٕ چشمو وُچھان...... میأنی لولن چھےٚنس سأرسے بدنس ہرِدٕنی ژھٹ کڈٕمژ...... بیکہِ طرفہٕ چھُم پونسہٕ...... تہٕ تِھےچھیٚسکھ نژٲن ڈال دِوان...... تہٕ لوٹو ستی چھم مالا مال کران...... چأری بچأری...... اَکھ اَچھ ناٹھ چھُسکھ کران ادِہ رٹنہٕ چھِ نہٕ یِوان...... اکھ چھُم انان سوٗٹھ تہٕ بیٚاکھ بوٹھ...... اَکھ گرٕ تہٕ بیاکھ شال...... مگر از چھُم امتحان...... ہائے...... ہائے...... بلایہِ روپیٚن...... روپیہِ کرِ یہِ یمن نِشہِ تہِ وصوٗل بیہِ چھُم اتہِ لول پیاران...... یہِ ہا آیہِ سَے۔

تام چھُ ہیٚوان سو سہس گُن گژھنہٕ...... مگر یپأری یم چھِس سأری سہس بغأر Circles منز رٹان...... سو چھِ پریشان گژھان تہٕ پتہٕ یکدم زن چال سونچان...... باقے کردار چھِس أندی أندی گتھ کران...... گوڈٕ ہ وارٕ ہ وارٕ ہ نژان تہٕ پتہٕ تیز ان...... رؤسی کٔٹ تہِ چھِ نژان مس پریشان گرِتھ۔

رامہٕ ہوٗن: یلہٕ ماہو...... یلہٕ ما...... یلہٕ ماہو...... یلہٕ ما۔

سأری: اسہِ نشہِ ژٕ ژل ما...... اسہِ نشہِ ژٕ ژل ما۔

پوٚژ: یلہٕ ماہو یلہٕ ما۔

سأری: اسہِ نشہِ ژٕ ژل ما۔

ہاپُت: أسی بھروے ژیٚنہٕ ہلہٕ ما۔

سأری: یلہٕ ما ہویلہٕ ما......(پتہٕ سأری ونان بِکوٹہٕ)

سأری: یلہٕ ما ہویلہٕ ما......یلہٕ ما ہویلہٕ ما۔

نژان تیزان تہٕ رٕؤسی کُٹ أکِس دکہِ دِوان ...... سأری پتھر پیٚوان ...... رٕؤسی کُٹ خوشِ گژھان ...... تہٕ اپور تران ...... تمہ خوش گژھان ...... باقۍ وُ دأسی تھکمتی تھوٚ دوو تھان ...... تہٕ وُچھان روزان۔

سہہ بچہٕ: اَکھ ...... اَکھ ...... اَکھ ...... ووٚنی لگہِ نہٕ ...... تأر ببو وُچھتھا ووٚنی میون کمال تہٕ جمال۔

سہہ: پاگل ...... أمِس سولن ڈأجِھ ٹنگہٕ ...... أمی سُند یور ترُن گسوٚ کمال گوٚو ...... یہٕ أس اکہِ أچھ ناٹہِ ہٕنٛز۔

سہہ بچہٕ: گوٚو ژٕ تہِ چھُکھ أمِس ستی ہوں ......

سہہ: بکواس کر بنٛد ...... بدل کانٛہہ وَتھ ژھانٛڈ ...... ہاں ...... خیال آو۔

(سہہ ژلان بوتل تہٕ زن چرٕ سہٕ گھاسہٕ تہٕ ہاوان رامہٕ ہؤنِس ...... تِمِس آب یِوان تہٕ باقین گُن وُچھان ...... تہٕ وارٕ وارٕ پکان سہہ ...... ؤ رِس گُن ...... باقۍ أمِس تھپ کران ...... مگر سہٕ ژلان وارٕ وارٕ ...... سہہ تہٕ سہہ بچہٕ ہاوان پکھ تہٕ أخرس پٮ۪ٹھ سہٕ تران سہہ ؤ رِس گُن)۔

سہہ بچہٕ: شاباش پننس رامہٕ ہوٗنس ...... شاباش ...... میٚ اَسی ژیٚے پیٹھ یہے وومید ...... میانہِ بابہٕ۔

(سہہ بیہان روٗشتھ رامہٕ ہوٗنس ...... رامہٕ ہوٗن اَمِس منہٕ ناوان)۔

سہہ: گرٛھوٗبہٕ ناکرنہٕ ژیٚے ستی گتھ۔

رامہٕ ہوٗن: میانہِ راز ...... میانہِ مہاراجہٕ ...... چانہِ بغأر اوسُم بخوداہ دُنیاہ دازان باسان ...... سورُے اوسُم باسان نارٕے نار ...... میٚے رٹھ پننس پھرِس تل ...... میٚ دِ پھہہ ...... میٚے دِ اشوٗد ...... میٚے دِ چلم ...... میٚ وون نہٕ ژیٚے خلاف تمن زانٛہہ تہِ کینٛہہ ...... لس اَچھ پننٛز وٗستھ تیمی چون کینٛہہ وون ...... دپھ بلایہِ اَمِس ہُستِس امٕے کڈٕاسہِ کل۔

سہہ: اِدہ سابہٕ کھیاوَتھ ژٕ اشوٗد ...... مگر باقٕے رِکتھٕ گنٛی ہِن ...... کینٛژھا کمال ہاو ...... بہٕ بناوَتھ ہسی سٕنٛز جایہِ ژٕے جانیشن۔

رامہٕ ہوٗن: اِدِ میٚ کیاہ فأیدہ آو ...... بہٕ اوسنس تمی پنٛن جانشین بنومُت۔

سہہ: اشوٗد ماوسے دِوان۔

رامہٕ ہوٗن: آ ...... بس حض بس ...... بہٕ روزٕ تُہنٛد نوکر بٔنتھ ...... بہٕ آسہٕ ڈُوان مگر یہِ اشوٗد۔

سہہ : ٹھیک چھُ باقٕے اَنِ گیہِ چأنٛی کأم......۔

رامہٕ ہوٗن : راز ن فِکر مہٕ کر......تَم شأڑی تارکھ ہا وَ کھ سأری پکہٕ نوٚ پتہٕ پتہٕ ۔

سہہ : گرٛ ھٕ ژٕ لسُن ......نوٗن ......تھَدُن ......تہٕ زٕ ٹُھن ۔

(رامہٕ ہوٗن گرٛھان تہٕ کنٛس منٛز پٔژرِس کیہتام ونان ......سہٕ گیٛران گیٛران پکان رامہٕ ہوٗنس پتہٕ پتہٕ ......تہٕ تام شال تہٕ وُچھان پٔژرِس ......سہٕ تہٕ یمن پتہٕ پتہٕ پکان ......تہٕ تران سہہ ڈٕرِس گُن )

سہہ : ہا لگہٕ ہووا بلایہِ ...... یہِ گیہِ گتھ ...... باقٕے اوٗألی موألی یِن پانے ...... ( ۂسِس گُن ) ...... رٹھ میأنٛی کانٛگر وُچھ میأنٛی ٹٔکھ ......ژیٚے چھیا رأے زِ ژٕ کرکھ میٚے خلاف بغاوتھ......تہٕ پتہٕ کرکھ پنٕش ٹوپو رژھ تھیٚے راز پاٹھ...... لوٗٹھ ہا آسہِ ......سہٕ چھُے برہم ۔

ہاپُت : ہانٛگل یارا...... پکوٚ پارا...... نتہٕ ہا گرٛ ھِ مارا...... باقٕے کرن اپارِ عأش......تہٕ أسی کیاہ کرو تیٚمِس ۂسی کاکس ستی ۔

ہانٛگُل : وُچھوٚ ہا پتا......ہُم چھِ موقعہِ پرست......خبر کیاہ لالچ دِژنکھ سہہ ہن ...... تہٕ اصلی مقصد تراوکھ أتی ...... أسی ہا چھِ تیٚمِس ستی ٹھیک ......ووٚتنگ کرو......تہٕ ہُم پاوو کھ لأرہِ ۔

ہاپت: وُچھ کیاہ چھُکھ دُہلی خواب وُچھان...... یورکُن واو آسکھ وُچھان...... توٚرکُن گرٛ ھِناوتہٕ تراوِنی ...... چارِ۔

ہانگُل: مگر میٲنؠ کیاہ ساچھُ نہٕ دِل پڑان ...... چوٚنکہِ ہٲسی کاکھ روٗد گٔنِۍ لہٰذا چھُ جان ژیٚۓ ستی پکُن ...... یہِ کیاہ کرِ گُنِۍ زوٗن بچور۔

(تہٕ ہیٚوان نیرُ ن)۔

ہوٚس: (پیٹھے تھپ کران یمن)...... ہانگُلا ژٕ تہِ گرٛھکھ میٲنؠ ترٲوِتھ...... یمن ہرگاہ اشوٚد کھیٚنس حاٲل چھِ مگر ژٕ ہےَ اوسُکھ ونان یہٕ چھُس پزرس ساتھ دِنہٕ وول۔

ہانگُل: میانہِ دِل کہِ رازٕ ہ میون دِل چھُ ژیٚۓ ستی ...... چاہیے یہٕ کتہِ تہِ آسہٕ مگر میٲنؠ چھُ باسان اٗسی زٕ ہے ہیٚکو نہٕ کٔہنٛی تہِ کرِتھ...... ژٕ گوکھ خراب تہٕ میٲنؠ کیازِ ہ کرکھ پانس ستی ......اچھا خدا حاٗفظ۔

(نیران تہٕ تران اپور...... سہہ تہٕ باقٕی سٲری خوش گرٛھان تہٕ گیٚوان)

کیاہ کرِ آسے زٕ ہٹھ نس
لوٚگمُت چھُ تِمس پرس
گُنِۍ روٗد تےٚ گُنے روزِ
دیُت ہا سا تِمس شکس
ؤنی یور چلیس نہٕ کانٛہہ ژھل
رازٕ سون روزی سہےٕ بس

(ہوٚس گوڈٕ ہ وو پداٗسی پتہٕ ونان)

ہوٗس: ساڑہِ ریٚش وڑہ کٔمن بسکپنن اَس دوہے اَچھن پٔٹ گنڈِتھ...... یمن پوٗ زوٗنن یاہاوٗن چھُ ہاوَن واَلی سےٚ دارس کھالان...... چلو اَسی تہِ رِندوس اَخری داوٗ...... (پتہٕ انان گھاسہٕ تہٕ بوتُل تہٕ ہاوان اپور کُن ...... تِتھے تم وُچھان ...... تہٕ یکدم تراوان سہس اَتےٚ تہٕ یوان ہسی تِس کُن ۔ (سہہ ناراض گژھان تہٕ ہوٗس خوش)

ہوٗس: بایوسون مقصد چھُ نہٕ اشوٗ دےٚ یوت کینٛہہ...... یمہِ مقصدٕ تہٕ کامہِ خاَطرٕ ہ اَسی یورآیہِ سہٕ مہٕ کٔریو تُہی پننہِ غرضہٕ خاَطرٕ ہ برباد...... یہٕ چھُسوتو ہہِ گُلی گنڈ ان ۔

ساَری: اَسی حض چھِ صرف تو ہےٚ ستیٚ ۔

سہہ: ہے کیاہ گوم ...... یم نہ چھِ یورِ کی تہٕ نہ اورِ کی ...... مگر یہِ چھُ نستہِ ہُند سوال ...... لہٰذا چھُ یہٕ زٕیڈ برٔنگ انتظام کرُن ...... (سہہ بچس کُن) ...... پوٗ تراگتھ بوزٕ ۔

سہہ بچہ: ہتاہ ببا ...... کمن ہِندِ خاَطرٕ ہ چھُکھ ہسی تِس ستیٚ موژکری موٗلی ہیوٗان ...... بےٚ عقلہٕ دوستہٕ سٕندی کھوتہٕ ہا چھُ عقل مند دشمنےٚ زبر ۔

سہہ: سہہ پوٗ تیاہ دم کرٕ ...... یہِ گیہِ سیاست ...... میےٚ چھِ اشوٗ دکھٕتھ وُنکبس عقل تربچہٕ تربچہٕ کران ...... ژٕ وُ چھ میون جمال ۔

(ہنا لایٹ کم گژھان ...... تام چھُ سہہ یِمن اشوٗد ہاوان تہٕ ساری چھِ اُمِس اُتی تراوان تہٕ ژلان سہہ ہس کُن )

یکدم چھِ لایٹ کم گژھان تہٕ Spot لایٹن دوٚن منٛز چھُ اکہِ طرفہٕ یوان سہہ بیٚکہِ طرفہٕ ہوٗس ...... شال ...... ہاپت ......

...... پوٗژ ...... رامہٕ ہوٗن ...... سہہ بچہ ...... روٗسی کٹ ...... چھِ زن تہٕ دوران آیہٕ Still دِوان سہس کُن ...... تہٕ ہانگل دوران ہُسس کُن )

سہہ : یوٚ تام میٲنۍ عقل میٚے ساتھ دیہِ توٚ تام روزتھ بہٕ ژٕ ناکام کران ...... چٲنۍ رفتار کرٕ بہٕ پننہِ چالاکی ہنٛدی speed Breaker سٟتۍ ختم (اَسان)۔

(ساری سہس کُن پھیران تہٕ ونان ......)۔

ساری: جناب اَسہِ کیاہ حُکم چھُ۔

سہہ : تُہۍ روٗزیوٗ کھیٚنس چیٚنس منٛز مست ...... تُہنٛز مستی سٟتۍ چھِ میٲنۍ ہستی ...... (ساری زن کھیٚوان چیٚوان تہٕ کٲم کران )۔

ہوٗس: ( کُنہِ زوٗن روازن ...... باقیٚن سارنہِ پیٹھ لایٹ کم گژھان ...... ہُستِس پیٹھ زرد لایٹ پیٚوان ...... spot گاش۔ سہٕ وارٕہ وارٕ گاشس کُن پکان )۔

ہوٚس: ییٚتھ وأنا کھ تہٕ انہِ گٹہِ ونس منز میون آسُن نہ آسُن چھیٚے کُنی کتھاہ...... سوزنہ لو منزی خأب لولہِ لولہِ ناونس پیٚو اچانک ڈوٹھ...... (ودان) ......انہٕ ہأری لولس متیپہِ ہٕری شہِ مُتی ہوٚس...... پانژألی کاومتیأیمن روپہٕ ارمانن...... وجہِ واون ناو پھاٹنأوِم منز سَرس...... تمہُک سریہٕ لؤسُم...... صُبحس شام گوم...... کتہِ بوزِ دٕے میون...... میٚیٚ تہِ دیہٕ تار۔ (ہنا شراتہٕ سان)......بس......سبٹھاہ گوٚو...... یمہِ فراٹُچ تریش یزپدن چیٚنژ آسہِ تتھ منز گوتہٕ دیُن چھُنہٕ آسان...... نہٕر پانہٕ ......ول سفید جامہٕ تہٕ گژھ ہُپأری ہپأری ...... دؤرشینہٕ سنگرو...... تہٕ سنگ لاکھ کٔنیو پٔتی غاب...... ییٚتہِ کانٛہہ وُچھی نہٕ کأنسہِ درٕتھٕی گژھکھ نہٕ...... بس آسہِ اکھ ژھاے......صرف ژھاے۔

(نیران وتہٕ وتہِ کُنہٕ زؤن light follow کران تہٕ ستی Artists ونان) بُدھم شرنم گژ چھامیٚے...... بانگ گژھان......پھُٹہٕ متیو کوٹھیٚو وِنگہٕ کنی غاب گژھان......سہہ درٕکی ذٕری خوش گژھِتھ بانگہٕ ڈاکران)۔

أتھی ستی واتان ڈار ماند







# ٲرفہٕ یگہٕ

کردار:

۱۔ بُڑ مسخرٕہ

۲۔ لوکُٹ مسخرٕہ

۳۔ جن میے جے

۴۔ سأتھی

۵۔ تِکھیوک

۶۔ منیجر

۷۔ نأیِب

۸۔ اِندر

۹۔ لڑکی

۱۰۔ گور

۱۱۔ سیکریٹری

۱۲۔ لیڈر

۱۳۔ نفر

۱۴۔ واسوکی

۱۵۔ برت کارو

۱۶۔ تہٕ بیٚیہٕ کینٛہہ نفر

سرفہٕ ییگہِ

(پردٕ چھُ ووتھان ...... تہٕ Stages پیٹھ چھِ ترییٚ set نظرِ گژھان ......
دٕچھِنۍ کنۍ stage کہِ چھُ اکھ Symbolic set ییتھ اَکھ ناگ یعنی
سوٗرُف چھُ بنأوِتھ ...... منٛزس یُس Set چھُ اتھ پیٹھ چھا اَکھ شأہی تختہٕ آیہِ کُرسی
پینٹ کُرِتھ ...... تہٕ ترٛیم set یُس کھوٗرِ طرفہٕ چھُ تتھ چھیٚ ماڈرن آیہِ
Painting ییتھ کرِنہٕ تہٕ سفید رنگہٕ ستۍ دأیرہ چھِ بنأوِتھ۔ گوڑٕ ہ بوٚ ڈ دأیرہ تہٕ
تمہِ پتہٕ چھِ دأیرن ہُنٛد بجرکم کم گژھان تہٕ چھیکرس چھُ کرہُن ڈاٹ منٛزس
بنان ...... یم سیٚٹ ہیکو کیپر یا لکڑِ ہنٛدی بنأوِتھ ...... گودنیک set چھُ تگھیکھ سُنٛد
دوٚیم اِندرسُنٛد تہٕ ترٛیم چھُ جنمے جین سُنٛد۔

(أ کس کوٗنس منٛز گیٚون پارٹی بہتھ سازوایان ...... تہٕ تام چھِ سأری کردار
میک اَپس منٛز Stages پیٹھ لأنہِ منٛز اژان ...... تہٕ وارٕ وارٕ قدم ترأوِتھ
خوٗدایس کُن دعا منگان ...... تہٕ گیٚون وألی تہٕ چھِ گیٚوان ...... تہٕ سازوایان)

کاینا تک چھُکھ نگہبان

دِم دیادان اے خوداہ

دِم میٚ عقلاہ بنہٕ بہٕ انسان	دِم دیادان اے خوداہ
سرسوتی ہنٛدی ژأنگی پرٕ بنٛزنۍ	عالمس منٛز گژھی ژوٗ پأری

عالماہ یوٚد بنہٕ گلستان　　دِم دیادان اے خوداہ

چھُس یژھان بہٕ آدمس　　آدم بٕنِتھ خدمت کرٕنی

بس دِلس منٛز چھُم یہِ ارمان　　دِم دیادان اے خوٕداہ

ونتہٕ از اولادِ آدم　　کیازِ بیٚون بیٚون چھی گمتی

اِتفاق اوس چون فرمان　　دِم دیادان اے خوداہ

(وارٕ وارٕ چھِ بیٚیہِ سأری کردار نیران...... ہنا گاش سوتان تہٕ گاش تیزٕ نہٕ پتہٕ چھِ لوٕکٹ مسخرٕ ہ واپس یوان تہٕ خوش آسان تہٕ بٕڈس مسخرس کرنیکھ کران)

لوکٹ مسخرہ: (ووٹہٕ تلان)...... ہیو بُڈٕ ہ مسخرا ہو...... ہیو کتھٕ گوکھ غأب...... ہتایوٚ ہے ہا اوسُے ہمیشہٕ عأب...... ہیو پکوٕ بیٚتہِ ہا سِمتھ سأری صأب...... (نظر دِوان)...... کوٚت سہٕ گو...... کأنسہِ ما کھیٚو۔

بُڈٕ ہ مسخرہ: (ونگہِ منٛزٕ ہ اسان تھزرس زن تہِ کلس پیٹھ)...... ماتُل لوکٹہِ مسخرا شور...... نَحقس ہا یہِ پِی ہٕتس زور...... انوٕ کُلس نکھٕ دوٗر...... (لوکُٹ مسخرٕ ہ گژھان وِنگہِ نکھٕ)

لوکٹ مسخرہ: گوٚژ چھُکھ کلس کھوٚتمُت۔

بُڈٕ ہ مسخرہ: اِدٕ ہ چھُسا خرس کھوٚتمُت...... (اسان)۔

لوکُٹ زن تہٕ أمِس نکھ داران تہٕ بُڈ ہ وسان بون )......آ......
آ...... ہا۔

لوکٹ مسخرہ: جل پکوٚ جل ...... وُچھوٚ لوٗکھ کأتیاہ پھِ جماہ گأمتی ...... ( لوٗکن گُن ہاوان )......

بُڈمسخرہ: یم ہاچھی خامخواہس پتھ آنتہٕ گأمتی ۔

لوکُٹ مسخرہ: ( روب کران )...... ژھوپہٕ ہا...... یم ہا چھی پأتھر وُچھنہٕ آمتی ۔

بُڈ ہ مسخرہ: ینہٕ پتھ لوٗکن ژوٚ رِ دیار بنیہِ تہٕ انسان بأ گراونہٕ أے ......تنہٕ ترأوُ ے نا اَسہِ پأتھر گنڈُن ...... چھے پےَ ۔

لوکٹ مسخرہ: دوٚیمے ہایم تہِ متاثرٕ ناوتکھ ...... کمہِ پھنٛدٕ ہ ہاچھم أمتی ۔

بُڈ ہ مسخرہ: گوٚ لیڈرن ہنٛدی پأٹھی چھتکھ شألی تارکھ ہأوٕمتی ...... پونسہٕ دِنا۔

لوکٹ مسخرہ: ہاروپین تل ہا ژھنہٕ نَے مأرِتھ۔

بُڈمسخرہ: ( ودان )......اِ جان ہا گوٚ ...... گوٚ بہٕ مرِ تہٕ ژ وٹکھ دیار...... اصل لیڈر ہا بنکھ امہِ نیژ ہ۔

لوکٹ مسخرہ: ژھوپہٕ ہا......میون مطلب چھُ پونسے پونسہٕ بُنِن ۔

بُڈمسخرہ: اچھا...... ہے لوٗکو...... سلام. .... نمسکار...... گُڈ مارننگ...... پونسہٕ ملے گا ناٹک کرے گا۔

لوکٹ: ہتا پکۂ یم لۄکھ ہانمو کھ راز دربارس منز۔

بُڈہ: مظہرس...... اَسہِ کیاہ دیُت رازن تہٕ وۄنی ژہنہٕ یمن پھِرتھ۔

لوکٹ: رٕژ گتھ آسہِ نہ زانہہ یمن کاڈین اژان...... اسہِ رِکھو چھُ رازس نِش بکار...... اَسی وٹو پنُن یمنۍ لۄکن نِش ( لۄکن گُن )...... کیاہ سہ بھایو......

بُڈہ: (لۄکن گُن وُچھتھ )...... بہنہٕ تہٕ ہاچھِ بہتھ۔

لوکٹ: (ہناہ شرارتہٕ سان )...... اچھا بھایو تہٕ بہنو۔

بُڈہ: پراوو تہٕ پنڈو...... دپان پتھ کالہِ اوسۍ اَکھ لوکٹ رازٕ گربزان۔

لوکٹ: گرائے آسبس دِلس لُجمٕژ...... تو ے اوس سورفہٕ بوزان۔

بُڈہ: یگِیس تس ہٕنٛدِس اند راوس تیُتھ زورٕشور۔

لوکٹ: تکھیکھ ہتھ اندر تے اوس نارس گُن سیٚدان۔

بُڈہ: ناگہانی تتھ اندر آیہِ تراونہٕ رکاوٹ تہٕ بادا۔

لوکٹ: رۄ دراز وُچھان ودان تہٕ گُلۍ موران۔

بُڈہ: دپان رازن چھِ پرزایہِ ریپس اند رزنم پروومُت۔

لوکٹ: چھُ یگہِ پوٗرہ کرن تس تو ے سہہ زن گرزان۔

دوشوے: تیٚلہِ؟

بڈُ ہ: ولہٕ کرواز شادیانے لولو

أسی حض از شادیانے لولو

رازس ستی یارانے لوو

راز پاٹھ گوس کران وارہٕ کال

( گیٚون پارٹی بیک گراونڈس منز یمن ستی گوٚ ان )

( بأتھ موٗکلنس ستی ستی چھُ مسخرٕ نیران تہٕ لایٹ چھیٚے وارٕ وارٕ کم گژھان )



جنمے جے ہٕنڈِس Sets گاش پیٚو ان سہٕ تہٕ سأتھی لۆکن تقریر کران )

جنمے جے: میانیٚو سأتھیو...... میٚے چھیٚے پَے ......سأری چھِ یژھان امُن تہٕ شانتی۔

سأتھی: مگر یٚو تام سرپھ چھُ زندہ......توٗ تام پراوونہٕ أسی سوکھ۔ ( أتھس سرفہٕ شکل بنأوِتھ )۔

جنمے جے: برونٹھٕ کالہٕ اوسُس بہٕ تنہا تہٕ گُنے۔

سأتھی: توے تہٕ کٔری اسہِ پانس زحمہٕ تہٕ زِ وجہٕ دپرأوی۔

جنمے جے: اَکھ تہٕ اکھ گیہٕ زٕ۔

سأتھی: تہٕ اَکھ تہٕ اَکھ گیہِ کاہ۔

جمے بے: سوٗرٕف چھُ انسانہٕ سُنٛد دشمن۔

سأتھی: لہٰذا چھُ تہنٛد ناش کرُن سون...... دھرم تہٕ کرم بنان۔

جمنے بے: ہرگاہ میأنِس گوڑِنکِس زنمس منٛز اَتھ بادِ پیٚیہِ......مگر از چاہے پہاڑ تہٕ سمندر تہٕ میانہٕ وتہٕ منٛز ہِن تِمن چیرِتھ گالن یہِ تکھیٚکھ...... تکھیٚکھ کیا...... (کریٚکھ دِوان)...... چون سمے ووت...... چأنۍ مکأری تہٕ فنٛد بأزی...... پکہِ نہٕ ووٚنۍ برونٛٹھ۔

سأتھی: ہرگاہ انٛدر رتر اَوِتھ برہمنس نِش تہٕ پناہ نِکھ......مگر ژیٚے چھُے وڈُن تہٕ دزِتھ ہُرِتھ پیٚون۔

جمنے بے: ژیٚے چھُے پکھِ وہراوِمژٕ سبٹھاہ...... أکِس جایہِ چھُکھ اکہِ بہانہٕ یوان تہٕ فساد کرناوان۔

سأتھی: تہٕ بیٚیِس جایہِ چھُکھ زبأنۍ رنگس تہٕ آبس پیٹھ کأژیہِ کرناوان۔

دوشوے: مگر ییٚتہِ اپور چلی نہٕ چون کینٛہہ...... اسہِ آیہِ أچھِ مژرنہٕ...... نہیں چلے گی......نہیں چلے گی۔

لۄکھ: تمہاری مکاری نہیں چلے گی...... (دوٚیہِ پھرِ ہ)۔

(لۄکھ تھوٚد ووتھان)

جمے بے: میون فأصلہٕ چھُ زِیگہِ کروشروع۔

سأتھی: تہٕ توٚ تام تھاوجأری یوٚ تام نہٕ تکھیٚکھ ختم تھاوون کرِتھ۔

جنمے جے: پنڈت یگہِ شروع کرو۔

سأتھی: وہ کب کا شروع ہو چکا ہے۔

جنمے جے: وونی گژھِ میأنی کأم پوٗرہ سپدنی۔

سأتھی: ادے ہیکن لۆکھ شانتی پرأوِتھ۔

جنمے جے: یُس میانہِ وتہِ منز رُکاوٹ تراونچ کوٗشش کرِ سہٕ کرن بہٕ ختم۔

سأتھی: أسی پھِر وطنٕ فانن ہِندی رُخ تہٕ ہوا کرہون وٕٹسی......(زن تلوار تُلان تہٕ ہوہَس اتھس منز بند کران)۔

لۆکھ تُلان یَمن نگھن تہٕ خوش گژھِتھ واپس نیران تہٕ نارٕ دِوان)

جیتیں گے بھائی جیتیں گے جیتیں گے بھائی جیتیں گے

جنمے جے جیتیں گے جیتیں گے بھائی جیتیں گے

آخر ہم ہی جیتیں گے

دشمن کو ہم ماریں گے

جیتیں گے بھائی جیتیں گے

جنمے جے ہی جیتیں گے

(أتھی ستی وارِہ وارِہ لایٹ ژھیٚوان)



( کھووِرِس سیٹس چھیٚ لایٹ پیٚوان ...... تکھیٚکھ سُنٛد spot ...... نفر چھِ گُرسیٚن پٮ۪ٹھ بہتھ آسان ...... تہٕ یکدم چھِ تکھیٚکھ تھوٚ دووتھان ...... اُمِس چھِ لیڈر رِسٕنٛدی آیہِ پلوالا ِگتھ )

تلکیٚکھ : پکیاہ چھُس یہٕ بوزان ...... ہرگاہ اُسی چھِ بیٚکار سرکاری زمینہِ پٮ۪ٹھ ہوٹل تعمیر کرُن یژھان ...... تِمن گتھ پٮ۪ٹھ چھِ پیچھ یوان ۔

منیجر : ( اَکھ نفر تھوٚ دووتھان ) ...... تِم حض چھِ دپان یہِ چھُ سرکاری زمین ...... یہِ چھیٚ قومی ملکیت ...... اَتھ پٮ۪ٹھ دِموٗنہٕ اُسی تکھیٚکھ سنٕدِ بن ہوسن ہِنٛدی تاج محل کھڑا کرنہٕ ۔

تلکیٚکھ : بس تُہی گیوٚ لاچار تہٕ بے بس ...... منیجر تلکیٚکھی چھِ پرٕتھ وِزِ جِمے جے ویہہ کھیومُت ۔

منیجر : جناب تِمن چھِ لۆکھ ستی اَسہِ دِژ اَیہِ تار ...... تِموٚ تُج سو برٛنٛزس منٛز تھوٚد ۔

تلکیٚکھ : پولیس کتہِ اوس شونٛگتھ ...... توہہِ کیازِہ کوٚرونہٕ پولیس سٹیشنس منٛز رپورٹ درج ۔

منیجر : جناب انسپیکٹر صأبن ووٚن زِ وُنکین چھِنہٕ حالات کاژِ ...... تہٕ اُسی چھِنہٕ بیٚاکھ وولہٕ ہُرِ شی کھڑا یژھان کرِنی ۔

تلکیھ: اچھا...... اُسکی یہِ ہمت...... تُمس وُنِو ناتو ہہِ یہِ چھُ تُمی سُنڈ مسلہٕ
ییٚمسِنڈِ ہ گھرِ دوہس منٛز ہمیشہٕ دویہِ لٹہِ چھُکھ حاجتس یِوان۔

منیجر: جناب تموہٲولاچاری تہٕ بیےٚ بسی۔

تلکیھ: مگرلاچارچھُ سہُ...... بہٕ یُس تہٕ داوچھُس گِنداں سہٕ چھُس
صرف زینہٕ خاطرے یوت گِنداں...... ( کُرسی پێٹھ کِس
نفرس کُن وناں )...... نایب صاب۔

نایب صاب: (تھوٚدوٚتھِتھ)......فرماٲیوٚ جناب۔

تلکیھ: زمین ہرگاہ میانہِ ناوِ چھُ...... تم کیازِ چھُنہٕ اَسہِ قبضہٕ دِوان۔

نایب: تم چھِ سہُ زمین حق سکوٗلس دیُن یژھان۔

تلکیھ: (اسان)...... تمن چھُناپئے زیادہ پڑی ہتمن کِرٕ چھنہٕ سائنس
مُلکس منٛز نوکریہِ...... تمن گژھ کیٛت چھُ پرُن...... پٕرتھ چھُ
انسان کاہِل تہٕ آلُژ بنان...... سہُ چھُنہٕ زمینس منٛز کام کرنہِ
وسان...... ریڈس پێٹھ چیز کنان۔

نایب: میےٚ حق چھُ باسان...... ییٚلہِ نہٕ تم سیٚو دسیٚود مانن...... اَسہِ
پێیہِ قونوٗنی کاروائی کرٕنی......

تلکیھ: قونوٗنی کاروائی...... تُہی کریوٗ تیٚلہِ قونوٗنی کاروائی...... ییٚلہِ
تم میانین نفرن ماربیٹ کرن...... زنانن موٗنڈ بناوَن۔

منیجر: جناب گورنمنٹن چھُ مونڈٕ فنڈٕ تہٕ چالؤکۄ رمُت۔

تلکیکھ: ژٕ کر ژھوپہٕ ...... (منیجرس کُن) ...... نأیب صأب میٚے چھُ باسان میٚے پٮ۪یہِ تہنٛدِس قونوٗنس ہناہ مدد کرُن۔

نایب: جناب قونوٗنس مدد کرُن چھُ تُہنٛد فرض بنان۔

تلکیکھ: تُہی کٔریو کأم ...... أسی سوزوکھ پٮ۪نٛژ نفر ہَتھ ژٕ ہتھ منیجرس ستیٚ باسامانہٕ تور ...... ہرگاہ کأنسہِ بروٗنٹھ کُن پٮ۪نگ جُرت کۄرسہٕ کرناوون ختم ...... بلوٕ کرناوو ...... تُہنٛز کأم چھیٚے ژمے بے گرفتار کرُن چمچٕہ ہتھ تہٕ خوجہٕ یارٕ بلہٕ ہوا چاوُن ...... ہرگاہ سأنی کینٛہہ نفر تہِ گرفتار گژھن پراوے چھُنہٕ کینٛہہ۔

منیجر: میٚے آسہِ Anticipatory baile أنتھ تھأوِمٕژ ...... تہٕ تِم گژھن باعزت دستی بٔری۔

نایب: ٹھیک جناب چھُ ...... پگاہ گژھِ سون قبضہٕ یعنی تُہنٛد قبضہٕ تتھ جایہِ پٮ۪ٹھ آسُن۔

تلکیکھ: یہٕ چھُس نہٕ یژھان اَتھ مۄمۄلی کامہِ پٮ۪ٹھ لگہِ اِنٛدر جیٚس تکلیف نتہٕ کوسہٕ گَتھ چھیٚے یہٕ۔

نایب: بہتر جناب ...... تور پٮ۪ٹھ کۄت وأتوٕ تُہی ...... یہٕ قصہٕ گژھِ پگاہٕ انٛدُن۔

تلیکھ : ہرگاہ نہ پگاہ تہِ اٹھ تیلہِ...... تیلہِ آسہِ نارِ موگل ژھنڈ ہن گھرن پگاہ نارٕ ستی شولہٕ ناوان۔

مینیجر: اکھٕ تہ جناب چھِ تتھ علاقس منز مکانہٕ گنیے ہتی...... تتھِ پاٹھی بناون دؤر دؤر تہٕ کھُلہٕ جاین مکانہٕ تہٕ...... بیمارِ تہِ گرژھن مُلکس اندر رکم۔

نایب: جناب میٖنہ دِیُو اجازت بہٕ کرٕ باقے تیارٕی تہٕ۔

تلیکھ : مینیجر...... نایب صابس نیر نیبر تام ستی ...... مگر...... ( ہاوان پونسہٕ دِنہٕ خاطرٕ ہ )...... ستی نیرٕ زیوس......خبر تو رپہِ فکرٕ۔

مینیجر: حضرت ونان کیاہ چھُو تُہی......شُری سُند بول بوش چھُ شُری سُند مول موجے زانان۔

تلیکھ : کیاہ۔

مینیجر: (اسان )...... جناب تو رُم فکرِ۔

تلیکھ : ہنہہ...... ( نایب تہٕ مینیجر نیران )...... تلیکھ چھُ صرف کام یژھان کرٕنی ......اشارٕ چھِ کمزورلؤکھ کران۔

( گاش چھُ وارٕ وارٕ سوتان )



(اِندرٕ ہنٛدِس sets چھُ گاش پێوان ..... اِنٛدرچھُ مہاراج آیہِ کُرسی پیٹھ بہتھ آسان ..... لڑکی چھبس بروٚنٛٹھ کنہِ نژان آسان بأتھ چھُ چلان)

(اِنٛدر رازنہِ دربار نغمہٕ کران چھِی پرستانے
سوزِ منصوٗر چھی گریزان ............)

(اندرازس چھِ گلاسس منٛز شراب انان سہٕ تہٕ تٔمی ہنٛدی نفر چھِ شراب چوان تہٕ بأتھ بوزان آسان ..... وارِ وارِ چھُ گیوٚن کم گژھان ..... تہٕ اِندر چھُ تھوٚد ووتھان ..... تہٕ ونان)

اِندر: آفرین ..... مرحبا ..... چون نژن تہٕ گیوٚن چھُ ہستی تہٕ مستی دِلس اثٛدر ریأدِ ہ کران۔ (نژن واجنہِ بخشائیش دِوان)

لڑکی: مہاراج یہِ چھیےٚ تُہنٛزن نظرن ہنٛز عنایت تہٕ بجر یوسہ توہہِ اسہِ پیٚنٛس دربارس منٛز بخشیو ..... (منٛزے نژان نژان گتھ کرِتھ)

اِندر: اِندر نَے موختس تہٕ فوتس فرق ہیکہِ کرِتھ تیلہِ کُس کرِ؟

لڑکی: تہٕ چھُ سرکار پوٚز ..... اِندر نَے فرق ہیکہِ کرِتھ تیلہِ کہٕنٛدِس دربارس منٛز سپدِ اَسہِ حوصلہٕ افزأیی۔

اِندر: چانہِ کتھ چھیےٚ چانہِ نژہٕکی گیوٚہکی پأٹھی میچھِ ..... ژیےٚ نیوٚتھ سون دِل ......

لڑکی: تُہنٛدِ ہ خأطرِ ہ چھُ سون دِل کیاہ ..... جان تہٕ حأضر۔

اِندر: مرحبا...... ژٕ چھکھ سائنی پأٹھی سبٹھاہ جذبأتی تہٕ جذباتن چھِ أسی سبٹھاہ قدر کران۔

لڑکی: مہاراج یہِ چھیےٚ میأنی خوش نصیبی ...... میےٚ پتھ کٔریوٚ حُکم میےٚ کیاہ چھُ کرُن۔

اِندر: (نفرس کُن)...... یِم نیٚوکھ اندر تہٕ یہِ یِھنز فرمأیِش آسہِ تہٕ کٔریوٚ یِمن حأضر۔

لڑکی: اِندرس آسن جے جے کار............۔

(ڈالہٕ دِوان دِوان نفرس ستی نیران)

(گاش سوتان)



(مسخرٕ زٕ چھِ ژیٚنگان ژیٚنگان Stages یِوان)

بُڈ مسخرٕہ: ہے لوٗکو...... اوڈ پأٹھ ہو وأسہِ ......مگر میےٚ چھیےٚ پَے یوٚ تام نہٕ تُہی پوٗرٕ پأٹھ وُچھیوٚ ...... توٚ تام دیوٗ نہٕ تُہی ہار...... تہٕ ڈرامہ وُچھنہٕ پتہٕ ہرگاہ خوش تہِ کرِو......تو تہِ کٔریوٚ یڈ ہیوٚر کُن ...... لہٰذا دیوٗ پیشگی کینٛہہ۔

لوکٹ مسخرٕ ہ: نس چائٔی ...... یم ناچھِنہٕ تھٕکی ...... یم ہا کرن توتہٕ تعریف یہٕ ژیٚے ہارِ دِنے تِکیا زِ ہ وُچھن نہٕ ڈِشُم ڈِشُم فِلم۔

بُڑ ہ مسخرہ: گوٚ تیٚلہِ چھِ مفتس پیٹھ پیٚسن ...... مگر بہٕ چھُس نہٕ تیار ...... یہِ نارِ الاؤ۔کِتھٕ ژھیٚو رآووأسی ...... (یڈُکن اشارِ ہاوان)

لوکٹ: شاباشے چھِ سانہِ یڈٕ ہُند نار ژھیٚو راونہٕ خأطرٕ ہ کأفی۔

بُڑ ہ: میٚے ستیٚ نہٕ یہِ فنڈ بأزی ...... بہٕ ہاوَ کھ نہٕ اتہِ اپور کیاہ گوٚ۔

لوکٹ: دوٚپمَے نا بکواس کر بنٛد ...... نتہٕ وسی گُنے چنٛڈ۔

بُڑ ہ: آہنٛو ہاوِ کھ کیاہ تہٕ باوکھ کیاہ۔

لوکٹ: سرفہٕ ییٚکہِ ...... ماڈرن ہیٚکہِ۔

بُڑ ہ: ہتا ونان رِکھو چھُکھ ژٕ ...... (اپرُ ے ودان) ...... أسی أسیا کم سرف برونٛھ پیٹھے ییٚتہِ ...... ہاوکھ کأتیاہ سرف تہٕ تِہنٛدی روٗپ۔

لوکٹ: برونٛھمِمِن ہنٛز چھِنہٕ میٚے پَے ...... بہٕ چھُس نا آزأدی پتہٕ زامُت۔

بُڑ ہ: او ...... ژیٚے چھے آزأدی ہُند گاشہِ یوت وُچھمُت ...... ہتاہ کیاہ ونے پٔتھان سرفن ہنٛز داستان۔

لوکٹ: تلا کیٚنٛژھا ونتہٕ بلایہِ ہالگہِ ہم۔

بُڑ ہ: ہانہہ ......۔

لوکٹ : ۔کہن نا...... کہنا...... غلطی گیم ۔

بُڈٕ ہ : رٹھ بوز...... ( نکھس پیٹھ وَٹھ لایان )...... پٹھان دؤر میں جب وہ پٹھان سانپ کشمیری کودیکھتے تھے تو یہی کرتے تھے ۔

لوکٹ : ہتا کمرہا پھُٹم بون وستا ۔

بُڈٕ ہ : کوٚت ساگوڈٕ ہ بوزتا...... پھر جب ہندؤ ہوتا تھا...... تو اس کے ژھوگ یعنی شکھا کو لگام کے طور استعمال کرتے تھے...... اور کہتے تھے...... چلو میرے گھوڑے ( لایان لوکٹِس مسخرس پکنہٕ خاطرٕ ہ تہٕ سہٕ پکان )...... شاباش اے خان دیکھو ہمارا گدھا کیسے چلتا ہے...... تیز چلو...... ( لوکٹ تھکان )...... چلو ورنہ ہم تمہاری کھال کھینچ لیں گے...... ( لوکٹ مسخرٕ ہ پکان تہٕ دأرِتھ دِوان بُڈٕ ہ مسخرس )...... ارے یہ کیا کیا گدھے ( لوکٹ زنتہٕ پتھر پیٚو ان تہٕ مران )...... ہاں گھوڑا تو مرگیا...... اچھا یہِ کافر ہے دو روپیہ دوں گا...... اگر مسلمان بھائی ہوتا تو میں تین روپیہ دیتا...... ہاں...... ہے لوکٹہِ مسخراہ...... وتھۄ تھوٚد ( ہنہ...... ژٕ ما مۄدُکھ...... ہتا بلایہِ ہا لگے...... تھوٚد ووتھ تا...... پأتھر ہا چھُ کرُن...... ( ۔کھٔنز نہٕ ووتھان )...... ہتا تھوٚد وتھۄ ( لتھ کڈان تہٕ سہٕ ووتھان تھوٚد )...... ہنہہ...... لاتوں کے بھۄت ۔

لوکٹ : ہا نہہ...... ہتا مور تھس ہا...... ایاًیے...... ایاًیے۔

بُڑہ : جل وو تھ...... جل وو تھ پاًتھر کر...... نتہٕ وسہٕ نَے پاًزار۔

لوکٹ : اچھا پکھ سہ بھایا۔ (دوشوَے چھکر گیوٚان)

سرفہٕ سرفہٕ ساًری سمو

سُمتھ یکوٹہٕ مشورہٕ کرو

مشورٕ کری تھےٕ یکوٹہٕ لمو

ادے چھیےٚ کہن کُنے گاؤ

لوکٹ : ژٕ کمی ہٕنذِ کنی۔

بُڑہ : یُس پونسہٕ دیہِ۔

لوکٹ : تیٚلہِ چھُ ٹھیک...... پاگل گومُت جنمے جے...... یکہِ کرنہِ درامُت۔

بُڑہ : ہاًران تہٕ واًران گومُت...... ہتا ژٕ چھُکھا سرف مارنہِ درامُت۔

(دوشوے اسان)

لوکٹ : پکھ سہ وُچھوکیاہ چھُ کران۔

بُڑہ : کم تالو ٹنگ چھِ بیقل منگان تہٕ دِس آلو۔

لوکٹ : آلو بھایا آلو...... آلو بھایا آلو......

بُڑہ : دیُو آلو بھایا آلو...... گرِ پھٹوا تالو...... آلو بھایا آلو۔

دونوے نیران

(گاش چھُ جنمے جے ہنڈِس سپاٹس پیٹھ پیوٚان لۄکھ تہٕ مسخرٕ ہ سۭمتھ آسان ......شور گژھان نایب، منیجر تہٕ چھُ آسان أتی ......سیمی سرکلس منٛز چھِ جنمے جیٚس تہٕ سأتھی زن باقیٕ پھرٕ ہ دِوان آسان)

نایب: میں تم لوگوں سے کہتا ہوں کہ یہ دو غنڈے آپ کا نقصان کر رہے ہیں...... اگر یہاں ہوٹل بنتا ہے ......تو روپیے آپ کمائیں گے......ان کی باتوں پر دھیان مت دو......ورنہ۔

جنمے جے: ورنہ آپ پولیس کو لاکر ہم پر گولیاں چلایں گے...... کیوں؟

منیجر: آ...... آ...... پولیس ترایو ترٛوٚ دِ ...... اَسہِ چھِ گورنمنٹس اَتھ زمینس پوٚنسہٕ دِژمتۍ ......تم دیوٚ أسی نیرو۔

سأتھی: پوٚنسہٕ گیہِ تمنےٚ نِش وصوٗل کرِنۍ ...... اَسہِ کیاہ پانس چھا زمین نیٚن ......أسی بناووا اَتھ پیٹھ سکوٗل۔

نایب: تُہی کم چھِوٕ سکوٗل بناون وألی ...... سہٕ چھُ گورنمنٹک کلہٕ دود ......کالہٕ دأسی کریوٚ بند۔

جنمے جے: بہٕ چھُسو ونان اَسہِ مہ کریوٚ مجبوٗر جادتی کرنس پیٹھ ...... ہرگاہ سون اَکھ اَکھ خوٗنہٕ قطرٕ ہ تہٕ لگہِ مگر أسی دِمونہٕ زمین کینٛہہ تہِ۔

سأری: آ......آ......زمین نہٕ کینٛہہ۔

منیجر: یِم چھُ کمیونسٹ......یِم چھُو توٗہہِ وَتہٕ ڈالان۔

نایب: میۓ چھُ باسان سیٚز اونگجِہ چھُنہٕ گیٚو کھسان...... لاتوں کے بھوٗت باتوں سے نہیں مانتے۔

سأتھی: أسہِ تہٕ چھُو توہہِ أخری پھِرہ ونان......تُہۍ نیٖر یُہ سیٚو دواپس نتہٕ گژھن ییٚتہٕ خوٗن...... ہوٹل نہٕ کینژھہ ییٚتہٕ بنہِ سکوٗل...... بوتل نہٕ کینژھہ ییٚتہٕ پرن پُستک پرناونہٕ...... چلے جاؤ۔

لۄکھ: چلے جاؤ......

منیجر: جناب پکیۓ پولیس انون یمن چھُ جیلہٕ گُے ہواراس یوان۔

نایب: اَسہِ أس خبر زِیِم مانن نہٕ سیٖدِ بُتھِ......اب پولیس بلاتے ہیں ......اب تماشا دیکھو گدھے۔

(پکان بروٗٹھ برونٹھ تہٕ منیجر تہٕ نایب پتھ پتھ ژلان تہٕ لۄکھ چھِ خوش گژھان تہٕ نعرٕہ دِوان)

لۄکھ: جیت گیا جی جیت گیا......جنمے جے جیت گیا۔

مسخرٕہ زٕ: جیت گیا جی جیت گیا۔

لۄکھ: جنمے جے جیت گیا......(سأری نیران تہٕ مسخرٕہ زٕ أتی روزان)

لوکٹ مسخرٕہ: رِکھو مسخرا......زیٚہ ناجنمے جیٚن۔

بُڈہ مسخرٕہ: (اسان)...... زٕہنہٕ خاکِ سیاہ...... مگر یگہٕ کیاہ سا چھُ زوردار...... أسی تہٕ ہا چھِ نارس گُن لمان...... ییٚنا دزو تہٕ تاونس لگو۔ (زن لاینہٕ یوان)

لوٚکٹ مسخرٕہ: کہتام ہیوٚ تُن گرٕ ھُن...... پکیوٚ ژلو ہا...... ییٚنا اوتنہٕ بھلایہ ٹُت للہِ۔ (گیران گیران نیران)۔

بُڈٕہ: پکوٚ پنہٕ نِس تِکھیکھس ہا گرٕھو فریاد دی۔

(گاش سوتان)

✿

(تِکھیکھ ہندِس حس چھُ گاش پیوان تِکھیکھ چھُ کرسی پیٹھ برونٹھ کنہٕ چھُس گور آسان بہتھ)

گور: تِکھیکھ مہراجس آسن یقبال تھوٚد...... سرسوتی آسنس موکھس بھگوانن چھُنس سورُے کینٕہہ بخشمت۔

تِکھیکھ: پنڈت جی کتھ کُنی سنایورٕ لگمتی...... رٕژرٕ ے چھا سنا۔

گور: مہراج دِ پیوا تھ مندرس کرونوٚ سرٕ تعمیر...... ہارٕ دیار چھِنہٕ کینٕہہ البتہٕ توہہ ہیوٚ ین دن وانن پیٹھ چھیٚ پژھ...... توے آس گوڈٕ یوٚ ری۔

تِکھیکھ : بڑٕہ جان ...... نفیس ...... بہٕ اوٗس پانہٕ تہٕ پی سونچان مگر کتھ چھیہٕ یہٕ زِامہِ مندرُک سورُے بارتُلہٕ بہٕ کلس مگر بیٚیہِ کأنسہِ گرٕ ھِ نہٕ تُھنڈ چنٕدہ منگنہِ گرٕھُن ۔

گور : أہی ...... بھگوان کُری نورُت ...... ییٚلہِ أکِس جایہِ یڈ ییہِ گرٕ پتہٕ گرٕ بھکشا کتھ پیٹھ منگنی ۔

تِکھیکھ : مہراج تمہِ علاوہ کروو تُھ تہٕ خوش ...... مگر مندر گرٕ ھِ میأنس ناوس پیٹھ تھاونہٕ یِن ۔

گور : یہِ کوسہٕ کتھ چھیہٕ مہراج ...... اَتھ مندرس آسہِ تِکھیکھ مندر ناو ...... أزی کہِ پیٹھے ۔

تِکھیکھ : تیٚلہِ کٕنٛہہ چھیہٕ دپری ...... ( أکِس نفرس کُن ونان ) ژٕتھیوٗ چک ٹُکہِ منٛزٕ أنیوٗ چک بنأوِتھ فالحال أکِس لچھس ...... ( اَکھ ووتھان تہٕ زن چک لیکھان )

گور : مہراج ...... اچھ سنگِ بنیاد ...... کُمِس اَتھِ تراو ناوو ...... میأنی رِکنی تُھ پانے ۔

تِکھیکھ : نہ ...... نہ ...... یوٗت روتبہٕ مہٕ دیوٗ میٚے ہِوس پاپیٚس ۔

گور : یِم کمہٕ اشوب کتھٕ چھُو موکھٕ نیران ۔

تِکھیکھ : اَتھ تراون اِندرجی پننہِ اتھٕ سنگِ بنیاد ۔

گور: واہ واہ......قہوس اُلہٕ تراونہٕ ستی چھُ ژوپاری ہوامُشکان۔

(نفرچێک ہێتھ یِوان تہٕ تِکھێکھ دستخط کرِتھ پنڈتس دِوان)

تِکھێکھ: پگاہ ونہٕ بہٕ توہہِ کرتلہٕ بہٕ اَتھ نیک کامہِ دس۔

گور: (نیران نیران)......مہراج بہتر......بہٕ گژھہٕ پگاہ دربارس منز بیہہِ حاضِر......نمسکار (ستی چھِ مێنجر تہٕ مسخرٕہ تِکھێکھس نِش اژان)۔

مێنجر: مہراج مارٕ گیہِ...... حالات چھِ خراب......تم چھِنہٕ ہٹس پێٹھ شراکھ تہِ مانان......(تِکھێکھ تھوٚ دوٚ وتھان یکدم)۔

بُڈٕ مسخرٕہ: ہتا لوکٹیاہ...... کتھ چھُکھ وسواس ہێوان...... تِکھێکھ ہا چھُ راز......سہٕ جنمے جے چھُوٚ چہِ پوشیاہ تتھس بڈِس رازس......یہٕ ہاکڈێس اکی ٹاسہٕ ستی سورُے وسواس۔

لوکٹ مسخرٕہ: مہراج پێٹھن کمال ہائیٔ......پێٹھن جمال ہائیٔ......تُمس تال پھٹر آئیٔ۔

تِکھێکھ: ہیو بند کرٕ بکواس...... مێٚ ووتھ مژر......(لوکٹ تہٕ بوٚڈ مسخرٕہ اَکھ اَکِس کُن وُچھان)......مێنجر تہٕ نایب تہِ ہێکہِ نہٕ کێنہہ کرِتھ۔

لوکٹ مسخرٕہ: نہ جناب آنچہِ تہِ دیُت ہس نہٕ برونٹھ پکہٕ نہٕ۔

بُڈٕہ مسخرٕہ: پێٹھ کیاہ اوس سہٕ لونڈٕ نمرٕ دِنی دم دِوان۔

لوکٹ مسخرٕہ: تُمس ما خبر تِکھێکھ کس چھِ ونان۔

تِکھیکھ : میٚے چھُ پان دزان باسان......( زن لاینہٕ یوان )...... میٚے چھُ باسان بہٕ تہٕ گوٚ ژھُس نہٕ اَتھ نارس منٛز پھٹون...... ووٚنی کیاہ کرو...... کیاہ کرو...... ( پتھر لاینہٕ یوان ......لوکٹ تہٕ بُڑہ مسخرٕہ دوران تہٕ تمِس سنبھلاوان )۔

بُڑ مسخرٕہ: مہراج ......تُہی چھِو سأنی بھتہٕ بب...... توہہِ ہے کینٛہہ گڑھِ......أسی کتھ لگو۔

لوکٹ مسخرہ: ( اپزُ ے ودان )...... ییتھ خام عیالس کیاہ بنہِ......سرفن کُس دِیہِ دودِ گوٚل۔

بُڑہ مسخرٕہ: مہراج تُہی سنبھالیوٗ دم......خوداہ کرِہ جنمے جیٚس جوتلہٕ جم۔

( تِکھیکھ تھوٚ دوو تھان یک دم...........لوکٹ مسخرٕہ پتھر پیٚوان )

بُڑہ مسخر: ہے...... ہے ظأہر ما پیٚو تاون ......بُجرس منٛز مالوگتھس واوِ گلیٚن......( لوکٹس تھوٚ دتُلان بُڑہ مسخرٕہ )

تِکھیکھ : تِکھیکھ گونہٕ جلد بأزی ہاون وول...... منیجر پکھ...... نہ ژٕ روز کھیٚتی بہٕ کرٕ سوزُ ے پانے ( اسان )......خیال آؤ۔

بُڑہ تہٕ لوکٹ مسخرہ: آ......مہراج رُتے آسہ۔

تِکھیکھ منیجر تُہی کری وُن فوراً 100 نفر تیار سۆ گالہِ جنمے جیٚس تہٕ تِسنٛدِس سأتھی یِس......اکے ساتہٕ موکلہٕ تفریق۔

منیجر: جناب تُمس چھُ خطرناک پہر ...... تور چھُنہٕ اجازتہٕ بغاَر مچھ تہٕ تراوان۔

تِکھیٛکھ: اچھا تیٛلہِ پیٛیہِ میےٛ پانے کینٛہہ انتظام کرُن ...... میانہِ چالہٕ نِش پیٛیہ تہنٛد ژھل ہرتھ۔

مسخرٕ ہٕز: آمین۔

تِکھیٛکھ: میانہِ پونسہٕ ستی بنہٕ تُہنٛد زندہ روزُن ...... محال ......

مسخرٕ ہٕز: آمین۔

تِکھیٛکھ: اوہو میےٛ زن چھُ پان گیراں باسان ...... زن تہٕ بہٕ وہٕڈٕ وٕنی ہوہس منٛز۔

(گاش سوتان)

(سٹیجس پیٹھ برونٛھ کُن یتھ مسخرٕ ہٕز گیٛوان)

پونسہٕ دراوے کرسی بٕنتھ لولو

دوٗن دِلن سپُدے میُل تہٕ لولو

یہِ کیُتھ دستوٗر یہِ کیُتھ ملژار

پونسہٕ کران شترن تہِ کنُے لولو

(تہٕ أتھی ستی نیران)



(گاش پیٚوان اِندرٕ سٕندِس سپاڑس......لڑکی نژان آسان...... اِندرتہٕ تٔمی سٕندی سأتھی بوزان آسان تیز میوٗزک......سأری مست تہٕ تام چھِ دربارس منٛز تِکھنیکھ اژان)

تِکھنیکھ : مہراج اِندر مارٕ گوس......تاونس منٛز آس ہیٚنہٕ...... میےٚ پیٹھ کرو رحم......(یک دم میوٗزِک بنٛد گژھان)

اِندر: یہِ کٔمی گُستاخن کٔر رقصچہ محفلہِ منٛز بنگہٕ زری۔

تِکھنیکھ : اِندرمہراج یہ چھُس تِکھنیکھ سرفن ہُنٛد راز......اَکھ لاچار۔

اندر: رازٕ تہٕ لاچار......(اسان...... پتہٕ ہاوان دربارٕین تھٕ تہِ أسیوٗ...... (سأری اَسان) ژٕ کٔمی ترووٕنکھ سانہِ اجازتہٕ بغأر اندر...... ژیےٚ چھےٚ ناپےٚ سأئِنس محلس کُن ...... ہرگاہ کانٛہہ خوابس منز تہِ بُرسونچہِ ...........مشین گَن تہٕ توفہٕ تراون تس پُژھ پرٕیُن کٔرتھ۔

تِکھنیکھ : مہراج میےٚ کوٚرتھٕندِس دربانس زارٕ پارٕ ستی اوٚنم پانس ستی۔

اِندر: (دربانس کُن )...... ژٕ نیرٕ وُنکیٚس ......مگر ہرگاہ دوٕیمہِ پھِرہ یِژھ غلطی کٔرتھ پھاسہِ ہنٛز رَزی نالس ولنہٕ۔

(دربان گٕلی ژٕ گنٛڈِتھ نیران)۔

تِکھیٖکھ : (گرٛ ھان تہٕ کھور رٹان اِندر ہِشدی )...... مہراج میٖ چھیٖ پےٚ تُہی چھُوٕ دیالوٗ تہٕ پالن ہار...... میٖ پیٹھ کھیٚیٚو عار...... دیوٕ میٖ تہٕ لگہِ تار۔

اِندر : تِکھیٖکھ ژٕ آکھ سائنس شرنس منٛز...... خاطر...... بہٕ چھُس پننہِ اصوٗلہٕ موجوٗب ژیٖ مدد کرنہٕ خاطرٕ ہ تیار...... ون کیاہ دلیٖل چھے۔

تِکھیٖکھ : مہراجس اَسن جے جے کار...... (گٔلو گنڈِتھ )

اِندر : ون کیاہ دلیٖل چھے......نڈر رٕنٛتھ وَن۔

میوٗ زِک تیز چلان تہٕ یَتھ منٛز تِکھیٖکھ ساٗرے دلیٖل ونان...... اِندرس......میوٗ زِک بند گرٛ ھان تہٕ تِکھیٖکھ ییٖہٕ کھور رٹان اندرس )

تِکھیٖکھ : بس جناب ووٕنی چھِہم صرف تُہنٛز آش۔

اندر : (اسان )...... اَکھ رازٕ اَستھ چھُکھ یوٗ تاہ کمزور لاگان...... ژیٖ دِموے اَسی پننہِ کرسی تل جائے...... بہٕ وُچھٕ جنمے جے سُنٛد یکہِ کتھٕ کُنٛی پوری ژیٖ۔

(نِوان اَمِس کرسی نِش تہٕ تِکھیٖکھ کرسی زنگہٕ تھف کٔرتھ بہان )

اندر : سیکریٹری......(ساٗتھی اَکھ ووتھان تھوٚ دتہٕ پتہٕ برونٛٹھ کُن یوان۔

سیکریٹری : جناب حُکم کٔریوٗ......رقص چھا لاگُن......سنگیت بوزنٕچ چھا اِچھا

اِندر: تُہؠ ژٕنؠ تہٕ الیکشن کرچھُ۔

سیکریٹری: جناب زٕ ژور دوہہ چھِ کاغذاتِ نامزدگی برنس۔

اِندر: سأنؠ کاغذات چھا مکمل آٮ۪ژ کرنہٕ۔

سیکریٹری: جناب آب ژانہٕ نس پھُس نہٕ وار۔

اندر: ٹھیک چھُ...... تِکھٮ۪کھ کیاہ پھُکھ کران۔

(تِکھٮ۪کھ یکدم تھوٚد ووتھان)۔

تِکھٮ۪کھ: جناب حُکم کریُٚو میٚے کیاہ چھُ کرُن۔

اِندر: الیکشن چھُ پکان...... اَسہِ چھیٚے خبر پٔنٕنہِ کانسچونسی منٛز چھُ سون زور ہناہ کم...... مگر اَسہِ چھُ توتہٕ زیٚنُن۔

تِکھٮ۪کھ: جناب یہٕ لاگن سأری مشینری أتھی کامہِ پٮ۪ٹھ۔

اِندر: تہِ چھُ ٹھیک...... مگر اَسہِ چھُ سوٗنچتھ تھومُت...... تتہِ گژھ ہِ فساد گژھُن۔

تِکھٮ۪کھ: مگر یوٚ تام جمے بے تہٕ تمی ہندی سأتھی چھ توٚ تام چھُ مشکل۔

اِندر: اِندر راز ہٕنٛدِ خأطرٕ ہ چھُنہٕ مشکل لفظے کُنہِ جایہِ لیکھِتھ...... ژٕ روز خوش...... تم واتن أزی شامس امنس خلل کرناوٕنِکس جُرمس منٛز جیلہٕ کوٹھرِ منٛز۔

تِکھٮ۪کھ: دٕرے بوٚ زِنؠ تیٚلہِ اندن سارنےٚ ہٕنٛزٕ کامہِ۔

اندر: یوٗرک بوز...... (تِکھیٚکھ گژھان تہٕ کرسی تھف کٔرِتھ بہان)...... پننہِ برادری منز گژھِ پھہلاوِنہٕ یُن زِ پیٚیہ کہِ طبقکۍ چھِ یژھان اپأریم یوراتنۍ...... تِمۍ چھِ یژھان دھرمس ناش کرُن...... تہِ اَتھ ژوٚیہِ ہیٚکہِ صرف اِندر راز ختم کٔرِتھ...... باقیٕ تُہنز کأم سپدِ وُنۍ۔

تِکھیٚکھ: مہاراج یگاہ آسہِ سأرسےٕ نارن ژھٹ کڈٕمژ......بس گژھِ تُہنٛد آشیرواد آسُن ........... (نیران پتٕ پتٕ تہٕ تام مسلمان پلو لأ رِگتھ زٕ نفر اژان)۔

لیڈر: آداب عرض اِندر مہراج۔

نفر: (پھوپھ آسان)...... اَ......اَ...... آ ...... داب ......ع ......ع ......عرض۔

اندر: وُنۍ تو کاغذاتِ نامزدگی بٔری وا۔

لیڈر: جناب تُہنٛد حکم آسہِ تہٕ أسی کرو ناتأمیل۔

نفر: بہٕ......ج...... جناب ......بہٕ ......بر......برجان پأٹھی۔

اندر: اچھا مِترژیٚ چھےٚ پےٚ کیاہ چھُ کرُن؟

لیڈر: جناب ......تُہنٛد نسخہٕ پیٚیہِ پکھےٕ آزماوُن ......مگر عرض چھُم تیٚمس پٮ۪ٹھ یہِ سأرے کھارچھیٚ تِمس آوا کھ بیفتہٕ (نفرس کُن ہاوان)

اندر: وُنیوٗ کیاہ دلیل چھیے؟

نفر: جناب بھوے روٗہم رشوت رٹان رٹان ......جہ...... جناب سہٕ واتنوٗ کھ اندر قاؔ دخانہٕ۔

لیڈر: سہٕ چھُ جناب پٹھوٲری ......تہٕ تُمی اوس اَکی سُند زمین ......بیٚیہِ سِندِ ہ ناوِ کوٚ رمُت۔

اندر: (او...... ہو...... یکیاہ تماشا چھُ ......سہٕ چھُ اینٹی کورپشن والیٚو ریڈ ہینڈِڈ (redhanded) روٗمُت ......بہٕ کیاہ ہیکہٕ اَتھ کٔرتھ۔

نفر: جناب...... جناب...... سہٕ تراوِ نٲیوٗن یٚلہٕ...... خام عیال چھُس ......اَٮ۪خراسہِ چھِ تُہنز یژھ پژھ۔

اندر: تمہِ ساتہٕ کیازِ ہ سوچُن نہٕ...... خاٗریم (لیڈرس کُن) ......چھِ سانہِ پارٹی ہِندی نفر......یم گژھن زٲنٛنی۔

نفر: جناب...... میٚےٚ چھُ پَے ......بہٕ جناب کرِ سورُے پانے تُھ گٔریوٗ صرف میأنی اَکھ کامہِ رژھ۔

لیڈر: یہِ چھُ جناب میأنی دچھِنٛ ٲر ......تہٕ زینہٕ نس مژ کرِ یہِ میٚےٚ سبٹھاہ اَتھِ روٹ......تُہی گٔریوٗ ٲمی ہنٛز یہِ کامہِ رژھ۔

اندر: ٹھیک چھُ ......یٚلہِ یہِ سأنی کأم کرِ......بہٕ تہِ چھُس أمس مدد کرنس تیار۔

لیڈر: یہِ جناب گوفتنہِ زیٚو راونس منز طاق...... تہِ بھأیس تہِ چھُس سبٹھاہ اثر ورسوٗخ...... ییمہِ ہِنٛدِ ہ طرفہِ لوردٔہہ وۄتھن اَسہِ چھُ سُے بکار...... اَکھ دِماغہِ وول گَتھ لگہِ...... أخر ڈیموکریسی ہے چھیٚے۔

لیڈر: کلہِ ہیرِ ہ چھُ قیمت جناب نہ کہِ کاڈیٚن۔

نفر: جناب تُہۍ وچھیۆ پگاہ کیاہ حال گژھِ...... بس بھوے گژھِ دمہِ کوٹھرِ منزِ ہ نیرُن...... سہٗ کرِہ سبٹھاہ اتھہِ روٚٹ میٚے...... اَتھ کامہِ منز۔

اندر: ٹھیک چھُ...... أخر اَکھ بیٚے قصوٗر انسان ئلہِ جیلس منز تھاوُن کیاہ مطلب چھُ تھاوان...... یہِ گیہِ نہِ راج نیتی...... سون دھرم چھُ بیٚے قصوٗرن تہِ لاچارن مدد کرُن...... سیکریٹری۔

سیکریٹری: جناب حُکم کُریوٗ۔

اندر: فونس پیٹھ دِیوٗن میٚے ڈی جی پولیس...... میٚے چھیٚے کتھ کرٕنی۔

لیڈر: میٚے چھا اجازت بہِ کرِ ہ الیکشنٕچ تیاری۔

نفر: جناب گاڑِ بنِ تہِ چھُ تیل تراوُن۔

لیڈر: فنڈ تہِ چھُ تِکھیٚکھس بیترِ ہ نش جماہ کرُن...... أخر أسی ہے چھِ تِہنٛدِ ہ خاطرِ ہ پژاہ میٚنگہِ دگ ہیٚوان...... لوٗکن فایدِ ہ دِوان نتہٕ کیاہ اسہِ چھا کرسی ہُنٛد طماہ۔

اندر: تُہۍ نیرِو ......سہٕ تہٕ واتہِ توٚہہِ بروٚنٹھے گرٕہ۔

(نیران دوٚنوے)

(گاش سوٚتان)

✿

(تِکھنیکھ سُندِ سیاٹ روشن گژھان ......لۆکھ چھِ آسان بہتھ ......ژٕ ترییہٕ نفر کھڑا آسان ...... تِکھنیکھس کوٚژ اتھس منز آسان ......تہٕ کھڑا والین تریے کوٚژہ ٹاس تراوان)

تِکھنیکھ: میأنِس دربارس منز ہیکہِ نہٕ کانٛہہ تہٕ کھڑا روٗزِتھ......یُس کھڑا گژھنچ کوٗشش کرِہ تس تراوِ بہٕ زنگہٕ پھٹرِتھ۔

لۆکھ: سانہِ بھتہٕ ببا......اَسہِ کیاہ حُکم چھُ؟

تِکھنیکھ: توٚہہِ بہٕ وَنہٕ ...... بس توٚہہِ چھُ صرف تہٕ کرُن ...... وٕتھیوٗ تھوٚد ......(سأری ووتھان) پتھر مُریوٗ (سأری پتھر پیوٚان تہٕ مران) ...... نہ نہ...... ہرگاہ تُہۍ مُریوٗ تہٕ بہٕ تہٕ مرٕہ ......لٰہذا روزِیوٗ بہتھ ......تُہۍ کریوٗ کام......سُے چھُ میون لابھ۔

(سأری بہتھ روزان تہٕ الگ الگ کامہِ زن کران)

شاباش......(اسان اسان)......یہِ گیہِ فرمانبردأری۔

منیجر: جناب یہِ ونیوٗ کھنا...... یِنہٕ جسمے جیِٖس ستی کانٛہہ پکہِ یا ٹمُ سُنٛد مانہٕ۔

تکھیکھ: تُہی بوٗ زیوٗ نہٕ میانہِ آوازِ بغأرکانسہِ ہنٛز کانٛہہ کتھ۔

لوٗکھ: جناب أسی چھِنہٕ تُہنٛدِ ہ بغأرکأنسہِ ہُنٛد بوزان۔

منیجر: جناب ووٚنی چھ وَکھ پٔنٛز کتھ کرنٕک ...... (مسخرن دون کُن اشارٕ ہ کران)۔

تکھیکھ: تُہی زِ کوٚت چھُو یور آمٕتی ......تو ہہِ کیاہ کأم یتہٕ۔

(مسخرٕ ہ اورٕ یورُ چھان......تہٕ بیٚن ونان توہہِ چھُو ونان)

منیجر: توہہِ مسخرن دوٚن کیاہ کام چھیے یتہِ۔

بڈُٕ ہ: جناب أسی گیہِ تُہنٛدی ٹپ ٹپ...... تُہنٛدی داس......(گرٛ ھان کھوررٹان)۔

لوکٹ مسخرٕ ہ: جناب یِنہٕ پیٹھ لوٗکو پأتھر وُچھِنی ترأوی ......تہٕ ٹی وی درشن شروع کوٚر......أسی چھِ تنہٕ پیٹھ توہہِ ستی۔

منیجر: مکأری ماچھُو ونان۔

بڈٕ ہ مسخرٕ ہ: مکارگرس لگُن نار۔

لوکٹ: جناب سہٗ واتہِ اندمزار۔

(بڈُٕ ہ لوکٹِس ونان لوتہِ لوتہِ کنس تل)

بُڈٕ ہ: وُچھ،کتھٕ کُنی چھِکھ أسی مورٕ یٚھتھے دأرکھنٛزان۔

منیجر: ٹھیک چھُ......بیہو پتھر۔

بُڈ ہ: جناب کوڑ ہ لوُسس بہ وایان پاٗ تھرن منز ......تو ہہِ کیاہ وٗنیوٗ۔
(گوٗ ھان تہٕ تِکھیکھس نوان کوڑ ہ تہٕ لایان لوٗکن ......تہٕ لوٗکھ کربکہٕ نادٕتلان)۔

تِکھیکھ: بس مسخرٕ ہ......بس یم چھِ میےٚ پننی لوٗکھ......مہٕ لایکھ زیادٕ ہ۔

لوٗکھ: جناب رحم کٔریوٗ......رحم کٔریوٗ۔

تِکھیکھ: کاتھہ گوٗ ھِ نہٕ أزکہِ پتہٕ جمے جیٚس تہٕ تٔمی ہٕنٛدِس سأتھیس ہٕتی پکُن ......یا تِہنٛد کیتھہ مانن۔

لوٗکھ: أسی حضرت کڈ وکھ لنجیو۔

لوکٹ: بیٚیہِ دِموکھ برمنجیو۔

منیجر: ٹھیک چھُ...... گتھ چھُ زیادہ ہیچھِو...... کتھ کٔریوٗ بند......
چانٹمن دیوٗ ٹیب......(ساری لوٗکھ أتھ تھاوان أسس تہٕ ٹیب ہِش دِوان)

تِکھیکھ: بیٚتہٕ چھِ أسی صرف پننہٕ برادری ہٕنٛدی لوٗکھ...... کاتہ ما چھُ بدلہٕ فرقٕک۔

بُڈ ہ: بدلہٕ فرقٕک پیا یور وندنہٕ...... أسی ہے کڈوس پوٚ وچہٕ......تُہی فرمأیوٗ بیےٚ پھرٕ وٕک۔

تِکھیکھ: (زن تقریر کران)...... سأنِس علاقس منز چھیےٚ راتھ گاوٗ ہتیا کرنہٕ آمٕژ...... یہ چھُ ملیچھن ہُنٛد کار......کیاہ گاوٗ ماتایہِ ہٕنز ہتیا پیا کرنہٕ (أس بنٛد گُرتھ لوٗکھ ودان)

مٔنیجر: اَس ترأیؤ یپلہٕ ...... تہٕ کھُلہٕ ؤ دیؤ۔

بُڈٕ ہ: أندری ہینہٕ ستۍ گژھہٕ غأیلہٕ ...... (بڈٕ ودان سأری)۔

تِکھیکھ: یتہٕ یوت آؤنہٕ کرنہٕ ...... ٹلۍ کہٕ چھِ تم مُلکس یژھان چھلہٕ کرنہٕ ...... کیاہ تُہۍ چھوا یژھان ماتایہٕ حِصہٕ کرٕنۍ۔

لؤکھ: بھارت ماتا کی جے۔

تِکھیکھ: اَسہٕ چھُ وُنکیس صرف اَکھ گاشہٕ ژونگ اَتھِ یوان ...... اَسہٕ چھُ مینہٕ فیسٹوہس (Manifesto) منز درج تھوومُت زِ گاؤ ہتیا گژھہِ بنٛد گژھٕہنۍ ...... مُلکچ سلمیت گژھہِ برقرار روزٕنۍ ...... توہہٕ چھُ سہٕ کامیاب کرُن ...... یُس سأنس دھرمس رأچھ کرِ ہ ...... سہٕ گوصرف اِندر ...... اِندر راز۔

لؤکھ: اِندر رازٕ زندہ باد ...... ووٹ دو ووٹ دو اِندر رازٕ ہ کو ووٹ دو۔

تِکھیکھ: بس صرف گژھہِ اِندر رازٕ کامیاب گژھُن ...... مخالفس گژھہِ زمانت ضبط گژھٕہنۍ۔

مٔنیجر: ہُم چھِ کُم ...... اگر نہٕ تمو اسہٕ ووٹ دیُت تم گژھن تیلہٕ یتہٕ دفاہ کرنہٕ ییٚن۔

لؤکھ: ہُمن ہُنٛد بیؤل بھگوانن گول۔

بڈہ مسخرٕ ہ:      (لوکٹس تھف گٔرتھ ترٲن) ...... سائنٛس ارمانن ہُند دوا چھُ

اِندر رازہٕ ......۔

لوکٹ مسخرٕ ہ:   سأئنس دھرمس بس رأچھی چھِ اِندر۔

بُڈٕ ہ:      کرن کامیاب سون فرض چھ اِندر۔

لوکُٹ:      ملک برونٹھ پکہٕ بس اَکھ ناوچھُ اِندر۔

(گاش سوتان)

✿

(لایٹ چھِ ہنا برونٹھ کُن پیوٚ ان صرف چھُ لوکٹ تہٕ بُڈٕ مسخرٕ ہ آسان)

لوکٹ مسخرٕ ہ:   وُنہِ ناچھِ کانہہ جلسہٕ گاہس منٛز آمُت ...... باسان چھُ اسہِ مأگیہِ

بر أنتی زٕ ون۔

بُڈٕ ہ مسخرٕ ہ:   جلدی یُن ہاچھُ تاون آسان۔

لوکٹ:      ناتہٕ اَسہِ کیاہ چھُ ...... أسی گرماوٚ ہالس پٮ۪ٹھ سٹیج ...... تلہٕ بالاگ

ژٕ پٮ۪ٹھ تقریر کرُن۔

بُڈٕ ہ:      نہ سہ بھایا ...... مےٚ چھُنہٕ لیڈر بنُن۔

لوکٹ : سہ کتہِ آسی قسمت......ژیئے ماپے اَتھ سپٹہِ پپٹھ کم عأش چھہِ۔

بُڑٕ ہ : نہ سہ میأنی درٕ ے چھے۔

لوکٹ : ژٕ ے مَرتم۔

بُڑٕ ہ : (وُچھان خطرناک آیہِ )......بہٕ کیاہ وسہِ ہُنٛد چھُسے یہِ۔

لوکٹ : اِڑہ چھِہمہٕ آسنے......دوٚیمے نالا گوتقریر کرُن اردوٗ ہس منٛز۔

بُڑٕ ہ : (زنتہٕ مایک رٹان )...... جناب...... ہلو......آج...... آج کا کاری کرم پرٗس تُوت......تُوت توت ہے۔

لوکٹ : سہٕ تو تیا...... بروٚنٹھ پکھٕ...... (بُڑٕ ہ بروٚنٹھ کُن پکان )......آگے چلونا......میون مطلب چھُ بروٚنٹھ کُن وَن۔

بُڑٕ ہ : آگے چل کر ملک کوتھوٚ دتُلنا ہے......اوپر...... وطن پرستوں کو ختم کرنا ہے۔

لوکٹ : مظہرٕ ہ ژیئے......وطن دشمن ون۔

بُڑٕ ہ : ہاں...... وطن دشمن کو مٹی میں نمک دینا ہے......یہِ زِمیٚژٕ ہٕ نوٗن چھُکھ دیُن......غریبوٗں کو ختم کرنا ہے......غریبی چھُ درُوت دیُن......( تام شور گژھان تہٕ لوٗکھ لیڈرس نکھس کیٚنٛہہ پکہٕ ناوان......پھوپھ نفر بروٚنٹھ بروٚنٹھ نارٕ دِوان)۔

نفر: زِ ......زندہ با......باد...... زِندہ ...... باد...... اِندر پارٹی زندہ باد......(لۆکھ نعرن جواب دِوان)

(کینژہہ نفر چھِ نژان آسان تہٕ کینژہہ چھِ پکان آسان ......لیڈر یۆن وسان تہٕ مسخرٕ ہ یوان تو تتھ ...... مسخرٕ ہ چھِ نعرٕ ہ دِوان)۔

بُڈٕ ہ: آ گیا جی آ گیا......لیڈر ہمارا آ گیا۔

لوکٹ: الہٕ کرِ وانگن کرِ...... پانے کرِ پانے کرِ۔

(لیڈر بیہنہٕ خأطرٕ ہ ہاوان لۆکن)

نفر: پتھر بیہہ...... بہیوی سہ پتھر......سون نیتا جی کرِ توہہِ ستی گتھ پوٚنشہٕ...... (لۆکھ پتھر بیہان)

لیڈر: (نعرٕ ہ دِوان)......ہم کسی سے ڈرتے نہیں ہیں۔

لۆکھ: ضرۆر......ضرۆر۔

لیڈر: سأنی زبان چھیےٚ بیٚون اسہِ گژھِ خاص سٹیٹس آسُن ...... نتہٕ چھِنہٕ أسی سمجھوتہٕ کرنہٕ خأطرٕ ہ تیار...... أسی ہیکو پنُن راز پانٹھ الگ کٔرِتھ۔

لۆکھ: ضرۆر......ضرۆر۔

لیڈر: میےٚ چھُ پننس مینی فیسٹوہس منز یہِ درج کوٚرمُت زِیُس سون آب باقٕی ریاسٕژ کھیٚوان چھیےٚ......تمہِ بدلہٕ گژھن اسہِ پرٕتھ ؤرِیہِ داہ کرور روپیہِ دِنہٕ ین......نتہٕ پھروأسی آبس گوٚل۔

لۆکھ: ضرۆر......ضرۆر۔

لیڈر: اوۄرکی یوۄرکی یِم یور چھہٕ بسنہٕ آمتی ......تِم گژھن واپس کڈنہٕ یِن ...... تکیازِ تِمو چھہٕ کلچرلInvasion کۆرمُت ...... ہرگاہ تِہُند تعداد تِتھے پأٹھی بڈان گۆو ...... أسی گژھو ماینارٹی منٛز ......لہٰذا اُن کو یہاں سے نکال دو۔

نفر: ہماری مانگیں......۔

لۆکھ: پوری کرو...... پوری کرو۔

لیڈر: اَسہِ چھُ پی اصلی مقصد...... تورے چھہِ أسی مأدانِ جنٛگس منٛز وٕتھی متی ...... نتہٕ کَتھ چھیٚ اَسہِ کرسی بکار...... بہٕ چھُس یژھان تِہُند تحفظ ...... پٔنٕہٕ مذہبُک تحفظ ......یہٕ ہیٚکہِ تیٚلہِ ممکن سپدِتھ ییٚلہِ تُہی میےٚ ووٹ دِیِوٚ۔

لۆکھ: ضرۆر......ضرۆر۔

نفر: ہم خۆن بہا ہیں گے......لیکن پانی نہیں دینگے۔

لۆکھ: ضرۆر......ضرۆر۔

لیڈر: توہہِ چھیٚ خبر بہٕ کیاہ چھُس اصلی یژھان۔

(نفر کڈان سبزٕ جِ تہٕ پأکستأنی نٕنہٕ پھۆل تہٕ ہاوان لۆکن)

لۆکھ: ضرۆر......ضرۆر...... لیڈر ہمارا زندہ باد۔

لیڈر: ہرگاہ توہہ کانٹہہ رُکاوٹ پَنٕنۍ کوشش کرِ سہ گژھہِ ختم کرُن...... تُمی سُنٛد نام ونشان گژھہِ ختم کرُن...... بہٕ چاہے ممبر بنہٕ یا خوداہ مہٕ گرٕنی نہ بنہٕ......مگر سأنی جدوجہد روزِ جأری......أسی روزوتو تام لڑان یوٗ تام نہٕ سأنی سأری مطالبہٕ مانہٕ ییٚن......تُہۍ چھوا تیار۔

لوٗکھ: ضروٗر......ضروٗر۔

لیڈر: بس اَتھ چھُ یوہے علاج...... زِ تُہۍ دیوٗ میٚنہٕ پنٕنۍ قیمتی ووٹ......یُتھ ایوانس منٛز گژھتھ بہٕ تُہنٛز نمایندگی کرٕ...... ہرگاہ نہٕ میون کانٛہہ مانہِ أسی کرو اَتھ خلاف بغاوَتھ...... بھوٗک ہڑتال...... ...... ظُلم تشدد...... تہٕ تِم نمراوَکھ پنٕنس فأصلس برونٛٹھ کُنٛز......تُہۍ تھأیوٗ پانہٕ وأنی اَتھِ واس......تہٕ دُشمنس کرو ڈبہٕ ڈاس......اَسہِ یہِ مذہبن کھیٚون چھُ تھوومُت تہِ گژھِ بازرس منٛز دستیاب آسُن......نتہٕ تراون اسہِ یلہٕ...... ( نفرس گُن دولہٕ وُچھان تہٕ سہ لوٗکن سبزٕ ذٕ ج تہٕ نُنہٕ پھوٗل ہاوان )

( گاش سوتان )

❋

(لأ نن انٛد رٕز گروپ گژھان ...... دۄ یوطرفو تٔم اَکھٕ اَکس ستی جنگ کران ......
لورِ وایان ...... مرد تہٕ زنانن ہنٛزٕ ہ کر بکہٕ گژھان شورو وتھان ...... نارٕ کریٚتھ
گژھان ...... ہاہا کار چھُ ووتھان أتھی ستی چھِ شولا یٹ آن گژھان ...... تہٕ
اَکھ جماتھ اِندرس نکھس پٔتھ پکہٕ ناوان ...... جیت گیا جی جیت گیا ...... اِندر
جیت گیا ...... تہٕ بیٚاکھ جماعت پوشہٕ مالہٕ ترأوِتھ لیڈرس برونٹھ پکہٕ
ناوان ...... جیت گیا جی جیت گیا ...... لیڈر ہمارا جیت گیا)
(گاش چھُ جنمے ہنٛدِس سپاٹس پٔتھ پیٚوان ...... سأتھی چھِ پتھر کلہٕ کوٚٹھیٚن منٛز
رٕٹِتھ آسان ...... تہٕ تام چھِ جنمے جے کلس دٕج گنٛڈِتھ أمِس نکھہٕ یوان
وُدأسی ...... جنمے جے سأتھیٚس کلس تھپھ کران ...... تہٕ سأتھی چھُ تھوٚد گژھان
وٕتِھتھ)

سأتھی: ژٕ تہِ تراوکھنا؟

جنمے جے: آتش فشاں پہاڑ چھُ پھٹان سہٕ چھُ سأری سےٕ گریٚتھ
کڈان ...... تہٕ ٹھنڈہ لاوٕہ پٔتھ تہٕ چھیٚے کُنہٕ ووتھان
(ودان) ...... یہٕ نار کیازِہ چھُ دِنہٕ یوان ...... یہٕ نارگمی
دیُت ...... مایہِ کیازِہ آولوٕرہ پارکرنہٕ ...... نفرژ ہُنٛد یہِ شورٕ
کیأری زاؤ۔

سأتھی: کُنی دھرمس منز ناچھیے نفرت لیکھتھ ...... تیلہِ کیا زِہ مکار لؤ کھ
أتھی آڈس منز یہِ نفر ژھُنڈ بیول ووان۔

جمے جے: تکھیگھ تہٕ اِندر چھِ دوست بنیمتی ...... اتہٕ اپور کیاہ وومید ہیکِکھ
ژٕ تمن نِشہِ کرِتھ۔

سأتھی: ژٕ وَن تامیٚ ژیٚے روزیامیٚ پٔتھ پژھ جمے جیا۔

جمے جے: ژٕ رکژھ پاگل گتھ چھُکھ کران۔

سأتھی: میون مطلب ہاچھُ اَکھ أکس نِشہِ چھِ أسی دوٗر کٔرِتھ پژھ
پانہٕ وأنی ختم کرنہٕ یوان۔

جمے جے: پژھ ہاچھیٚ اَکھ جذبہٕ ...... اَتھ جذبس ہا گیہِ لتہٕ مونڈ ...... یِنا گیو و
تمہِ ساتہٕ ییٚلہِ پٹھانو یا موغلو وو پرِ مُلکو اسہِ پٔتھ حکوٗمت کٔری۔

سأتھی: انگریزن ہُنڈ aim اوس Divide & rule ...... مگر
توتہِ ناپوشی نہٕ تم اَسہِ۔

جمے جے: اُن کے وقت میں ہوتا تو غم نہیں تھا ...... وہ تو پرائے تھے ......
آج ہمارے اپنے ہی لوگوں نے ہم میں نفرت کا بیج بویا
ہے ..... یہ کیسی آزادی ہے ...... یہ کیسے اپنے ہیں۔

سأتھی: کیا کُرسیاں پانے کے لیے ہم سے ہمارا پیار چھینا جاتا
ہے ...... یہ کیسا انیاے ہو رہا ہے ......

جمے جے: تمہِ ساتہٕ ناوس میٔۍ کانٛہہ غم ...... مگر بہٕ کیاہ محفوٗظ چھُس از ......

میٔۍ چھاپےٚ کریہِ میون پنٛن ہمسایہِ تہٕ زالہِ میون گرٕ ہ۔

سأتھی: تیمی ہٕنڈِ ہ خاطرٕ ہ بہٕ خوٗن چھُس دِوان ...... سُے ہایٚلہِ پگاہ میٔۍ

کنہِ چھُ لایان ...... میٔۍ کیاہ فأیدٕ ہ چھُ تیلہِ زنٕد ہ روزنُک۔

جمے جے: بہٕ چھُس منٛزی سونچان زِ بہٕ ژلہٕ کُنہِ بدلہٕ جایہِ یێتہِ کم از کم اَتھ

ناوس پیٹھ میٔۍ مارن نہٕ کیٛنٛہہ ...... مگر سونچان چھُس تہٕ کوسہٕ

Identity روزِ ہ میٔۍ۔

سأتھی: چارِ بڈٕیو اِندرو چھا کانٛہہ جائے ترأوِہٕ ...... کوٚت ژلو

...... بس یبگہِ تھاوٗ چالوٗ۔

جمے جے: بس سوے وَتھ چھیٚ ...... اَکھا کھ سرُف زالون نارس منٛز ...... أز کہِ

یپور دِس نہٕ کُنہِ قسمہٕ بادا پیٚنہٕ ...... یبگہِ گژھِ جأری روزُن ...... توٚ تام

یوٚ تام تکھیکھ اِندر ہیتھ نارس منٛز ذِتھ بھسم گژھِ۔

سأتھی: سہٕ منتر پروس ...... چارٕ گژھیٚس نہٕ لگُن دِتھ ہرِتھ پیٚنہٕ ورأ ے

(اُتھس اَتھ رلأ وِتھ تھوٚ دتٕلان زن وعدٕ ہ کران)۔

دوشوے: اب یبگہِ میں بادا نہیں پڑے گی ...... یہ اپنا وعدہ رہا۔

(مسخرٕ ہ زٕ اندر اژان)

بڈٕ مسخرہ: جمے جے ہٕنٛدِس ہمتس تہٕ بھروسس أسۍ جے جے کار مسخرن ہُند۔

لوکٹ مسخرٕ ہ: وُچھسہ بھایا...... اَسہِ چھِ پوٚنسہٕ تکیٚھس نِش تہٕ بنان۔

بڈُ ہ: اِندرتہِ چھُ بخشاَیش دِتھ خوش کران...... مگر دِل چھُ توہہِ ستی۔

جنمے جے: تیٚلہِ دپوا تھٕ اسہِ ساتھ۔

لوکٹ: أسی چھانتہٕ بدذاتھ۔

بڈُ ہ: تُہی پنہٕ ہمتھ ہأریوٚ...... یکبہِ تھأیوٚ جأری...... أسی کروکھ لوٚکھ گرٕ ہ گرٕ ہ گژھتھ تیار۔

لوکٹ: اسہِ مأنتو پنٕنی جوسوٚس۔

بڈُ ہ: توہہِ چھیوٚ نہٕ یہِ منت...... مگر اسہِ وُچھ پانہٕ تمہ کِتھٕ کُنی چھِ پنہِ نیٚو مطلبو خأطرٕ ہ وطنس چھلہٕ یژھان کرنہِ۔

لوکٹ: خوداہ کرِ تِمن تہٕ چھلہٕ تہٕ پھلہٕ۔

بڈُ ہ: توہہِ دِیوٚ نو خوداہ فتح تہٕ نصرت۔

لوکٹ: تِمن کڈِ پانے ربّ میون أسرِ کھ۔

(دوشوے جنمے جے تہٕ سأتھیٚن اندی اندی نژھان)

نیاے ترأیوٚ مائے تھأیوٚ پانہٕ وأنی

پوٚز محبت بأگرأیوٚ پانہٕ وأنی

(گاش سوتان)

❁

(اِندرہِندِس سپارٹس پیٹھ لایٹ اِندرتہٕ لیڈرچھِ تھَر رلاؔ وِتھ تقریر کران ...... کینٛہہ نفرچھِ اندرس بروٚنٹھ کنہِ آسان تہٕ کینٛہہ لیڈرس کُن ...... دوشوے خوش آسان)

اِندر: بہٕ چھُس تُہنٛد شکرگذار ...... ژٕ توہہِ دیتوٚ میےٚ پنٕنۍ قیمتی ووٹ تہٕ بہٕ کوٚروس کامیاب ...... یہِ چھےٚ تُہنٛز کامیاؔبی۔

لیڈر: توہہِ دیتوٚ نہٕ میےٚ یہِ ووٹ ...... بلکہِ میےٚ ووٹ دِتھ کوٚر وٕ توہہِ پننٕس مذہبس رأے چھ ...... یہِ چھُ نوٚن تہٕ ٹاکارٕ ثبوٗت تُہنٛدِ عقل مندی ہُنٛد۔

اِندر: (نرم لہجس منٛز) ...... یُس توہہِ میےٚ ووٹ دیتوٚ تمِیک گژھِ توہہِ پوٗر رِپوٗرٕ فایدٕ میلُن ...... سڑکہِ بناونہِ گیہِ میاؔنۍ کاؔم۔

اِندر: وآران جایِن بستی بساونہِ تہٕ وان بناوٕنۍ زانہٕ بہٕ ...... پنٕنہٕ نِن سأتھیٚن یعنی توہہِ ٹھیکہٕ دیاوٕنۍ چھُ میوٚن فرض بنان۔

لیڈر: نوکریٚن منٛز برابر حصہٕ دیاوٕنۍ چھُس بہٕ پنٕنہٕ ذِمہٕ ہیوٚان ...... بیک ورڈ سرٹفکیٹہٕ پیٹھ تھاؔرڈ ڈیژن پروفیسر کالجن منٛز لاگہٕ ناوٕنۍ چھُ میوٚن فرض بنان۔

اِندر: سون آسُن چھُ مساواتس پیٹھ دٔ رِتھ...... اَسہِ پزِ ہ پرون ملالہٕ مشراوُن...... تہٕ بھأے بندُت قأیم کرُن...... اَسہِ پزِ ہ اتھہٕ واس گٔرِتھ نیرُن...... تہٕ گٹہٕ وَتھ گاشراوٕنی...... یِی چھیٚ رٕژ راج نیتی ونان۔

لیڈر: ہیوٚنڈ چھُ شکر دود چھُ مسلم پانہٕ وأنی...... گاندھی جی یُس یُس دزٕ وِنس ہندوستانس منز گاشہٕ زٕ ژٕ بوزنہٕ آیہِ......سو پزِ ہ اَسہِ زیادے گاشراوٕنی۔

اندر: یم چھِ کینٛہہ خود غرض تہٕ مکار سیاستدان آسان...... جو فساد کراتے ہیں...... مگر جو اتحاد اب آپ قایم کرینگے...... اُسے اِن کے ارادے خاک میں مل جایں گے۔

لیڈر: کینٛہہ وطن دشمن أسی سأنِس بھائے چارس لتہٕ موٚنڈ یژھان کرٕنی...... یُتھ تِہنٛد ناپاک ارادہ واش کڈٕہن...... مگر ہم جیسے وطن پرست خوٗن دینگے...... مگر ان کے ناپاک خابوں کو شرمندہ تعبیر نہیں ہونے دینگیں۔

اندر: ہرگاہ وطن دشمن تہٕ ظالمن ہِندِ ہ ستی گنہِ مندرس اشوری گیہِ اسہِ پزِ ہ رٔلِتھ میلتھ تتھ ٹھیک کرنہٕ خأطرِ ہ سو دِلہٕ چندٕ ہ دیُن۔

لیڈر: گُنہِ تہٕ مسجدٕ ہرگاہ لۆکن ہِنٛدی دٕسی دداعٕ ووت …… یہٕ دِمہٕ حکۆمت کہِ طرفہٕ داہ داہ ساس روپیہٕ …… یُتھ جان عبادت گاہ تعمیر گژھن۔

اندر: ہِندۆ مسلم سِکھ اتحاد۔

لۆکھ: زندہ باد……زندہ باد۔

لیڈر: قومی اتحاد……قومی اتحاد۔

لۆکھ: زندہ باد……زندہ باد۔

(اُتھی منٛز چھِ لۆکو اندرٕ جنمے جے نیران تہٕ لیڈرس تھپھ ژھنان تہٕ لیڈرٕ سنٛدی جلۆسہٕ منٛزٕ ساٗتھی نیران تہٕ اندرس چِپھی ژھنان)

ساٗتھی: ژورانار دِتھ چھُکھا ژھیۆراونچ کۆشش کران۔

جنمے جے: گرن منٛز فساد تُلِتھ چھُکھا وونی آب تراوان……

(لۆکھ یِمن پتھ رٹان)

ساٗتھی: یُس حسدُک دوسہٕ یۆن پاٗدٕ گوٚ تتھ کُسۆ لو ہراوِ وونی۔

جنمے جے: یوس پژھ اَکھ اَکِس پیٹھ وژھ…… تتھ کسۆ کرِ نوٕ سرٕ تعمیر……بدماشا۔

ساٗتھی: بہٕ ناتراوتھ نہٕ……بہٕ ہاچیمے خۆن وطنکہِ دشمناہ۔

جنمے جے: بہٕ ہازالتھ زندے……انسانیکہِ قاٗتلا۔

لیڈر: یہِ چھُ شر پسند نفر ...... یہِ گژھِ رٔندانس منز قأ دتھاؤ ن ...... أمس گژھن پکھ ژٹنہٕ ...... یُتھ باقیٕ تراس کھیٚن ...... اِن کو پولیس کے حوالے کرو۔

اِندر: یہِ چھُ قومی اتحادس ذکھ واتناوان ...... یہِ گژھِ کُڈ برُ ن ...... یہٕ چھُ دہشت پسند ...... ان پر مقدمہ چلایا جائے۔

(جنمے جے لیس تہٕ تمی ہنٛد بن سأتھیٚن ......لۆکھ کھکھرِ ہ کڈان ...... تہٕ أتھی ستی چھُ گاش تہِ سوتان)



گاش چھُ پیٚوان جنمے جے ہنٛدِس سپاٹس تہِ اِندر ہنٛدِس سپاٹس پٹھ یکہٕ وٹہٕ ...... جنمے جے لیس نِش چھِ لۆکھ آسان زن تہٕ خشمہٕ ہُتی ...... لۆکھ تہِ چھِ مشتعل آسان شور چھُ منزی ووتھان ...... یپأری چھُ اندرس نِشہٕ تکھیٚکھ آسان کرسی تھپھ گرِتھ ...... اندر چھُ پریشان سپاٹس پٹھ اورٕ یور کران ...... جنمے جیٚس نِش لایٹ ہناہ ژھوکان تہٕ اندرس نِش تیزان)

تکھیٚکھ: بس اِندر جی ...... وونی چھم تہنز آش ...... میےٚ پٹھ گرِیوٚ پننہِ کرمُک ورِشُن۔

اِندر: ژِ ونان کیاہ چھُکھ ...... چانیو اعمالو وولہس ہِتہٕ ...... میٖٚے تہٕ چھیٚے پٔنٕنۍ کرسی باسان نٹان ...... یہٕ ہیٚکِہ نہٕ ژیٚے کانٛہہ اتھٕ روٹ کٔرِتھ۔

تکھیٛکھ: (ہنا شرارتہٕ سان) ...... یہٕ گٔیہ وعدٕ ہ خلاف ...... ییٚمہِ وِزِ میائٕنۍ ضرٗرتھ آسیٚ تمہِ ساتہٕ کوٚر ژٕ تم نالہٕ موٚت ...... اِدہ وونۍ چھُ میٚے مصیبت توے چھُکھ پوٚت ہیٚوان۔

اندر: بس کر تِکھیٛکھ ...... ژیٚے چھی وونۍ حواسہٕ ستۍ کاڈی ڈٔلمتۍ ...... پرٕ تھ کانٛہہ چھُ بیٚیس توٚ تام ساتھ دِوان ...... یوٚ تام سہٕ پانہٕ محفوٗظ چھُ آسان ...... غاژ محفوٗظی منز چھُ پرٕ تھ کانٛہہ کھوٚر واپس کڈان۔

تکھیٛکھ: مہراج یہٕ گٔیہ بٔنٛ ییٚن ہنٛز پالیسی ...... راژٕ ہنٛز پالیسی چھیٚے قوٗلس پیٹھ زٗ دیُن ...... نتہٕ ووتھ پرزایہِ پڑھ۔

اندر: یہٕ کتہٕ چھُسے ژیٚے ساتھ دِنٕس انکار کران ...... مگر پٔنٕنۍ خود غرضی ترٲوِتھ وُچھ ژٕ میٚے کُن تہِ ...... یہٕ تہٕ آس چانہٕ ستۍ ولنہٕ ...... یُس فساد میٚے کینژٕس کالس تلنو تمۍ رٔٹ وونۍ اَکھ مکمل وَتھ ...... میٚے چھِ گوڑٕ ہ پٔنٕنۍ کرسی بچاوٕنۍ فرض بنان۔

تکھیٛکھ: مگر مہراج میون تہِ کٔریوٗ کانٛہہ وہ پائے ...... یہٕ چھُسے ژیٚے شرن آمُت۔

اندر: (ہناہ نرمان)...... بہٕ چھُس پانہٕ لاچار تہٕ بےٚ بس ...... مگر چونکہِ ژٕ چھُکھ میےٚ دوس بنوومُت بہٕ تراوتھ نہٕ ژٕ منٛز سرس یرٕوُن میےٚ چھُ چانہِ خاطرٕ ہ سوٗنچمُت ۔

تکھیٚکھ: (گلُو گنڈان)...... مہراج فوراً بأیوٗ بہٕ کرٕتتھ پیٹھ عمل ...... تہٕ جمے جیٚس نش لبہٕ نجات ۔

اِندر: ژٕ تراو میےٚ یلہٕ تہٕ گژھ فوراً واسوٗ کی جیٚس نش ...... تمے چھِ چأنی خأطر خواہ...... تمے ہاونے ژیےٚ رٕژ وَتھ...... یتھ ژٕ دزنہٕ نش بچکھ ۔

تکھیٚکھ: واسوٗ کی جی آسن پریشان میےٚ کیاہ مدد ہیٚکن تم کرِتھ ۔

اندر: ژٕ چھُنکھ طمہن اوٚن کوٚ رمُت ...... ژیےٚ چھُے نہٕ پےٚ واسوٗ کی کیاہ ہیٚکن کرِتھ ...... أخر چھُ سہٕ سرفہٕ زأ ژہُند نیک کانچھان ...... ووتھ ژٕ گژھ فوراً تس نش ۔

تکھیٚکھ: مہراج یہٕ تُہنٛز اِچھا آسہِ ...... ییٚلہِ کانٛہہ پھٹان چھُ سہٕ چھُ کیٚچھ گُلین تھپ دِوان ۔

اِندر: پنا ژیےٚ رائے گژھی بہٕ چھُس نہٕ چون دوس ...... مگر بہٕ وِنے ژیےٚ بیالہِ منٛزٕ چ گتھ ...... بہٕ چھُس اِندر ...... مگر اصلی اِندر یم چھِ تم چھِ بدلےٕ ...... میےٚ چھُ باسان تمو منٛزٕ ماچھُ کانٛہہ جمے جیٚس ساتھ دِوان ۔

تکھیکھ : یَم کمہٕ کنتھٕ چھوٚتہِ موکھٕ منٛزٕ ہ کڈان ...... میون برم کیا زِ ہ چھیوٕ ہ خامخواہ پھٕٹرا وان۔

اندر: بہٕ چھُسے پوٚز ونان ..... بڈٕ ہن اِندرن نِش چھُس بہٕ اَکھ کھلونہٕ ......یتھٕ پأٹھی یژھن تتھٕ پأٹھی ِگندنم۔

تکھیکھ : مہراج بہِ چھُنہٕ پژھِ لایق کتھ ......یہِ ِکتھٕ کٔنی چھُ ممکن۔

اندر: اچھاوُ چھ تم ِکتھٕ کٔنی چھِ ِگندان ...... بہٕ چھُس ووٕنی تمن نشہِ پان مُچھٕ تھاوٕنچ کوٗشش کران۔



(لوکٹ مسخرٕ ہ تہٕ بُڈٕ ہ مسخرٕ ہ یوان سٹیجس پیٹھ زنتہٕ ٹی وی اناونسر چھِ)

بُڈٕ ہ مسخرٕ ہ: رکاوٹ کے لیے ہم کھید پر کٹ کرتے ہیں۔

لوکٹ مسخرٕ ہ: ''گیا پھرٕ تھ'' ژٕ ِکہو ونان پرکھٕ ...... ِکنہٕ یہِ چھُ ووٕرِ کھٕ۔

بُڈٕ ہ: ووٕرِ کھٕٹے سوزٕ تھ ...... ژٕ کونا اسان (لوکٹ اسان) ...... کٹ ...... کٹ۔

لوکٹ : کُس کھٕ کو ہند کھٕ ......تلا میٛ ہاوُن بہٕ کرس چٹھ پٹھ۔

بُڈ ہ: دوہے ژھوپہ کر...... اسان کتھ پیٹھ چھُکھ۔

لوکٹ: آہنؤ ووتھم ہے اَس۔

بڈہ: ناکتھ پیٹھ ووٗنمے۔

لوکٹ: کتھ پیٹھ کمس پیٹھ۔

بڈہ: ژیےٚ توٗ رُے ناکہن فِکرِ...... اندرن ہاکوٚر تکھیٚکھس انکار......
پناہ دِنس...... مگر ییٚلہِ کرسی باسیوس ٹاس یوان...... تکھیٚکھ
کوڈُن دکہِ دِوان۔

لوکٹ: کیازمانہ ہے...... کسی پر بھروسہٕ نہیں ...... یِنا میےٚ اِندرِ ہندی
پأٹھی منزوتہِ تراوکھ زانہہ۔

بُڈہ: نہ سہٕ تہِ بنیا...... چاہے ربّ روٹھے مگر ساتھ نہ چھوڑینگے۔

لوکٹ: آ...... دغا نہیں دینا جی...... دغا نہیں دینا...... زمانہ خراب ہے
دغا نہیں دینا۔

بڈہ: ووٗنی چھُس دپان بہٕ چھُسے لاچارہ میےٚ چھیےٚ کتہِ تام رز دوبس
گنڈِ تھ۔

لوکٹ: تِنا وون نس نہٕ...... دوپنس بُڈی اندر چھِ تمنےٚ اتھِ چھُ سارنےٚ
لوکٹن ہٕنز رز...... اِدہ یپأری خوش گڑھکھ تیأری پکہِ ناونس۔

بُڑہ: اِدہ باتہٕ تی مگر یِہ ما اَپزٕ ونان...... یہٕ چھُس نہٕ کانٛسہِ ستی مگر چھُ بڈِ بن اندرنٕ ستی وٲنٹھ۔

لوکٹ: بکواس چھُکھ کران...... یِہ اِندر ہا چھُ واسہٕ کی سُنٛد پٲرو کار...... پنا چھُنہٕ اندرن ماتحت۔

بُڑہ: اچھ تیٚمی بڈی اندر کیاہ چھِ کران...... یِہُند مقصد کیاہ چھُ۔

لوکٹ: وُچھن چھُکھ یژھان۔

بُڑہ: اِدِ کراچانٛس اَپزِس پیٹھ پژھ...... میون گوٚ وُچھمتِس پیٹھ بھروسہٕ کرُن...... نتہٕ گو یِہ بوھتانہٕ۔

(گاش تھوڑا کم گژھان)



(باتھ شروع گژھان تہٕ اکہِ طرفہٕ چھُ وِنگہِ منزٕ کرہنی پلوٲ گتھ نفر نیران تہٕ پرُژھن رٹان رابٲرٹ سٕندی پٲٹھی...... تہٕ تتھے پٲٹھی چھُ بیٚیہٕ طرفہٕ سفید پلوٲ گتھ أمِس Opposite جایہِ رٹان...... یمن Chess مہرُن ہیٚکو سفید پلو دِتھ Tight...... تتھے گٕنٛز کرہنن تہِ)

شطرنج چھے لٲج ہژ باز یارو باز یارو

بیٚیہِ فیلہِ تہٕ پیادٕہ چھے یا قٲضی یارو قٲضی یارو

کرناوان چھِ فیلن تہٕ پیادن جنگ
کُس گوٗو کرہُن تے کُس چھُے سفید رنگ
یُس بُتھِ لوٗگ تس وِنان غأزی یارو غأزی یارو
شطرنج چھُے لأج ہٕژ باز یارو باز یارو

(بأتھ موقلنس تام چھُ اکِہ طرفہٕ أٹھ تہٕ بێیِہ طرفہٕ أٹھ آرٹسٹ شطرنجُک board ہیُوٗ بناوان۔

(گێونس ستی اکِہ اکِہ نیران تہٕ لأنن منز کھڑا گژھان...... اکِہ طرفہٕ کرہن تہٕ بێکِہ طرفہٕ سفید...... زن تہٕ Chess بورڈس پێٹھ کھڑا آسان...... دۄن درێن پتیٚ کِنۍ چھِ زٕ مسخرٕ ہ کھڑا آسان یِم زن زٕ power چھِ بنان۔

بڑٕ ہ مسخرٕ ہ: یہِ لو میں نے آپ کے پیادے کو گرا دیا...... (کرٕہنس أکِس سفیدس ٹھول دِوان)

لوکٹ مسخرہ: گُری میأنۍ کھێو چون فیل...... وٕتھ پٔنُن ڈێرٕ ہ...... (کرہُن سفیدس ٹھول دِوان)۔

بڑٕ ہ مسخرٕ ہ: خأنی جایہِ پکہٕ ناوان بێیِس سفیدس) یہِ لوٗگ چأنس وزیرس کوٗر۔

لوکٹ مسخرہ: (أکِس کریہنس برونٹھ ٹپکہٕ ناوان یوان)...... ہرگاہ میون وزیر پێیِہ چأنِس پادشاہس آو موت (شرارتہٕ سان)۔

بڈٕ ہ مسخرٕ ہ: ژٕ تہٕ روز کھ نہٕ محفوٗ ظ ...... رٹھ بہٕ پوٚ کسے چال (شرارتہٕ سان)

لوکٹ مسخرٕ ہ: بہٕ چھُسے دپان ...... قدم رٹھ پتھ ...... نتہٕ گژھکھ وزیرٕ نشہِ کیاہ بادشاہ ہتھ قاٗد۔

بڈٕ ہ مسخرٕ ہ: چاٗنی قدم گیہِ میانہِ ذِمہِ روٹہٕ کرٕ نی (سفید کرہٕنس ٹھول دیوان)

لوکٹ مسخرٕ ہ: گرٕ لڑ آے واتہٕ ناوٕ نۍ چھبہٕ سون aim ...... یہِ گژھِ فیلن تہٕ پیادم تامے محدوٗد روزٕ نی۔

بڈٕ ہ مسخرٕ ہ: تیٚلہِ ترٔ ایٔ یہِ اریا میےٚ واپس ...... اتہٕ تھ چھُ میون اڈٕ ۔

لوکٹ مسخرٕ ہ: ژٕ رٹن ہوٚ س پتھ ...... اتہٕ تھ چھِ میےٚ پنٕز Base قایم کرٕ نی۔

بڈٕ ہ مسخرٕ ہ: بہٕ چھُسے دپان جنگ کر بند ...... نتہٕ چھلکھ یٚمہِ نشہِ تہٕ اتھ۔

لوکٹ مسخرٕ ہ: بہٕ دباوَ ے بٹُن تہٕ چانہِ زمینہِ لگہِ نارٕ ے نار۔

بڈٕ ہ مسخرٕ ہ: گرٕ پیٹھ مہٕ واتہٕ ناولڑ آے ...... بہٕ کرے تیلہٕ کریلیٚن پیٹھ حملہ۔

لوکٹ مسخرٕ ہ: تمہِ برونٹھ آسن چانہِ سونہٕ کانہٕ سرتل بنیمٕژ۔

بڈٕ ہ مسخرٕ ہ: میانیٚو کریہنیٚو start ...... (کریہنٕۍ سفید لڑ آے کران ...... اَکھ اَکس لایان ...... گولہِ چلان ...... تہٕ جہاز وٕتی فایرنگ کران)۔

بُڈٕ ہ مسخرٕ ہ: سٹاپ ...... (سأری رُکان تہٕ اَکھ اسان) ...... بہٕ چھُس کریہنٕۍ ہندِس حملس مذمت کران ...... یہِ چھُ انسأنیتُک قتل۔

لوکٹ مسخرٕ ہ: بہٕ چھُس سفید ہٕنٛدِ جنگن کرِ ہند اکران ...... یہٕ چھُ امن پسندن ہُنٛد خوٗنِ ناحق بہاونہٕ یوان۔

بُڈٕ ہ مسخرٕ ہ: (اُکس کریہنِس الگ کڈان ...... تہٕ سفیدن اتھِ گولہِ توپھ بیترٕ ہ چلاوان ...... کریہُن گنٕے زوٗن لڑان ...... تہٕ ساری کریہٕنؠ الگ کُن نیرِتھ سمان ...... تہٕ میٹنگ کران)

اَکھ کریہُن: تلہٕ سادرواز کرچیرٕ ہ بند ...... یتھ نہٕ کانٛہہ سأنی کتھ بوزِ ہ۔

(اَکھاہ وٕ وتھان تہٕ درواز ہ زن بند کران)

بیٚاکھ کریہُن: یُس حملہِ سأنِس کریہنِس پٹھ سپُد سہٕ چھُ سبٹھاہ ظُلم تہٕ بربریت۔

سأری: أسی چھِ سفیدن زوردار مذمت کران ...... تہٕ بیٚیہِ چھُس دپان جنگ بند کرُن ...... ہرگاہ نہ سہٕ بند کرِ (گلہِ زیوِ گرشھان)۔

اکھ کریہُن: ہرگاہ نہٕ بند کرِ تیٚلہِ کروس أسی تیٚل بند ...... أسی انو ایٹم بم بلیکس منٛز ملی ...... تہٕ کرون ختم ...... لہٰذا کران جنگ بندی۔

سأری: نتہٕ چھِ أسی ملامت کران۔

اَکھ: توے گرِ نی سہٕ جنگ بندی ہُنٛد اعلان فوراً۔

اکھ کریہُن: أنیٚو سہٕ وٕ ونی فور اُڈرنکس ...... ٹلی کھسہِ پھیمب ......۔

(اکھ وٕ وتھان تہٕ زن شرار بہٕ انان تہٕ ساری چیٚوان ...... تہٕ أتھی ستی چھیٚے

میٹنگ برخواست سپدان...... کریہنؠ چھکر وانہٕ یوان...... گوڈٕنکس کریہنس پیٹھ برابر حملہٕ سپدان سفیدن ہُنٛد )

لوکٹ مسخرٕ ہ: یہٕ چھس پنہٕ نٮ۪ن فیلن تہٕ پیادن حُکم دِوان زِ تم روزن ایکشنہٕ خاطرٕ ہ تیار...... وُنی وُنی سپدِ سفیدن پیٹھ حملہٕ۔

( کریہنؠ زن جہازن ہنٛزٕ شکلہٕ اختیار کران )

بُڈٕ ہ مسخرٕ ہ: ( یہِ بوٗزِتھ )...... سفیدن چھُ حُکم سپدان زِ کریہنٮ۪ن واتناوِنی گرِ پیٹھ لڑائے۔

لوکٹ مسخرٕ ہ: سفید چھِ پانہٕ وأنی امنہٕ امانس منٛز...... تمن دیٖؤ پانہٕ وأنی نفاق تُلِتھ۔

( اَکھ کریہُن گرٕ ھان تہٕ أکِس سفیدس کیہتام ونان...... یکدم سفید پانہٕ وأنی لڑآے کران )

بُڈٕ ہ: ( گرٕ ھان تہٕ تمن رکاوان ) یہِ چھیٚ اَکھ انٹرنیشنل چال...... کریہنؠ چھِ یژھان سون اتحاد پھٹراوُن...... مگر ہم ایسا ہونے نہیں دینگے۔

(سفید امُن کران)

لوکٹ: بدلہٕ چال پکیٚؤ۔

بڈ ہ: کریہنٛز چھِ ژھوپہ کرِتھ اتہِ گرٛشھ ووسہِ دروسہِ وٕہنز ـ

(سفید کریہنس ہاوان تہٕ سہ ٔ بیٚیہِ رٕکس ...... کریہنٛز ستی لڑائے کران)

لوکٹ: I say you stop it ...... (کریہنٛز رکان) ...... یہِ چھیٚے سفیدن ہنٛز چال پتھ تھاوِن ...... But this is impossible ........... یہ نہیں ہوسکتا ـ

بڈ ہ: أسی چھِ اتھ سأزشہِ خلاف ـ

لوکٹ: یہ چھُس اَتھ مکأری اپوزِٹ ـ

کریہُن تہٕ سفید: (یکوٹہٕ) لیکن ہم شانتی چاہتے ہیں ـ

بُڈ ہ: وہ تمہیں مرکرہی پراپت ہوسکتی ہے ـ

لوکٹ: لہٰذا روٗزِنی جنگ جأری ـ

(بیٚیہِ سفید تہٕ کریہنٛز لڑان پانہٕ وأنی)

(تنگ یتھ کرِہنٛز تہٕ سفید رُکان)

سأری: (یکوٹہٕ) ...... ہم ٹوٗٹ چلے ہیں ...... ہمیں مُکتی دو ـ

مسخرہٕ ز: وہ نہیں ملے گی ...... لڑتے رہو ...... لڑان روٗزیوٗ ـ

(گاش سوتان)



(گاش پتہٕ اِندرٕ سٕنٛدِس سپاٹس پیٛو ان)

اِندرٕ: یہ چھُس پانہٕ پیےٚ بس...... مگر سأتھی آسنہٕ موجوٗب ونان چھُسے ژٕ کرُن اسوکی کنسلٹ...... سُے ہاوی ژیےٚ رٕژھ وَتھ...... یہِ چھُے میون نیک مشورٕہ...... گرٕھ نیر دوان۔

تکھیٚکھ: بس مہراج أچھی آیم مژراونہٕ۔

(گاش سوتان)

❖

(لوکٹ مسخرٕہ تہٕ بُڈٕ مسخرٕہ اژان سٹیٚجس پیٹھ اسان اسان)

لوکٹ مسخرٕہ: رِکھو گوٚے اسنس لایکھ۔

بُڈٕہ مسخرٕہ: (اسان)...... ژٕ چھُکھا وُچھان تکھیٚکھ تہٕ اِندرن ہا ہور...... پرانہِ کہانی ہا آو انقلاب۔

لوکٹ: گوکھ غرقِ آب...... کیأ ری ہور تمو۔

بُڈٕہ: (ہاوان)...... ہُپأری ژیےٚ چھُیہِ پےَ...... تیٚلہِ رِتھ گٔژ چھُکھ مسخرٕہ بنیومُت۔

لوکٹ: یہِ کیا سنا دوہلی خاب چھُ وُچھان (ٹاس کڈان مسخرس)...... کیأری ہورُن۔

بُڑٕ ہ: وُچھتھ ناپران کیاہ تہٕ اَوکُو شۆیلہ۔

لوکٹ: مگر جمے جێن کیاہ کۆر تیُتھ یتھ پیٹھ تِکھیکھ تہٕ اِندر گۆباُرِتھ۔

بڑٕ ہ: پَے نہیں ...... اِتفاق میں طاقت ہے ...... اِس نے سب لوگوں کو یکجا کیا اور اِندر اور تِکھیکھ کے خلاف بغاوت کردی۔

لوکٹ: نہ سہَ باخوداہ چھُے۔

بُڑٕ ہ: اس نے زمین پر سکوٗل تعمیر کیا اور تِکھیکھ کا جینا حرام کر دیا۔

لوکٹ: (اَتھ مۆران) ...... وونی کیاہ بنہِ ...... ییتہِ اپور کتھ گٔژ لگہِ تیلہِ سٹوری واتھ ...... ہتا جمے جیا لۆگیاہ گرس نار ...... سائنس ڈرامہس ہائگرِتھ اڈ ژٹے۔

بُڑٕ ہ: (لایان) ...... یہِ چھُ زمانے بدی ہُند ...... نیک گرٕ ھن گائنز یُتھ بٔدی زیادے پوچھر لبہِ۔

لوکٹ: مگر بہٕ کرن ناکام جمے جے ...... میٔ گرٕ ھِ پاٚ ٹھر نتہٕ خراب۔

بُڑٕ ہ: چھکھ ناژ بۆ ڈب ...... یہٕ وُچھ کم رزٕ گری ژٹکھ ...... اَسہِ زیوٗن پھر ہے لتی کری واوجہِ واؤ ...... نشہِ لوگ ہے آؤ۔

لوکٹ: (نیران نیران) ...... ژُوچھ کتھ گٔژ کڈس دب۔

بڑٕ ہ: (لاگان) ...... چھکھ ناژ کو کر۔

(گاش سوتان)



(تام چھیٚ لایٹ پیٚو ان تِکھیٚکھنِس sets اندٕکن ......یَتھ اندر...... واسۂ کی ناگ چھُ آسان...... جرت کاروٕستی گنداں...... واسۂ کی یٚس چھیٚ سو...... اُچھن تھوٚپ دِوان)

واسۂ کی: اوہو جرت کارو...... ژٕ رونو کھنہٕ ووٕنی منز پٔچ جرت...... ژٕ کیا گنڈٕ باشہٕ کران۔

جرت کارو: آں...... ہاں...... ژٕ کیاہ چھُکھ بھائے صاب بدلےٚ گتھ کران...... گرٕ ھ بہٕ کرےنہٕ ژیٚے ستی کتھ۔

واسۂ کی: (ووتھان تھوٚ دتہٕ منہٕ ناوان لَس)...... وُچھہٕنہٕ ژٕ چھکھ میٚے کورِ بدلہٕ تہٕ...... اٰخر ژٕ گیٚکھ بُڈٕ ی...... میٚے چھُ یہٕ نار اندری کٔران...... بہٕ کرٕ وٕ چھے ژیٚے مانٔزِ ہ اتھِ سہٕ دوٚہ آسہٕ میون سارِوٕ ے کھوتہٕ رُت دوٚہ۔

جرت کارو: اُکیاہ لوٚگُکھ پیٚہ ٹھٹھ کرنہٕ بائے صابا...... اتہٕ اپور کرےنہٕ بہ برداش بہٕ ژلہٕ پیٚتہٕ۔

واسوکی: (زن پریشان)...... اوہو...... پکیاہ شُرٕی کتھ چھکھ کران ژٕ...... کوٚت ژلکھ میٚے ترٔ اوِتھ...... ژیٚے بغأر رہیٚکا بہٕ زندہ رٕوٚ زِتھ۔

جرت کارو: تیٚلہٕ مہٕ آس میٚے تھی یمہٕ کتھہٕ کران......نتہٕ دِیےبہٕ......

(تھچھ دِوان کلس ......سہ پتھ ژلان)

واسوکی:　　أتی روز ژ۔

(پتہٕ دوران تہٕ تام چھُ تِکھیٚکھ تہ اندر اژان)

اِندرتہٕ تِکھیٚکھ:　مہراج وسٕوکی جی ......تباہ گیہِ ...... خار گیہِ۔

واسٕوکی:　باسان چھُ یمن چھیٚ بوچھِ زیادے گنیمژ ...... جرت یمن کیُت اَن کینژ ھا۔　(جرت کارو نیران)۔

اِندر:　مہاراج تِکھیٚکھی وولنس بہٕ تہٕ پانس ستۍ ...... بہٕ گوس مارٕ ...... میٚ چھُنہٕ ووٚنۍ کُنہِ کنۍ امُن بہان۔

واسٕوکی:　پانے یُس نار چھُ دِوان تمہٕ ستۍ چھیٚ ژھٹے نیران ...... تہٕ کیازِ ہ یہِ چھُ پلانس اندر کرنہٕ یوان۔

تِکھیٚکھ:　(کھور رٹان گژھِتھ) ...... مہاراج یہِ چھُ سوال سانہِ زأژ ہُنْد اَکھ جنے ہے چھُ یژھان سانہِ زأژ ختم کرُن ......تمیُک ورگہٕ اثر پیٚیہِ توہہِ تہٕ۔

واسٕوکی:　(اسان) ورگہٕ کتھ چھُکھ ونان ...... دپھ سیٚدِ سیٚو داثر چھُ میٚ تہِ پیومُت ......بہٕ تہٕ چھُس نارس کُن دزنہٕ خأطرٕ ہ پکان۔

تِکھیٚکھ:　مہراج تیٚلہِ گریٚو کینژ ھا ووپاے ......بس آخری وومید چھیٚ تُہنز ...... اِندر جی گیہِ ناکام۔

اِندر: ییہِ اوس مہراج تُہنٛد مسلہٕ ...... تہٕ بہٕ آس ناحقس پیٹھ ولنہٕ ...... وونؠ چھُم نہٕ تگان اَمہِ آولنہِ منٛزٕ ہ واپس تہِ کھسُن ...... بس چھُ تُہنٛد آسرٕ ۔

واسوٗکی: میٚ چھیٚ برہماجی یٚس ستی کتھ کرٕمژ ...... تہٕ میٚ چھِ پےَ نارٕ نِشہِ دزنہٕ نِشہِ رٚکھ پأٹھی بچوأسی ۔

تِکھیٚکھ: توہہِ مہراج چھیٚ سأرےٚ پےَ ...... بس طریقہٕ وٕنیوٗ ...... یُتھ جنمے جٚیس ییگہِ گژھِ بند ۔

اِندر: میٚ چھیٚ وأنج رتھ چوان تُمؠ چھُ چیٚن کوٚرُس بہٕ تہِ مارٕ ہ ۔

تِکھیٚکھ: تُمؠ مہراج کوٚرسون لُسُن بسُن محال ۔

واسوٗکی: توہہِ کتھ پیٹھ چھیٚ پیٚژ اہ ہمت ہأرٕمژ ...... کانٛہہ فکر چھنہٕ ...... بہٕ کرٕ ہ سورُے یلاج پانے ۔

تِکھیٚکھ: مہراج أسی تہٕ زَن بوزٕ ہو یُتھ تسلاہ گژھِ ہے ۔

واسوٗکی: پرٕتھ کانٛسہِ ہنٛز خصلتھ چھیٚ پان محفوٗظ وُچھُن ...... توے پیٚیہِ توہہِ وُنُن (ہنا شرارتہٕ سان) ...... گوڈٕ ہ چھُنہٕ تران میٚ فِکرِ ہ ژیٚنؠ کتھ أسیے تِمس ٹوپھ دِنٛچ ضروٗرتھ ۔

تِکھیٚکھ: مہراج بہٕ چھُس شرمندہ ...... مگر بہٕ گوس غلطی کٔرِتھ ۔

اِندر: مگر میٚ بچاوتو ...... بہٕ اَس ولنہٕ۔

واسُہ کی: بوٗ زیوٗ بہٕ واتہٕ ناون جرت کاروٗ نیتھر کرِتھ جمے جے ہٕنٛدِس دٔرس منٛز۔

اِندرتہٕ تِکھیٚکھ: کیاہ...... (حاران)...... نیتھر...... مگر تمہِ ستی کیاہ بنہٕ۔

واسُہ کی: تہِ پرٛژھ پانس...... شسترس چھُ شسترٕ ے ژٹان۔

اِندر: مہراج مگر سہٕ مانیا تہٕ۔

تِکھیٚکھ: ہرگاہ تمۍ اِنکار کوٚر تیٚلہِ کیاہ بنہٕ۔

واسُہ کی: میٚ چھُ برونٛٹھے انتظام کوٚرمُت...... مگر ہناچھُ توہہِ تہٕ مدد کرُن۔

تِکھیٚکھ: أسۍ کیاہ مدد ہیٚکو کرِتھ۔

واسُہ کی: خاندرکرنس منٛز چھُ اتھ روٚٹ کرُن...... بیٚیہ کیاہ (اسان)۔

تِکھیٚکھ: مہراج ہرگاہ تمِس شکھ گژھِ سہٕ کرِ ہ صاف اِنکار۔

واسُہ کی: ژیٚ کیاہ حیثیت چھے تیٚلہِ...... ژیٚ کم کاڈٕ چھی تیٚلہِ۔

اِندر: مہراج بہٕ چھُس تیار۔

واسُہ کی: بس تیٚلہِ کتھ چھُوٕ پراران۔

دوشوے: (اِندرتہٕ تِکھیٚکھ یکوٹہٕ)...... بس مہراج تُہٕنٛدِ عقلہِ ہُند گاش پرٕزنوو ازأسہِ...... اچھا أسۍ نیرو...... (نیران)۔

(جرت کاروٗ اندراژان بھأیس ونان)

جرت کارٕ: بھائے صأبا...... یہِ کیاہ چھُکھ ژٕ مژر کران۔

واسہٕ کی: جرت بہٕ چھُس یژھان ژٕ گژھکھ جان گرس منٛز باگنی ہنٛز...... میٚنۍ تہٕ وسہِ ہے کلہٕ ہٮ۪ٹھ نارٕ ٹوک۔

جرت: مگر ژٕ ہ چھُکھ میٚنۍ وہ پرزأ ژ منٛز دیُن یژھان ...... بہٕ کتہٕ رلہٕ تمن ستی۔

واسہٕ کی: وُچھ ہیٚنٛز میٚنۍ چھِ ژٕ مقصد...... اکھ ژٕ جان گرس منٛز دِنۍ...... تکیازِ ہ بہٕ ہرگاہ خراب چھُس ...... مگر ژٕ گژھکھ نہٕ یتھ تاوِنس منٛز پھسنۍ ...... تہٕ ہیٚیہٕ چھِ وُنکیٚس سأنی ذاتھ خطرس منٛز۔

جرت: مگر بأے صأب ژٕ سونچ میون تہٕ ...... بہٕ کیاہ کرٕ تتہٕ۔

واسہٕ کی: تمہ چھِ سبٹھاہ جان ...... ژٕ روزِ یہٕ فکر۔

جرت: کیاہ کرٕ ہ پننہِ زأ ژ نبر ...... (ہناہ ودان)...... خأرٕ ژٕ چھُکھ میون بب موج۔...........(نیران)۔

(گاش سوتان)



(لایٹ چھِ پیٚوان جمے جے ہِنٛدِس سپارٹس پیٹھ)

جمے جے: اِس میں چنتا کرنے کی کیا بات ہے پیارے۔

سأتھی: تو کیا سمجھتا ہے...... میری شادی ہو جانے سے میری پرواز میں تھکان نہیں آیے گی۔

جمے جے: کیا ہو گیا ہے تمہیں...... یہِ کرِتھ کتھ چھُکھ کران......ژیٚے کیازِ ہ nagative اپروچ...... ہرگاہ ژٕ تتہِ خاندر کرکھ تمہِ ستیٚ گژھو أسی زیادے زوردار...... یہِ چھا ضروٗری اَسہِ ییہِ کمزوری...... دپھ تِمس ییہِ کورِ مول آسنہِ سببہِ اسہِ مخالفت کرنس منٛز توس۔

سأتھی: پکیازِ ہ چھے مشتھ گژھان زِ یَس کورِ مالیٚن امیر چھُ آسان......سو چھیٚے خاوندس پیٹھ حُکمرأنی کران۔

جمے جے: again nagative thinking......
چأنِس سوچس ییہِ تیٚلہِ ڈگمگایٹ ییٚلہِ سہٕ غلط آسہِ......مگر وَدس دھرم یعنی سچائی کسی ماحول یا وقت میں چینج نہیں ہوتا ہے...... (اسان)...... میٚنے چھُ باسان ووٗنی تو رُے فکرِ ہ۔

سأتھی: میٚ ہاُکستام انٛزاُنٛ خوف دِلس کوٚران۔

جنٛمے جے: گوٚ تیٚلہِ چھیٚے ژیٚےٚ منٛز کہتام کھوٹ...... ننۍ ہرگاہ ژیٚےٚ پنٛنٛز پرمانہٕ برابر آسِنے تیٚلہِ آسہٕ ہکھ ژٕ۔

سأتھی: جنٛمے جے...... ژیٚےٚ چھےٚ نہٕ پَے...... یُس پانہٕ صاف تہٕ شود چھُ آسان...... تس چھُ پرتھ کانٛہہ تیتھُے باسان۔

جنٛمے جے: (اسان)...... تہٕ یُس خراب چھُ آسان تس چھِ سأری تیتھِے باسان۔

سأتھی: او ہو...... یَتھ چیزس ژیٚےٚ وُچھنُک اَکھ اندازٕ چھُے...... تَتھ چھِ مکارتہٕ شیطان لوٚکھ بدلہٕ زاویہِ کنٛہ وُچھان۔

جنٛمے جے: تہٕ اُخرس پیٚتھ پوٚ ژےٚ پزان...... غلط چھُ تُلہٕ کتھٕ چہِ لرِ ہِنٛدی پأٹھی آفتابچہِ زٕ ژٕہتی آوٕسان۔

سأتھی: (شرارتہٕ سان)...... میں یہ شادی تمہارے بھروسے پر کر رہا ہوں ......ٹھیک۔

جنٛمے جے: نہیں......تم یہ شادی اپنے بھروسے پر کروگے۔

سأتھی: میٚ ناچھُ تگان کہنٛہ سوٚچُن...... میٚ چھیٚے انہِ گنٛژ زانٛڈ ژوپأری نال وٕلتھ...... (ہناہ ودن آیہِ)......اب میرے گورو تم ہی راستہ دِکھاو......(تمن کھورن پیٚوان)

جنمے جے: بس سیزٕ تہ چھیےٚ نہٕ کوکھ خاندر...... بے فِکر روزِتھ ......
میأنس وُڈنس منزٕ ییہِ نہٕ کانٛہہ رُکاوٹ...... سہٕ بنہِ نہٕ چانہِ
خأطرٕ ہ مایا...... ئلزٕ کہِ بنہِ یوگ شکتی...... تہٕ ییٚلہِ ییٚلہِ ژییےٚ
سرفن ہنٛزٕ ٹوپہِ ستیٚ یزاہ واتی...... سو بأ گراوِ چون دود...... تہٕ
ژییےٚ باسےٚ پنُن پان لوٚت...... تہٕ وأناکھ...... گُنیٖز تراوی نہٕ
ژٕٹتھ تہٕ ہٕرتھ...... تِکیازِ ہ ژییےٚ آسی گرشکتی مرہم تہٕ دواہ
کران...... ووتھ ...... ووتھ تہٕ لاگ خاندرٕچ تیاری
کرِنی...... اُٹھو...... (زن گور بٕنتھ تِمس سمجھاوان)...... چلو
میرے ساتھ۔

(گاش سوتان)



(لوکٹ مسخرٕ ہ زن پریشان تہٕ بُڈٕ ہ خوش)

بُڈٕ ہ مسخرٕ ہ: آگے آگے دیکھو ہوتا ہے کیا...... ژٕرنگہِ کیاہ اوس
تراوان......تو شان کیاہ اوس...... ہتا شکس لدا کتھؤ پیٚٹھ۔

لوکٹ مسخرٕ ہ: میےٚ ہا چھُ باسان کہتام چھُ ڈیشُن۔

بُڈہ مسترِہ: رُتے چھُ ڈیشن ...... ژٕمہٕ گرِٛتھ پریشان ...... پگہ خاندرٕچ تیاری کرو۔

لوکٹ: بہٕ نایے تور۔

بُڈہ: نتہٕ ہا چھُس بہٕ تارِ گومُت ...... دوپے پگہ لاری ما کینٛہہ ...... ووتھ أسی چھِنا مسترِہ ......اسہِ کیاہ گرِٛتھ پٔتن وانٹہٕ گوٗل نیرُن۔

لوکٹ: آہنٛوٚتہِ چھُ پوٚز۔

بُڈہ: ترٲیوٚ تیٛلہِ ......اپرُٛ ے اسُن تہٕ پگہ۔

(لوکٹ اسان)

(مسترِہ زٕ گیٛوان ہُری ونان)

السلام علیکم آوِ حض سالس

معذرت چھِوِ حض کہوٕ پیالس

گیسک گاہ پیٛوٚ گولاب مُورے

وُنہِ ہے یوٗسف دوٗرے چھُم

(بیٚیہِ اکھ زٕ ہُری گیٛوان)

(لوکٹ تہٕ بُڈہ مسترِہ چھُ گوڈٕ ہ زن چکلہٕ بناوان تہٕ پتہٕ نژان)

(گاش سوتان)



(گاش چھُ پیْوان جنمے بے رٔنس سپاٹس پیٹھ پیْوان......اتہٕ چھُ جنمے بے سُند ساتھی تہٕ جرت کاروآسان شراتہٕ سان)

ساتھی: یہٕ کیاہ چھُکھ ژٕ ونان جرت کارو......تم چھِ وطنکی دشمن بہٕ کراہ تمن معاف۔

جرات: ونان کیاہ چھُکھ ژٕ تم چھِ امیدِ ہنٛز ناوٕ برونٛٹھ پکہٕ ناوان......تم چھِ سأنی رہبر تم کتہٕ کرن غلط۔

ساتھی: (سمجھاوان)......ژیےٚ چھےٚ نہٕ پَے تم چھِ کرسی ییٚن پیٹھ بہتھ پونسہٕ ستی یکجہتی ددارٕ واتہٕ ناوان......تم چھِ صرف......تم گژھن ختم گژھٕہنز ......میےٚ چھُ عہد کوٚرمُت۔

جرت: ژٕ چھُکھ تمن توہمتھ لاگان......(ودان)......میےٚ چھِ پَے ژیےٚ چھےٚ نہٕ بہٕ خوش کران......ژٕ چھُکھ میون بدلہٕ میانٮ۟ن رشتہٕ دارن یژھان ہیٚون۔

ساتھی: اوہو......بکواس چھسکھ کران......میےٚ چھُ ثبوٗت......تمو ٹلنو و فساد......میےٚ چھُ تمن کیس کوٚرمُت تمن لگہِ سزا۔

جرت: (شرارتہٕ سان)...... ہرگاہ ژےٚ میون محبت چھُے تیٚلہِ یہِ ژٕ امہِ حرکژ نِش باز...... نتہٕ کھیٚمے بہٕ زہر...... بہٕ کھالے مارمتہٕ۔

سأتھی: (تنگ یِتھ)...... جرت ژٕ چھکھ میأنی ارد انگنی...... یِکیاہ چھکھ ژٕ ونان...... میٚ چھُ زندگی ہُنٛد یتے یوت مقصد بہٕ کرکھ تم صرف ختم...... زألتہ اوٚکھ۔

جرت: (گژھان تہٕ نالہِ متہِ رٹان)...... یٚیلہِ سأری تھی چھِ ژٕ کیاہ ہیٚکِکھ تیٚلہِ کرِتھ...... اَسہِ میلہِ فأیدہ...... ہرگاہ تمن ستی صلاح کرو...... ہُتھ پأٹھی چھُ نقصان۔

سأتھی: مگر میأنی اوصوٗل...... بہٕ کتھٕ کنی روزٕ زِندہ...... باقٕے کیاہ ونن میٚ...... بہٕ کمِس دِمہٕ بُتھ۔

جرت: ژےٚ کیاہ فایدہ چھُے...... لُکہٕ بلایہِ پان رتہِ چھیٚپہِ دیُن...... کمن ہِنٛدِ ہ خأطرِ ہ......۔

سأتھی: مگر بہٕ ڈلہٕ نہٕ وعدس۔

جرت: گوٚ مانکھ نہٕ میون...... رٹھ تیٚلہِ مار میٚ پانے...... (شراکھ ہیوٚان پانس وانٛنی)۔

سأتھی: (ہتھر بہان تہٕ ودان)...... بہٕ کیاہ کرٕ ہ یہِ کم زنجیرٕ ہ تراوِتھم نألی...... (تھوٚ دووتھان کریکہٕ دِوان)۔

جنمے جے: یبگہٕ کرو بند...... صرف چھِ سماجکۍ اہم کردار...... یم گھن رٕچھنۍ...... (ودان)...... یبگہٕ کرو بند...... بندکرو یبگہٕ (کریبگہٕ دِوان تہٕ ودان)...... بندکرو یبگہٕ صرف مرن یم چھِ وقتۍ ضرورتھ...... ییگہٕ گریٔ بنٔد۔

(پرٕدہ پیٚوان)

(أتھی سِتۍ ڈراماواتان انٔد)

❁❁❁

# Pagah Shole Dunya Te Beye Tre Drama

*A collection of Plays*



***By***
***Nisar Naseem***



JK Offset Printers, Jama Masjid, Delhi-6